[illegible] چھےٚ محفوظ جی ہنز
کوٗ[illegible]ان تہٕ کیاز سو
چھےٚ [illegible]رِن [illegible] اُس شعوری طور
زبانِ مُتعلق [illegible] نظر ژوٚو یِتھ آزاد
کرُن یژھان۔ سُہ تہٕ زِ کھُٹھ ژھوٚربِہ
کیہنہ

---

اطمینانٕچ کتھ چھےٚ زِ ترجمہ کارن
چھُ موٗل مُصنفن سُند یہ مقصد موجوٗد
تھاوٕنچ کوٗشش کٔرمژ......
ترجمہ کارس چھُ لفظن تہٕ ترکیبن
ہِندِ انتخابی صلاحیتک صحیح استعمال
نِنگان تہٕ یہ چھےٚ تمسنز خوٗبی۔ اَوےٚ
چھِ یِم ترجمہ کاشر خاطرہ رٔتی۔

رتن لال شانت

# ہِندرِیار

منٹوٗ سٕندۍ کینٛہہ افسانہ

ترجمہٕ نِگار

ڈاکٹر محفوظہ جان

کتابہِ ہُنٛد ناو : ہٕنٛد ریٚار

ترجمہٕ کار : ڈاکٹر محفوظہ جان

چھپنٕ وٕری : ۲۰۰۵ء

تعداد : ۱۰۰۰

مول : Rs.350/-

کمپیوٹر کمپوزنگ : میر محمد یوسف (ولی دارالکتابت ٹینگن، پانپور)

فون: 951951-237581

چھاپ : میکاف پرنٹرز دہلی

# انتساب

تِمن ماجن بێنِن ہِنٛدِ

ناوٕ

یِمن سون سماج لتہٕ مونجِہ

چھُ

کران



# تیری ہم رقص کے نام

رقص کرتے ہوئے
جس کے شانو پہ تو نے ابھی سر رکھا ہے
کبھی میں بھی اُن کی پناہوں میں تھی
فرق یہ ہے کہ میں
رات سے قبل تنہا ہوئی
اور تو صبح تک
اس فریبِ تحفظ میں کھوئی رہے گی!

(پروین شاکر)



# ترتیب

# تاثُرات

ترجمہٕ چھُ اصلہٕ کھوتہٕ مُشکل فن۔ باضے چھُ اکھ لفظ، اکھ ترکیب، اکھ محاورٕ اصلہٕ پیٹھٕ ترجمس اندر کتہِ کور پھیرِ پأدٕ کران ہرگاہ نہٕ تتھ صحی پأٹھی تہٕ ئرِتھ سوٚنچتھ واشراو آسہِ سپُدمُت ۔ عام نثری چیزن ہٕنٛد کھوتہٕ چھُ کانٛہہ افسانہٕ ترجمہٕ کرنہٕ وِزِ امیُک زیادَے پہن خیال پیوان تھاوُن، سُہ تہِ ییٚلہِ سعادت حسن منٹو ہِوس افسانہٕ نگارسُنٛد افسانہٕ درِدَس آسہِ نِنہٕ آمُت۔

اکہِ طرفہٕ منٹو ہِوس بزگار افسانہٕ نویس ہٕنٛدی افسانہٕ کأشرس منٛز ترجمہٕ کرُنٛچ ادبی جسارت، بیٚیہٕ طرفہٕ یہٕ جسارت کرن وول نہٕ کانٛہہ مرد بلکہ اکھ خاتون ...... أڈٕ أڈٕ نیرِنٛچ زبر سبیل۔

کیمے کال گوو پاکستانس منٛز سپٔز ادیبن ہٕنٛز اکھ اہم

مجلس یتھ اندر پاکستانی ریڈیوٗ تہٕ ٹی وی کہِ طرفہٕ منٹو ہیوٗ
بہلہِ پایہِ افسانہٕ نگار بلیک لسٹ کرنچہِ پالیسی سخ مذمت
آیہِ کرنہٕ ۔ وَننہٕ آوزِ تمیٚ بخش اَسہِ پنُن پان، پنُن
اونٛدپٔوک پننہِ حُسنہٕ قبح سان وُچھنگ حوصلہٕ ۔ تمیٚ یم گٹہٕ
کھوٚتی گاشرٕ اوی تم چھِ وُنہِ تہِ موجود تہٕ تم گاشراونچ چھِ
وُنہِ تہِ ضرورت۔

محفوظہ جان چھےٚ کُنہِ ہاوباوٕ روٚس، خاموش پأٹھی
کأشرِ زبأنِ تہٕ ادبچ واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ بے لوث خدمت
کران۔ منٹوٗ سِندٕن یمن افسانن ترجمہٕ کٔرِتھ تُل اَمہِ سُہ
بے باک قدم یُس نہٕ پننین کوٚھن کُن وُچھِتھ بیٚیہِ
کأنسہِ تُلنگ خیال تہِ ووتھہِ ہے۔

روٚزترجچ زبان ۔ ہرکانٛہہ چھُ پننہِ آیہِ بولان تہٕ
تہٕ لیکھان تہِ ۔ کأنسہِ تہِ دون ترجمہٕ کارن ہنٛز زبان ہیکہِ
نہٕ لفظہٕ ژأر رٕکنی، جُملن ہِندِ گرتہِ تہٕ باون وطیرٕ کنی کُنہِ
صوٗرتہ ہشی آسِتھ ۔ یہِ پزر رٕچھِتھ یوسہٕ زبان اَمہِ

ورتاوٕمٕژ چھَ، سو چھےٚ ہر رنگہٕ مأری مُنز تہٕ خوش یونی۔ امہِ چھَ زبان رام گرٕمٕژ تہٕ قلم نارِ کوٚڈمُت۔

محفوظہ جی اُس وُنیک تام چھرا نثر لیکھان۔ وونی چھَن شأعری تہِ اتھہٕ ترٛوومُت۔ پوٚز پزٕر چھُ یہِ فن تہِ چھُن زوٚدار پأٹھی بدس اوٚنمُت۔

بہٕ چھُس ذأتی طور منٹو سٕندی یِم افسانہٕ کأشرس اندر پھِرنٕس پیٹھ محفوظہ جی مبارکباد دِوان۔ ستی چھُس ووٚمید کران زِ یہِ ترجمہٕ لبہِ تمام ادب دوستن ہُند تہِ داد۔

امین کامل

# موٗل تہٕ ترجمہٕ

کُنہِ زبانٕ ہنٛز تخلیق بیٚیہِ کُنہِ زبانٕ منٛز ترجمہٕ کرنس پتہٕ کُنہِ کوسہٕ تحریک چھےٚ آسان؟ اتھ سوالس چھُ عام جواب یہِ یوان دِنہٕ زِ سو دوٚیم زبان تہِ کرہون مالا مال تہٕ تمِکۍ لیکھن پرٛن وأ لۍ کرہوکھ مولہٕ تخلیق کارٕ ہٕندِس تجربس أنٛزۍ منٛزۍ۔ پرٛن والین کرٕ ہاوٕنوٕ ہنہٕ تہٕ نٔول پرٛن مواد فراہم تہٕ زیادٕ لُطف تُلہٕ ٹُک موقہٕ محل کرہوکھ مویسر۔

مگر ییٚلہِ اُردو یا ہندی ٹیک افسانہٕ (یا ناول) کأشراوِنہٕ یوان چھُ ترجمہٕ کارس کیاہ مقصد ہیٚکہِ أسِتھ؟ شأعری نِسبتھ چھِ فکشن پرٛن وأ لۍ زیادٕ آسان اَتھ کتھہِ چھُنہٕ وڈتہٕ کأشرس ترجمہ کارس چھےٚ خبر زِ تسُند ترجمہٕ یم

پرٕہن تِہنز اکثر یتھ چھےٚ عام طور اُردوٗ / ہندی زانہٕ وٕنی،
تِم اگرے یِژھن تہٕ موٗلہٕ تخلیق پٔرن موٗلہٕ زبانٔی منزٕ ے۔
آیہ چھُ ممکن زِ کینٛہہ پٔرن وألی آسن نہٕ موٗلہٕ لکھأرِس نِش
وأقف، تِسُنٛد آسکھ نہٕ کہنٛی پٔو رمُت یا یِتہٕ زِ تِسُنٛد ناو تہٕ
آسکھ نہٕ بوٗزمُت۔ مگر صرف تِتھٕن پٔرن والین ہنٛزٕ
زان کأرِ یہٕ خأطرٕ ہیکن بدل تہٕ زیادٕ موثر طریقہٕ ورتاوِنہٕ
یِتھ۔ مثلن تِمن متلق لیکھن تعارفی مضمون یا اگرے
پٔرن وألی تمہٕ سوٗتھرٕکی آسہٕ نکھ تہٕ تنقیدی مضمون لیکھن
تِہنٛدِ خأطرٕ۔

تِیلہٕ کیاہ سنا تحریک گژھہِ محفوظہ جان ہِشہِ حساس
لیکھن واجینہٕ کأنسہِ اُردوٗ افسانہٕ نگارس ......سُہ أسی تن
سعادت حسن منٹوٗ ہیوٗ عظیم افسانہٕ نگارٕ ے...... کأشراوِنہٕ
وِزِ أسنیٚ؟

یہ سوال ہیکہِ یہ کتاب وُچھتھے وٕتھتھ تہٕ تہِ چھُ
مُترجم ہِنٛدِ خأطرٕ جان تہِ کیازِ اتھ سوالس چھُ جواب یمن

ترجمن اندر باضابطہٕ پأٹھۍ موٗجوٗد، بلکہِ وَنو زِ جواب چھُ ترجمہٕ پٲرتھ ضرور میلان۔ أسی نمو منٹو سٕنٛدٕن دون مشہور افسانن ''ٹھنڈا گوشت'' تہٕ ''کالی شلوار'' ہنٛز مثال تہٕ کیازِ عام پٲرن وول چھُ أمس افسانہٕ نگارس مُتلق اکھ مخصوص راے بناونس پیٹھ آمادٕ کرناونہٕ آمُت تہٕ تمہِ خاطرٕ چھُ وونۍ منٹو سُنٛد یُتھ (جانب دار) قاری خاص کریم زٕ افسانہٕ بطور مثال نِوان۔ یم تہٕ یِتھی ہوی افسانہٕ ترجمأوِتھ چھےٚ محفوظ جی ہنٛز کوٗشش بامقصد بنان تہٕ کیازِ سو چھےٚ کاشرِس پٲرن وألِس شعوری طور زبأنی مُتلق تنگ نظر رٕوی یہِ نِش آزاد کرُن یژھان۔ سُہ تہٕ نہٕ کھٕٹِتھ ژھوٗ پرٕتھ کینٛہہ۔

مذکوٗر افسانہٕ پٲرتھ چھ اُردوٗ افسانکی باشعور پٲرن وألی منٹو سُنٛد تخلیقی زبانہٕ ورتاوُک طاقتھ ژیوٗن مُت تہٕ سُہ چھُ حأران گژھتھ دِنہِ راونہٕ تہِ آمُت۔ اطمینان چھُ یہِ وُچھِتھ یِوان زِ کأشُر ترجمہٕ پٲرتھ تہِ چھُ پٲرن وول دِنہِ راونہٕ

یوان تہٕ حأرتِس گژھان۔ اَسہِ چھُ احساس گژھان زِ یوسہٕ زبان اَسہِ نام نہاد مہذب سماجہِ خأطرٕ ادبہٕ منٛز خأرج مأنٛزٕ چھےٚ تہٕ ضرورتہٕ وِزِ تتھ النکأری زبأنی ہُنٛد وولُت کران چھِ سو ما چھ أسی راوران۔ اما تمہِ راوراونہٕ سٟتی ما چھِ أسی پننہِ زبأنی ہُنٛد بے شونک وُژھ شرٚکہٕ راوان۔ یہِ احساس چھُ اَسہِ گژھان تہِ کیازِ ترجمس اندر چھےٚ تتھی زبأنی جاے آمژٕ دِنہٕ، بے وایہِ، بے غرض تہٕ بے نیاز پأٹھی۔ ترجمہٕ پرِتھ چھِ أسی پأیس تہِ پیوان زِ کیٛنٛہہ متروکہِ لفظ پیٛژٕ نبر تھوٚنی چھُ دراصل سانہِ نہ ہیکن پأیک نتیجہٕ نتہٕ چھِ یم تہِ باقٕے مخصوص تنوظرٕ کٟن مخصوص لفظن ہنٛدی پأٹھی سانہِ وراثتُک حصہٕ۔ یم چھِ سانہٕ نفسیاتکی نہایت گٔٹ پہلوٗنٛی کڈِتھ ہیکان تہٕ یہُنٛد استعمال اگر تگہِ یم زوتہٕ راون کردارس تہٕ شوٗبہ راون افسانس۔ کأشرِ زبأنی ہنٛز مشق کرن وألی، یہِ زبان تخلیقی تجربن ہنٛدِس اظہارس لاگن وألی چھِنہٕ ہران یتھٕ کنی سأنی آبأدی

کُلَس پٹھ بڈان چھےٚ ، نتیجہٕ چھُ یِزٕ تخلیقی استمالچ گنجاۓیش
تہٕ چھےٚ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ کَم گژھان۔ ووٚنی اگرے منٹو
ہیوٚ افسانہٕ نگار کاشراونہٕ یوان چھُ ، متروکہٕ الفاظ تہٕ محاورٕ
کاری خاطرٕ چھِ نوۍ امکان پاداہ گژھان۔

غاژ استمال لفظہٕ راشہ منٛز استمالہٕ خاطرٕ لفظ تہٕ
ترکیبہٕ ژارنہٕ چھےٚ لگ بگ تحقیقچ کام۔ ووٚنی ییلہِ اَدیبے
مُحقق آسہِ ، کتھہِ چھُ بروٚسہٕ ہُران۔ محفوظہٕ چھےٚ پانہٕ تہٕ
افسانہٕ نگار۔ سو چھےٚ مقامی لسانی رِوایتس اندر اندر نام
نہاد متروکہٕ لفظہ راش استمال کرانے۔ تَمۍ سُند ذیہن چھُ
پانے موافق زبانۍ ہُند تحقیق کران۔ اِوَکنۍ چھےٚ سو شاید
منٹو ہس ترجمہٕ کرنس زیادٕ اہل۔

زبانۍ ہُند ورتاو چھُ افسانہٕ نگارِیہِ ہُند اکھ سےٚٹھاہ
اہم پہلو ، تہِ کیازِ زیرِ ذکر سِتھتی Situation چھ ہمیشہِ
اکھ Specialised زبان منگان تہِ کیازِ پرٛتھ کانٛہہ
سِتھتی سو پریم چندٕنی ہِش ہموار آسی تن یا انتظار حُسینٕنۍ

ہِش سٗنٛز تہٕ ورل چھےٚ افسانہٕ نگارس نِش Specialised
آسان۔ الگ پاٹھی ہیٚکن کینٛہہ ترکیبہٕ، کینٛہہ علامتہٕ،
کینٛہہ الفاظ وُچاپہ یاغاٗر مہذب باٗستھ مگر افسانہٕ نگار ہِندِ
خاطرٕ چھُ تمو منٛز پرٛتھ اکھاہ سون روپھ تہٕ لال۔ سُہ
چھُنہٕ زبان اِو خاطرٕ استمال کران زِ زباٗنی ہنٛدِس ورتاوس
کُن پھرِ سون توجہ۔ بلکہِ تسنٛز زبان چھےٚ اَسہِ تسنٛدِس
تخلیقس یعنے نوٚ سرٕ پاٗدٕ کٔرِی مرٕ ستھتیہِ تہٕ کردارس کُن
متوجہ کران۔ أسی چھِ زباٗنی ذریعہ کردارس کُن پھیران نہ
زِ زباٗنی اندرٕ ے ہیٚنہٕ یوان۔ أسی چھِ کردار ہنٛزِ ذیہنی
حالژ کُن ماٗیل گژھان۔ منٹوٗ ہس لوٗگ نہٕ یہِ الزام زِ تٔمی
کوٗر سماجُک اخلاقی نظام خراب تہِ کیازِ تسُنٛد افسانہٕ پرن
وول چھُ پننہِ اخلاقی تعصبہٕ نِشہِ آزاد گژھتھ کردار ہِندِ
ذیہنی اضطرابہٕ یا وولساوِ کِس دُنیاہس منٛز شاٗمل
گژھان۔ زبانہِ ہنٛز بےٚ پردگی چھےٚ اَسہِ کردارٕ ہِندِ بے
پرٕدٕ گژھنٛچہِ مجبوٗری ہُنٛد باس دِوان یُس بے ساختٔگی سان

تہِ تہِ ونان چھُ یہِ تِمس ہرِ کھسان چھُ۔ منٹوٗ سُنٛد اکھ اکھ
کردار چھُ اَسہِ ویوٚد تہِ کیاز ِ سُہ بیان کرِنچ تہٕ تسنٛدِ مکالمچ
زبان چھےٚ موزوٗن ترین لفظ ژٲرِتھ مُرتب گٲمٕژ۔

افسانہٕ نگارٕ سنٛد بیانٛچ زبان تہٕ کردار سنٛدِ مکالمچ
زبان چھےٚ موٗلہٕ تلہٕ اکی آگرٕ نیرتھ تہِ مصنفہٕ سنٛدِ فنہٕ کِنۍ
بیوٚن باسان۔ سُہ چھُ دوشوٕنی منٛز محتاط تہٕ Selective
آسان۔ بعضے چھُ اَسہِ باسان زِ تسنٛدِ بیانٛچ زبان ہیکہِ
مصنوعی اَستھ تہِ برمحل اَستھ مگر کردار گژھِ بہر حال فطری
زبان بوٗلن۔ یہِ چھُنہٕ صحی موازنہٕ۔ کُنہِ تہِ تنوظرس منٛز
افسانٛچ زبان مصنوعی آسنٕچ چھُنہٕ تِمچ کانٛہہ جاے۔ مصنوعی
گیٖہ سو یوسہٕ لِمتھ تہٕ زبردستی سٕتھتیہ لاگِتھ باسہِ، ییٚمہِ
بدلہٕ مُتبادِل زبان مُمکن آسہِ۔ یتھ زِ سٕتھتی ووتلاونس بہتر
مدد کرِ، یتھ منٛز مصنفہٕ سُنٛد غاٗر ضروری عِلم بولان آسہِ۔
یہِ سورُے وٕنتھ تہِ چھِ اَسی مانان زِ بیانس منٛز چھےٚ توتہِ
بناوٹس کانٛہہ گنجایش اماپوٚز مکالمس اندر چھُنہٕ بلکل۔

وُچھو منٹو سُنٛد کردار چھُ تیوٚت صاف تہٕ Striaght
آسان زِ مُصنفہِ سُنٛد وصیلہٕ چھُنہٕ ضرور تھے پیوان۔ یِیٚتھِن
کردار کتھ کران چھُ تتھِن چھُنہٕ مُصنفہٕ سِنٛد تارِیفی یا
وُکھنَے دار جُملک رژھ تہِ ضرورتھ پیوان۔ عام پاٹھی
چھنہٕ اُمِس Straight کردارس استعارٕ ہیوٚ کانٛہہ وَل
استمال کرنک تہِ ضروٗرتھ پیوان۔ ووں گوٚ یِیٚتھِن سہٕ یُتھ
وَل ورتاوان چھُ تتھِن چھِ کتھ گوڈَے صاف گاٹِھ آسان
تہٕ استعارُک مفہوم چھُ استعارٕ بروٚنٛھے پرن والِس سمجُھت
آسان۔ مثال نمو "ٹوبہ ٹیک سنگھ" افسانٕچ۔ بیان چھُ
اتھ اندر Objectiveہموار تہٕ factual۔ اَمہِ سٟتی
چُھنہٕ افسانہٕ نگار کردار سُنٛد اندروٗن بلاضرورتھ وبڑھناوان۔
مکالمہٕ تہِ چھِ اتھ افسانس منٛز کمے مگر تِم چھ برابر ٹھیک تہٕ
صحی۔ کأشرس ترجمس اندر چھُ یہِ وطیر تِتھے کٔنہ پانہٕ ناونہٕ
آمُت۔ اَخرس پیٹھ چھُ مصنف بے لاگ پاٹھی ونان:۔
"اورِ یور آے افسر دوان تہٕ پندہن ؤرِ ین

پننِن زنگن پٔٹھ درن وول وُچھکھ بُتھی کِنی پیومُت۔
یپاٗری اوس کنڈ تارِ پتہٕ کنہِ ہندوستان...... تہٕ ہُپاٗری یژھی
تارِ پتہٕ کرنہٕ پاٗکستان تہٕ منٛزس یتھ زمینہِ پاوِ پٔٹھ، یتھ
نہٕ کانٛہہ ناو اوس، اوس ٹوبہ ٹیک سنگھ پیومُت"۔

اَسی ونو زِ اتھ اندر چھُ افسانہٕ نگار" قابلِ غور"
مضمون قابل قبوٗل بناونہٕ خاطرٕ سیدِ سیوٗد بیانہٕ بدلہٕ اِستعارٕ
ورتاوان۔ مگر سو کتھ چھنہٕ۔ تٔمسُند استعارٕ تہٕ چھُ ورٕ ورآے
تہٕ سیوٗد آسان تتھ اندر چھِ نام نہاد عذرٕ چ ژھاے برابر
موجوٗد آسان۔ منٹو چھُ زبانٕی ہُنٛد نہایت باشعوٗر استمال
زانان۔ سُہ چھُ متروٗکہٕ الفاظن اندر تام تخلیقی استمالکۍ
امکان ژھانٛڈِتھ ہیٚکان۔ تٔمسُند مقصد چھُ پرن وول کردار
یا سِتھتی ہندس ماحولس کیفیتس تہٕ ارادس تانٛی واتہٕ ناوُن۔
یِیلہِ نہٕ سماجس مختلف صورتحال مختلف کردا رموخصر فرق
ان ہِشرتہٕ بٔن ختم کرنس منٛز یا تہٕ دِل چسپی چھنہٕ یا
ضرورتھ چھُنہٕ یا طاقتھ چھُنہٕ، ادیبس تہٕ خاصکر افسانہٕ

نگار ہسے کیاز ِکھارو اَمہِ بہٕنگ تصویر بناوٕنس پیٹھ راہ ؟ یتھ تصویر بنأوِتھ چھُ افسانہٕ سماجس تہٕ فردس أنہٕ ہاوان بعضے ہوٗ بہو بعضے مُبالغہ سان ییمہِ ؔستی تس جیر ییہٕ ۔ نہٕ چھُ منٹوٗ نصیحتھ کران تہٕ نہ َ چھُ سمأجی مسٔلن حل دِوان ۔ اکہِ پھِرِ واتہٕ نووٕ ٹُمی پٔژن پرن وول کردار ہنٔدِس بأطنس تانی تہٕ تسُنٔد مُدعا تہٕ مقصد چھُ پوٗرٕ گژھان ۔ اطمینانٕچ کتھ چھےٚ زِ ترجمہٕ کارن چھُ موٗلہٕ مصنفہٕ سُنٔد یہِ مقصد موجوٗد تھوٗنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ ۔

شنکر وۄتھس بڈٕ اطمینانہٕ سان ”ژٕ تہِ آسکھ ضرور کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کران“ ۔

”ژھرٹہٕ ژھرٹھ“

”بہٕ تہِ چھُس تی کران“

”وولہِ دوشوٕے کرو“

”بہٕ چھُس حأضر...... مگر ژھرٹہٕ ژھرٹھ کرنٕک قیمتھ تہِ چھُس نہٕ بہٕ دِوان“ ۔

''ذرا کر ہوش ۔ییٚتہِ کیاہ مُفت لنگر چھا؟''

''بہٕ تہِ چھُس نہٕ مُفتس کأم کرٕوٗن والنٹیر''

(کرٛہن شلوار)

ترجمہٕ کارس چھُ لفظن تہٕ ترکیبن ہٕنٛدِ انتخأبی صلأحیتُک صحی استمال تگان تہٕ یہِ چھےٚ تسنٛز خوٗبی۔ اوَے چھِ یم ترجمہٕ کأشرِ خأطرٕ رٕتی۔

سُبھاش نگر۔ جوٚم ۔10 جون 2005ء رتن لال شانت

# اکھ سام

زٕ ژور ؤری بروٚنٹھہ اوس لل دید فاونڈیشنہٕ سرینگر کِس ٹائیگور ہالس منز ترٕن دوہن ہُنٛد سیمنار منعقد کوٚرمُت ۔ یتھ منز شرکت کرنچ مےٚ تہٕ أَس داوَتھ دِنہٕ آمٕژ۔اَمہِ کِس اجلاسس منز أَس میانہِ ذمہٕ دون کاشرٕن کتابن ہنٛدِ اجرایچ کاٗم تہٕ تھاونہٕ آمٕژ ۔ یَیلہِ کتابن ہنٛدِ اجرائُک وَق ووت تہٕ اَمِیُک اعلان سپُد، اکھ سنبٹھہٕ ہے سوندر تہٕ پُروقار شخصیت گٔرٕژ سٹیجس پیٹھ ۔ یہ اوس گوڈٕنیُک موقع یَیلہِ بہٕ ڈاکٹر محفوظہ جانہِ سٍتی متعارف سپُدس۔ میاٰنی جذبات أَسی تمہِ دوہہٕ بروٚنٹھے برٕ بگہٕ آمتی تِکیازِ بہٕ اوٚسُس نِو سرِ تامیر سپدی متس ٹائیگور ہالہِ کِس سٹیجس پیٹھ قریباً ژُ واہہِ وُہری اِستادٕ یتھ پیٹھ مےٚ پننہِ

وأنسہِ ہۆنڈی سبٹھاہ موٗللی دوہ گُذأری مۆتۍ آسی ۔ یتھ پٹھ مےٚ مختلف کِردارن زٔنم اوس دیُتمُت تہٕ بحیثیت ہدایت کار وار یاہن تخلیقن گوڈ اوس بوٗرمُت ۔ اتھ سٹیجس پٹھ ییٚلہِ مےٚ رِبن مۆرأوِتھ محفوظہ جی ہنٛز کتابہٕ اتھس منٛز رٔچہٕ مےٚ باسیوٗ زِ ماجہِ کٲشرِ چھےٚ ہتہٕ بدٕن وٕرِین ہنٛز ہُشار گاٹٕمٕژ تہٕ تمہِ چھُ کٲشرِ زنانہِ نوٚو زنم دِتھ پننی زبو دِژٕمٕژ تہٕ سوٗچھےٚ پننہِ برٛیڈِ ژٕٹتھ پننی انفرأدیتھ ژھارنہِ دژامٕژ ۔ تمہِ پتہٕ زٲنی مےٚ ماجہِ کٲشرِ ہنٛز یہ ٹاٹھ کوٚر تمن کتابن ہنٛدٕن صفن منٛز ، باوتھ میگزینس منٛز چھپےٚ مٔتِس موادس منٛز ، تہٕ تمہِ پتہٕ تہندٕن افسانن ، مقالن تہٕ تمن مونو گرافن منٛز یم تمو ساہتیہ اکادمی خاطرٕ چھ لیکھمتۍ ۔ یمو تخلیقو منٛزٕ چھِ کینٛہہ فنی لحاظہٕ تیتۍ وسوار زِ تم ہیکن کُنہِ روٗ رعایتہٕ ورأے کٲشرِ ادبچن میلہِ کنٛن ہُنٛد درجہ پرأوِتھ ۔ تہنٛزٕ تصنیف چھِ أکِس زنانہِ خاص طورٕ أکِس کٲشرِ زنانہِ ہُنٛد پننی اکھ اگر شناخت اکھ الگ مرتبہ ژھارنٕک جستجو ۔

یتھنۍ وٕرۍ ین منز پیٚژاہ کتابہٕ محفوظ جی شایع چھ
کرمٕژ تمہِ تلہٕ چھُ اندازٕ لگان زِ تِہند تخلیقی آگُر کوٚتاہ
برجستہٕ تہٕ ساٚدر وار چھُ ۔ تہٕ یہ چھُ یہندُ ے بِتُر زِ یمو چھُ
کأشرِ موٗلہٕ کِس بأغی بے باق تہٕ عظیم افسانہٕ نگار سعادت
حسن منٹوٕ سنٛدٕن افسانن کأشُر ترجمہٕ کرُنک جُرتھ کوٚرمُت ۔
خاص کر تِمن افسانن ہُنٛد یہندِ خأطرٕ سہٕ سماجہِ کِبن
نُوسورن وُرن تُلہٕ نہٕ کِس پاداشس منز کأڈھس تام
کھاریوکھ ۔

سعادت حسن منٹوٕ ہس متعلق کیاہ ہیکہِ مےٚ ہیوٗ
ناچیز کینٛہہ وٕنتھ ۔ سُہ اوس اکھ لیجنڈ ، اکھ تیٚتھ قلم کار یُس
وقتہٕ بروٗنٛہہ تھنہٕ اوس پیومُت ۔ انسأنی نفسیاتچ پیٚژاہ
پأرۍ زان تِمس أس شاید ے أس تمہِ وقتہٕ کِس بییہٕ
کأنٛسہِ لکھأرِس ۔ محفوظ جی چھِ ییٚمہِ سومبرنہِ خأطرٕ منٹوٕ سنٛدِ
تخلیقُک پرٛتھ کانٛہہ روخ نظرِ تل تھأوِتھ تِم افسانہٕ
ژأرۍ مَتۍ یِمن أسۍ أمِس عظیم فنکارٕ سنٛدۍ Representative

افسانہٕ ہکو وٕنتھ یۣتہٕ اکہِ طرفہٕ ۱۹۴۷ ہکہٕ تانڈوٗک تہٕ نا انسانن ہنٛد ننگہٕ ناچُک المیہ چھُ، ٹھنڈا گوشت، کھول دو تہٕ ٹوبہ ٹیک سنگھس منٛز کالہٕ شھمار بٕنتھ اَسہِ زخمن کرٲلی ٹلان چھُ تتہِ چھُ گولی، ساڑھے تین آنے، رحمتِ خداوندی کے پھول، خورشید، بو تہٕ دُھوان منٹو ہنٛدِ انسانی نفسیاتکی بدٕن رنگ وہرٕھناوان۔ گرا طنزچہٕ کنکنہِ تھومبہِ تھومبہِ کڈان تہٕ گرا پانہٕ اسان اسان اَسہِ وٕد ناوان۔

اکہِ زبانٕی پیٹھ بیٚیس زبانٕی منٛز کانٛہہ شاہکار تارُن تہٕ تمیُک ترجمہٕ کرُن چھُ اکھ تیُتھ کار دارد معاملہٕ یٚمہِ چہٕ کہہ وَچہٕ پیٹھ چھِ کمے ترجمہٕ کار وٗتران۔ خاص کٔرتھ تم یَم اصلُک ہر تریرن وأرِلس تام واتہٕ ناونس منٛز کامیاب چھِ سپدان۔ تمن لگن دِیہ محفوظہ جی ہُنٛد یہ ترجمہ سومبرن بصیرتھ یَم کاشُرِ زبانٕی ہنٛز تنگ دامنی ہندی وہدا اکھ چھِ دوان۔ نموٗنہٕ خاطرِ وُچھی تو تمو کتھہٕ پأٹھی چھ ٹھنڈا گوشت افسانہٕ کہِ اکہِ سٕٹھہِ ہے زأولہِ رنگُک ترجمہٕ کوٚرمُت۔

پُرِتھ چھُ باسان یہ چھُ اکِہ کأشرِ افسانکُے حصہٕ۔

"کلونت کورِ اُسی اتھہٕ کھور پوٗٹھی، کھٔلی تہٕ مضبوٗط، وٕتھی پوٗٹھی لنگ۔ ویٹھ پوٗٹھ یڈ۔ تھوٚد سینہٕ، تیز أچھ۔ پیٹھی مِس وُٹھس پیٹھ زأولین والن ہُنٛد سوٗرمہٕ رنگ تہٕ مسٔتی۔ہونگنہِ تلے اوس ننان زِ یہ زنان چھِ گُھری فہٕ۔

اَمی افسانک بیاکھ حصہٕ نی تو یُس افسانکس کلامیکسس کُن رَو چھُ ترٛاوان۔

کلونت کور چھِ تنگ ییتھ ایشر سنگھنہِ مردانگی چیلنج کران۔

"ایشر یارا ووٗنی ہا گوٚو واریاہ ترٛاو ووٗنی تُرفہٕ پوٚٹ۔گِند ووٗنی باز"۔

اَمہِ کتھہِ زن ژٕلی ایشر سنگھس سأری پٔڈ اتھہٕ منٛز نیر تھ۔شانشہِ ہوٚت پیوو کلونت کورِ لرِ۔ ڈکس پھوٚٹُس عأرکھ۔کلونت کورِ تہِ کُرٕ پنٕنی کٔنی ایشر سنگھ گرماونچ کوٗشش۔مگر ایشر سنگھس گوٚو نہٕ اَلہٕ ڈلہٕ تہِ۔

افسانہٕ کھول دوٚہک ارتقائی حصہٕ چھُ دون لفظن کھول دوٚہس منٛز تمہِ وحشی پنٛک اکھ تر پھاٹہٕ ناوٕنی تۆژھ تصویر ییٚمہِ کنٛہن چھوکن ستہٕ ونزاہ ؤری گنٛذرنہٕ پتہٕ تہٕ بُلغار چھِ نہٕ بنان۔ منٹوٕ سٕنٛدِس اتھ تصویرِس چھِ محفوظہ جان یتھہٕ کٔنٛی کاشُر وردن لاگان۔

''ڈاکٹرن ترٲو سٹریچرس پیٹھ پےٚ مرٕ لاشہِ کُن نظر۔ نبض وُچھنس تہٕ سراج الدینس ووٚنُن'' دأر مُرٕ راو'' ۔

سکینہٕ ہنٛس مورٕدِ پانس آیہ حرکت تہٕ نبتہٕ موٕمتوٕ اتھو مُژرٲو تمہِ یہِ زارس ڈوٚر تہٕ شلوار ووٚلُن بون۔ مُری دِیادِم سراج الدینس ژٕج خُشی ہنٛز کریکھ بٕہرتھ۔

'' زندے چھِ ڈاکٹر صاب میأنی کوٚر چھِ زندٕ......'' ڈاکٹر گوٚو کلہِ پیٹھہٕ نلس تام عأرقے عأرق۔

یتھے کٔنٛی چھُ باقے افسانن ہنٛدِس ترجمس منٛز تہٕ محفوظہ جی سعادت حسن منٹونٛن افسانن ہُنٛد روٗح برقرار تھوٚمُت۔ تہٕ یتھہٕ کٔنٛی چھُ محفوظہ جی سعادت حسن منٹوٕ تتھ

پُرنہِ منز واتہٕ نووٕمُت یِیمہِ پبٹھہٕ سمیہ اکہِ تمُی ہِنٛدی اجداد ہجرتھ کُرِتھ دزٕ اِتی آسی۔

مےٚ چھِ پوٗر ووٕمید زِ محفوظہ جی نہ آگرٕ روزن یِتھے گنٛز ناگہٕ رادوٗزان۔

۱۱/اکتوبر ۲۰۰۴ء

پران کشور

پونہ

# سرنامہٕ

سعادت حسن منٹو چھُ برصغیرُک سُہ عظیم افسانہٕ نگار یُس پننہِ تجربہٕ تہٕ حُسن کأری ہٕستی اُردو افسانس تھز رس تہٕ بجرس واتناوِتھ با مقصد بناوان چھُ۔ سعادت حسن منٹو یُس تہِ ماحول، اوٚند پوٚک، کردار تہٕ موضوع پننین اِفسانن منز ورتاوان چھُ تہِ سورُے چھُ أہندس أندس پکھس منز سپدان۔ تِم سأری واقعہٕ، کردار تہٕ تجربہٕ یِم منٹو ہٕندِس مشأہدس منز یوان چھِ، چھُ فنکأری سان اتھ پننہِ فنُک جامہٕ وَلان۔ یێلہِ سعادت حسن منٹو ہٕندٕن افسانن ہُنٛد مطالعہٕ کران چھِ، پزٕتھ افسانہٕ چھُ پننہِ ماحولٕچ ترجمأنی کران۔ سمأجی نا انصأفی، نا برابری تہٕ غربتُک احساس چھِ پھِری پھِری ووتلان۔ اجتمأعی تہٕ خاصکر انفرأدی استحصأل نٕہجہ چھِ یِمن افسانن ہُنٛد خاص ہرتر۔ افسانہٕ نگار چھُ سمأجی استحصأل نٕہجہِ یِیمہِ آیہِ پردٕ تُلان:

”ڈاکٹر نے اسٹریچر پر پڑی ہوئی
لاش کی طرف دیکھا۔ اسکی نبض ٹٹولی اور
سراج الدین سے کہا: کھڑکی کھولی دو۔
سکینہ کے مردہ جسم میں جنبش پیدا
ہوئی۔ بے جان ہاتھوں سے اس نے ازار
بند کھولا اور شلوار نیچے سرکادی۔ بوڑھا
سراج الدین خوشی سے چلایا” زندہ
ہے...... میری بیٹی زندہ ہے...... ڈاکٹر سر
سے پیر تک پسینے میں غرق ہوگیا“۔

(افسانہ: کھول دو)

یتھہٕ پاٹھی چھُ سعادت حسن منٹو انسانہٕ ہُند معصوم
کردار بروٚنہہ کُن انان یُس سماجی استحصالک شکار
سپدان چھُ۔ امیُک ردِعمل چھُ تمن سارِنے ہکفیرٛن ہُند
یُس قو درتکِہ ادراکہٕ پٹھ حساس انسان ژینان تہٕ محسوس
کران چھُ۔

سعادت حسن منٹوٕ سٕندی افسانہٕ پٕرِتھ چھُ اَوٚ ہُنٛد اعلیٰ مقام متعین ہیکان کٔرِتھ زِ تَس کاُژاہ ذہنی وُستھ چھِ اٚسمٕژ تہٕ تمہِ دورُک پوٚرٕ صوٗرتحال چھُ بروٗنٛہہ کُن یوان۔ تتھ دورس منٛز یم تہِ مسائیل انسانس درپیش چھِ۔ معاشی، اقتصادی، سماجی استحصالی، نابرابری، بربم تہٕ فریب مدنظر تھاوِتھ چھُ تمہِ دورُک پوٚر اوٚ ندپوٚک اٚچھن بروٗنٛہہ کنہِ رقص کران تہٕ گیہے چھُ مذہبکس ناوس پیٹھ استحصال کرن والین ہٕنٛدِ بُتھِ پیٹھ پرٕد ووتھان تہٕ گیہے سُہ خوفناک منظر بروٗنٛہہ کُن یِوان زِ بے بس، لاچار تہٕ مجبوٗر انسانن ہٕتی کمہِ کمہِ رنگہٕ اوس ظُلم سپدان تہٕ یہِ ظُلم کرن وول اوسنہٕ بدل کانٛہہ بلکہِ خود اِنسانٕے یُس اٚچھن یٹ لاگِتھ مظلوٗمن ہٕنٛدِ رتہٕ اَتھ رنگان چھُ۔ مثالے

”جس مکان پر...... میں نے دھاوا
بولا تھا...... اسمیں سات...... اسمیں سات آدمی
تھے...... چھ میں نے...... قتل کردیئے...... اسی

کرپان سے جس سے تو نے مجھے ...... چھوڑا سے

...... سُن ...... ایک لڑکی تھی بہت ہی سُندر

...... اسکو اُٹھا کر میں اپنے ساتھ لے آیا...... نہر کی

پٹڑی کے پاس، تھوہڑ کی جھاڑیوں تلے میں نے

اُسے لٹا دیا...... پہلے سوچا کہ پھینٹوں، لیکن پھر خیال

آیا نہیں ...... میں نے ......میں نے پتاہ پھینکا

لیکن ...... لیکن ......وہ ......وہ مری ہوئی

تھی ...... لاش تھی...... بالکل ٹھنڈا گوشت......"

(افسانہ: ٹھنڈا گوشت)

سعادت حسن منٹو اوس أکِس تِتھِس ماحولس منز

پرٛتھیوٗمُت یُس امہِ کِنۍ بسکین دارن ہٕندِ ن ذیٚہنن

تہٕ دِلن پوٚرِ پأٹھۍ سنٛیوٗمُت چھُ۔ سُہ روٗ دسما جس منز سپدن

واجنٛن حرکژن وُرن ٹُلنس منز کامیاب۔

بہٕ چھَس أمۍ سے عظیم افسانہٕ نگار ہٕندۍن کینژَن

افسانن ہُنٛد ترجمہٕ توہہِ بروٗنٛہہ کنہِ پیش کران تیٚمۍ

سٕنٛدی افسانہٕ از تہِ پُرکشش تہٕ شوٗبہٕ دار چھِ۔ یُس پٔنٛنِس
تٔہذیبس، پوٚت کالس، تمدنی زندگی، سیاسی تہٕ سماجی
موضوعن پٔنٛنہِ تخلیقن منٛز کاری گری سان کیٛنٛہہ اخذ کرنٕک
تہٕ تِمچ باوَتھ کرنٕک پرٛتھ ساتہٕ موقعٕہ فراہم کران چھُ۔
یوہے چھُ وجہ یِم افسانہٕ پرٛتھ لٔج میانٛس أندرِمس
ناگرادس وُزِن تہٕ مےٚ لوگ پٔنٕنہِ مقدوٗرٕ موٗجب یِمن
کیٛنٛژن افسانن ترجمہٕ کرُن۔

اکثر چھُ یہِ خیال کرنہٕ یوان زِ اُردو پٹھہٕ کأشرس
ترجمہٕ کرُن تہٕ شأعری مقابلہٕ نثرس ترجمہٕ کرُن چھُ
آسان۔ مگر منٹو سٕنٛدہِن افسانن ہٕنٛدی پلاٹ کردار تہٕ
کردار و دٕسی ورتاونہٕ آمٕژ زبان یوسہٕ أکِس مخصوٗص
کلچرس منٛز پیوستہٕ چھےٚ یہِ کأشرِس منٛز پھرِنی کأژاہ گوٚب
چھِ امیُک احساس سپُد مےٚ ترجمہٕ کران کرانٕے۔ خاص کر
أمی یوسہٕ زبان کردارن دِژمٕژ چھےٚ سو چھےٚ عام بول چال
یتھ سانہِ زبأنی منٛز متبادِل ژھانڈنی ہرگاہ ناممکن چھُنہٕ مگر

مُشکل چھُ ضروٗر۔ بیا کھ کتھ چھےٚ یِتہٕ زِ منٹو ہٕندٮ۪ن کینژَن افسانن پٮ۪ٹھ چھےٚ پننہٕ وقتہٕ فحش پرستی ہنٛز توہمتھ لاگنہٕ آمٕژ۔ یہِ چھُ صحی زِ یہِ سپٕز غلط ثابت مگر تمہِ پتہٕ چھِ أہندٮ۪ن یمن افسانن کاٗشرِس منٛز پھرنس یہِ دِقتھ یِوان زِ اَسہِ چھُنہٕ یِژھن باوٕژن باپتھ وُنہِ تہِ موزوٗن ادبی محاورٕ۔ تمہِ باوُجود چھےٚ مےٚ کوٗشش کٔرمٕژ یہِ چھُ پرن والیٚن تام زِ تمن کھسیا یہِ ٹارِ رِکنہٕ نہَ۔

بہٕ چھس جناب امین کاملؔ، پروفیسر آر۔ ایل شانت تہٕ پران کشور صاۂبنۍ بے حد مشکور یمو مصروفیا تو باوجوٗد یمہِ کتابہِ ہٕندِس تمہید لکھنس گوڈٕ انو آری دِژ۔ میون فرض چھُ پروفیسر شفیع شوق صاۂبن تہِ شکریہ کرُن یمو پننہٕ تاثرات یتھ کتابہِ منٛز پیش کٔرکۍ تہٕ آخرس پٮ۪ٹھ چھَس بہٕ خصوصاً ڈاکٹر رتن تلاشی صاۂبن تہٕ ڈاکٹر مجروح رشید صاۂبنۍ تہِ شُکر گزار یم ترجمہٕ کرنس دوران مےٚ رٕتی تہٕ موٗللی مشورٕ دِوان روٗدی۔

محفوظ جان

# ہٕنٛدرٛیار

ایشر سنگھ ییٚلہِ ہوٹلہٕ کِس کمرس منٛز ژاو کلونت کور وٕژھ پلنگہِ پیٹھٕ تھوٚد تہٕ کینژَس کالس روٗز نارٕ ٹاکی ہِشو اُچھوتَس مُدے گنٛڈِتھ وُچھان تہٕ اَمہِ پتہٕ تھٕوٗن دروازس چُھٹکِنی ۔ رأژ ہنٛزٕ باہ آسہٕ بجے ہٕژ ۔ سوٗرے شہر اوس دبہٕ لرِ پیٚوٗمُت تہٕ ژوپأری دَم پھُٹِ ژھوپہٕ۔

کلونت کور کھٕژ پلنگس پیٹھ تہٕ ہیٚتھ ژاٹہٕ لوٗٹھ کٔرِتھ ۔ ایشر سنگھ اوس کوٗنجس منٛز کرپان اَتھس کیتھ رٕٹِتھ پننِسے حأری ژاتن سنٛیوٗمُت ۔ سُہ اوس پنٕنہٕ نِنی کھرٕ بن گنٛڈ مُژران رٕہتھ گوٚمُت ۔ کُتھ اوس زَن ژھوپہِ ستی بٔرِتھ ۔

کلونت کورِ آو نہٕ اَمہِ آیہِ بہنَس وار۔ تمہِ مۆژِ زَنگہٕ تہٕ پلنگس اویزان ترٲوِتھ رۄز ألہٕ راوان۔ ایشر سنگھ رۄ دتوتہِ ژھوپہ کٔرِتھ۔

کلونت کورِ ٲسی اتھہٕ کھور پۄٹھی۔ کھٔلی تہٕ مضبوٗط لنگ۔ ویٹھ پۄٹھ یڈ۔ تھوٚد سینہٕ، تیز أچھ، پیٹھی مِس وُٹھس پیٹھ زٲولبن والن ہُنٛد سورمہٕ رنگ تہٕ مستی، ہونگنہِ تلے اوس ننان زِ یہ زنان چھ کھٔری قہٕ۔

ایشر سنگھ اوس ووٗنی ہورُن کۆنجس منٛز ژھوپہ کٔرِتھ کلہٕ بون کُن ژٕھنِتھ۔ باسان اوس زِ تَس چھُ چیر گۆنڈمُت دستارٕ زَن نٲلی گۆمُت۔ کرپان اَتھس منٛز رٕٹِتھ ٲسس اَتھن تھر ہِش مگر أمی سُنٛد ووگہِ نیار تہٕ دربر وُچھِتھ اوس ٹاکارٕ باسان زِ سُہ چھُ کلونت کورِ ہِشہِ ساندِ کیٛتھ گٔرِتھ تہٕ ژٔرِتھ مرد۔

اَتھ زِ یچھِ ژھوپہ منٛز نظر بون کُن ترٲوِتھ ہیٛوٚک کلونت کورِ چھراوٕنتھ ''ایشر یارا''۔

ایشر سنگھن تُل کلہٕ تھۆ دتہٕ کلونت کورِ کُن ترٲوِن نظر مگر تسنٛدِس نارِکس ہوٚلس نہ تاب أنتھ نمروُن ستی کلہٕ۔

کلونت کورِ ژٕج نارٕ کرِتھ نیرِتھ "ایشر یارا...... مگر ستی سوتیہِ تہٕ پلنگہٕ پېٹھٕ وۄتھتھ گیہِ ایشر سنگھس بروٚنٛہہ کُن تہٕ پرٛژھنس۔ "کتہِ اوسُکھ ژٕ پیتھن دوہن" بیٚیہِ ہنا تہِ سوٚتِتھ "وَن تامےٚ" ایشر سنگھن پھیرِ زِیو پنٕنۍ ہوٚکھۍ متن وُٹھن۔ "مےٚ چھَنہٕ خبر"۔

اَمہِ جوابہٕ ستی ڈٲزِتھ دِژ کلونت کورِ کرٛکھ۔ "یِتہِ چھا کانٛہہ جواب...... ایشر"

ایشر سنگھن دِژ کرپان أکِتھ کُن دٲرِتھ تہٕ پلنگس پېٹھ ترٛووُن پان دراز۔ باسان اوس زنتہٕ کتی ہن دوہن ہُنٛد بیمار اوس۔ کلونت کارِ وُچھ پلنگس کُن یتھ سأری سے پېٹھ ایشر سنگھ وَہراو نہٕ اوس آمُت۔ أمِس ووپدییہ دِلس منٛز أہنٛز سمٛبتھاہ ہمدردی۔ اَتھ تھوونس لولہٕ سان ڈیکس پېٹھ تہٕ وۄژھس۔ "یارا...... خأرٕ ے چھا۔ ژٕ ے کیاہ

دلیل چھے"۔

ایشر سنگھ اوس تالوس کُن وُچھان تہٕ سوچان۔ تمی پھِر نظرِ تہٕ بیوٚٹھ کلونت کورِ ہنٛدِس ازماوی متِس بتھِس کُن ژرزنہٕ۔ "کلونت"! اہنزِ آوازِ منز اوس دِلُک دود تہٕ دَگ رٕلِتھ۔ کلونت کورِ زن وٕژھ وُٹھن تھمبرِ تہٕ یاراوٕنتھ ہیٚتِنٕ دندن تَل ژاپنٕ۔

ایشر سنگھن ٹُل دستارِ کلہٕ پیٚٹھ تھوٚد۔ کلونت کورِ کُن ترٛاوِن نظراہ۔ کلونت کورِ ترٛاوِنٕ نچہِ یڈ پیٚٹھ ٹاس جوراہ کلَس دِنَن دِتھ لوٚگ پانس ستی وَننہِ۔ دِل تہٕ دماغ چھُ خراب......"دِننہِ ستی گوٚو اَمس مَس لوٚٹھ یلہٕ۔ کلونت کورٕ لٕج اہندِس مستَس اوٚنگجو ستی کنگو دِنہٕ۔ پانس ستی رٕٹِتھ وٕژہس۔ "ایشر یارا۔ وَن یارا ییٚتہن دوہن کتہِ اوسُکھ؟"۔

"شیطان سِندِ گرِ...... ایشر سنگھن کُر کلونت کورِ کُن نظر تہٕ دویو اَتھو روٚٹنس سینہٕ تہٕ لوٚگس پھِش دِنہٕ۔

واہگر وسٕنز دِرٛ ے زٕو دارزنان چھکھ۔"

کلونت کورِ رٕٹی ایشر سنگھنٕ اتھ پتھ تہ ہوکُن دَ کہ دِتھ پرٛ ژھنس "وَن میانی دِرٛ ے چھے ژٕ کتہِ اوسُکھ......؟ شہر اوسکھٕ گوٚمُت؟"۔

ایشر سنگھَن دِژ یَتھ تہٕ پٕنن مَس گنڈان گنڈان دِتُنس جواب۔ "نہ"

کلونت کورِ کھوٚت گنڈٕ دٕ ہہ تہٕ کرنکھ دِژٕن "ناژٕ آءٕسہکھ ضرور شہر گوٚمُت......لوٗٹھ کُرِتھ آسہٕ نتھ روپیہٕ وچہٕ مَژٕ یمہٕ ژٕ مےٚ نِشہٕ ژٕوٚ رِ چھکھ تھوان"۔

"سُہ آسنہٕ پنہٕ نِس ماٗلی سُنٛد یُس ژےٚ اَپُز وَنی......"

کلونت کور گَیہِ ہے بنگہٕ تہٕ ایشر سنگھس گَیہِ پرٕ ہِش اگادِ۔ "مگر مےٚ چھُنہٕ فکرِ تران۔ تمہِ راٗژ کیٛا گوٚ ے ژےٚ......؟ سیوٚ دُ ے یے مےٚ ٕستی شوٚ نِتھ اوسُکھ، لوٗٹہٕ اوٚنمُت جاداد لوگتھم ناٗلی۔ شیر تھَس پرٕ تھس بٕ

گرماوٚ تھَس۔ خبر کیاہ گوٚ و ےیکدم ووٚتھُکھ، پلوا لاگِتھ تہٕ دڑاکھ......"

ایشر سنگھ زرد یوو تہٕ کلونت کورِ ژیوٚن تمٕی سُند حال۔ "وُچھ کِتھہٕ کٕنٕی زرد یوکھ ایشر یارا واہگرو سنٛز دِ ڑے چھُ کیاہ ہتام ژوٚڑُن"

"چونٕے مرُن اگر کینٛہہ چھُ"

ایشر سنگھنٕی آواز آس بے سُر تہٕ کلونت کورِ بڈ یوو زیادٕ شک۔ سو گٔیہِ ناراض تہٕ وُٹھ دباوِتھ ووٚن تمہِ شکایت کران۔ "یارا...... کیاہ ذٔلیل چھےٚ۔ ژٕ نا زَن سہٕ روٚ دمُت یُس اَٹھ دوہ بروٚنہہ اوسُکھ؟"

ایشر سنگھ گوٚو تھوٚد وٕ تھِتھ زَن تہٕ کانٛسہِ تَس ٹاس ترٛوو۔ پنٕنین دوٚن نرٛ ن منٛز رٔٹن کلونت کور زورٕ تہٕ بوچھ ہٕتی سٕندی پاٹھی ہیرٕن کھیٚنٕی۔ "جانا۔ بہٕ ہا چھُس سُے...... میانہ یارا...... وُچھ اَڈی جن ہنٛز گرمی چھےٚ مژھو مٔنزی نیران۔ کلونت کور روٚز بیاڑ ہشِ اماپوٚز شکایت

کران۔ ''مےٚ وَن تا تمہٕ رأ ژ کیٛاہ گوٚ ے ژےٚ''؟

'''شیطانس کُرِ کھ ماجہِ''

''وَنکھ نا؟''

''آہنی کینٛہہ آسہِ ہے تہٕ وَنہٕ ہے''

''مےٚ ہا زالکھ پننوٕ اَتھو۔ اَپزٕ ے وَنکھ''

ایشر سنگھن تراوِ پننہٕ نر کلونت کورِ نہٕ گردنہِ الوٕنز تہٕ

وُٹھ وُٹھن منز۔ کلونت کورِ نہٕ نستہِ منز ژٕ ایہ ایشر سنگھنہِ گونژھہِ

ہٕنڈ ی وال تہٕ تس آیہ پونٛد۔ دوشوَ ے لگی اَسنہِ۔

ایشر سنگھن ژٕھنٛز پنٕنز صدٕری کڈِتھ تہٕ خمارٕ ہٕرژو

نظر و لوٚگ کلونت کورِ کُن وُچھنہِ تہٕ ووٚننس ''ووٕلَے باز

ہَے کرَوٕ''۔

کلونت کورِ پھوٚ ٹ ہیٚری مبٕن وُٹھن عأرق تہٕ نٕخرٕ

کُرِتھ پھِرِن پنٕنز لال ڈٕ چھنٕز کھوٕفر ی تہٕ ایشر سنگھس دِ ژن

کرٕ بکھ۔ دفا گرٕ ھ ییٚتبٕن''۔

ایشر سنگھن ہیٛژ کلونت کورِ نچہِ یڈٕ نش زورٕ ژِپَن۔

تمہِ کُر ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ۔ پان کۆرُن یلہٕ تہٕ وُژھس "یارا" ماکریہِ مے ہاپُچھے لگان"۔

ایشر سنگھن رٕٹ کلونت کور بییہِ زورٕ تہٕ تسُند پیٹھُیم وُٹھ روٚٹُن وُٹھَن منز دباٗوِتھ تہٕ دَندَ وٕستی لوٚگ ژاپنہٕ تہٕ ژٕہنہِ۔ کلونت کور آیہ وٕبگلاونہٕ۔ ایشر سنگھن ژھُن کُرتہٕ نبر چھکِتھ تہٕ وٚتُھس "وٕلے بازہے کرَو"۔

کلونت کورِ وُژھ ہیٚرِ مس وُٹھَس تھتھرا ے۔ ایشر سنگھن کھاٗج کلونت کورِ ہنٛز قمیض تھوٚد تہٕ تتھٕ پاٗٹھی چھُنٛچس نبر زنتہٕ ژھاوِلس وولُن مسلہٕ پتہٕ لوٚگ تسنٛدِس ننگہٕ پانس اَتھو تہٕ اُچھو ٕستی حظٕ تُلنہٕ تہٕ نرٕن ہنٛدِس مازس موچھَن منز رٕٹِتھ لٕکِس آیہٕ گلی ینہٕ تہٕ لوٚگُس وَنہٕ۔ کلونت۔ واہگرو ٕسنٛزٕ درے چھکھ ہٕتہٕ کٹہٕ تہٕ میٹھ زنان......"۔

کلونت کور روٚز پننہِ نر پٹھ ایشر سنگھنہِ ژوپیٚک ووٚزُل داغ وُچھان تہٕ وُژھس "بڑ ظالم چھکھ ایشر یارا"۔

ایشرسنگھن اوٚس گوٗنٛژھِ تٕلی تہٕ ووٚننس "اَز دِسپَدَنہٕ
کیٛاہ آسہِ سپُدنٕ"۔ اَمہِ پتہٕ پوٚک سُہ مُزید بروٗنٛہہ۔
کلونت کورِ ہُنٛد پیٹھٕمؠ وُٹھ روٚٹُن وُٹھن منٛز۔ مونٛوٕ تہٕ میٹھوٕ
ہٕتی ووزلاوِنَس گٔلی تہٕ گَن، تھزَن بَبن تُلنَس گیوٚر، نچہٕ یڈٕ
تُجنس ٹاسہٕ راے، ژہان ژہان بوٚرنس سینہٕ تھوکو
ہٕتی۔ کلونت کور آس نارٕ ریٚہہ پیٹھٕ لیٚجہٕ ہٕنٛدی پاٗٹھی گرٛکھ
آمٕژ مگر ایشرسنگھ اوس نہٕ پیٚتی توتمہٕ گٔرِتھ تہٕ گرمان۔ پیٚتی
وَژن تہٕ داوتس خبر آسی ہارٕی مٔتس پہلوان ہٕنٛدی پاٗٹھی
گِندِن تم سآری۔ اماپوٚز اکھ تہٕ گوٚونہٕ کارگر۔ کلونت کور
ییٚمہِ ہٕنٛدِ بدنٕچ اکھ اکھ تار شرونی وزان آس آیہ
ژھرٕ ے سیتھ کرنہٕ ہٕتی بُتھہِ کنٕی۔ "ایشر یارا وونی ہا گوٚو
واریاہ۔ ترٛاو وونی تُرفہٕ پوٚٹ۔ گِنٛد وونی باز"۔

اَمہِ کتھہِ زَن ژٔلی ایشرسنگھس سآری پھٔٹ اَتھہٕ منٛز
نیٚرتھ۔ شانٛشہِ ہوٚت پیٛوو کلونت کورِ لَرِ۔ ڈٕکس پھوٚٹس
عآرق۔ کلونت کورِ تہٕ کٔر پننی کنٕی ایشرسنگھ گرماونٕچ کوٗشش۔

مگر ایشر سنگھس گۆ ونہٕ الہٕ ڈلہٕ تہٕ۔ وُنیُگتام یہ سپُد تتھ پۄٹھ
گٔرنہٕ کأنسہِ کانٛہہ کتھ۔ مگر ییٚلہ کلونت کورِ ایشر سنگھس
کینٛہہ نہٕ کرنس پۄٹھ ہۄندریہِ، تمہِ ترٛاو پلنگہٕ پۄٹھ گُنی
ووٗٹھ۔ کٔجہِ پۄٹھ اویزان کپر ژادرٕ وٕ جن نارٕ دژاو پانس۔
نکہٕ وأری آیس مُژراونہٕ تہٕ شرارتہٕ ہۆت دِژن کربکھ۔
ایشر یارا۔ یہ کوسہٕ حرام زأدی چھےٚ تیمِس ستیٚ ژٕ پیٚتن
دوہن رٕلتھ اوسکھ تہٕ تیمیٚ ژٕ ژہِتھ ترومُت چھکھ"۔

ایشر سنگھ رۆد پلنگس پۄٹھ دمن بستہٕ ہۄندی پأٹھی
کھمان تہٕ اُمِس دیُتن نہٕ کانٛہہ جواب۔ کلونت کورِ کھۆت
شرارت۔ "دۆپہے ہا ایشر سنگھا۔ کوسہٕ بدمائش، مال ذاتھ
تہٕ مردٕ ژۆر چھےٚ یہ......"

ایشر سنگھ وۆتھس تھٔکِتھ ژھیٚنتھ تہٕ دَم پھُٹِ گژھتھ،
"ہٕنٛے کلونت کانٛہہ چھنہٕ"۔

کلونت کورِ تھاوی پننہِ نچہِ یڈ پۄٹھ دوشوٕے اتھہٕ تہٕ
کۆرُن پننہِ ارادُک اظہار۔

"ایشریارا" از ئنہٕ راوٕ بہٕ پۆز تہٕ اَپُز......وَن
واہگر وسُنٛد قسم چھےٚ...... اَمیُک وجہ ماچھےٚ کانٛہہ زنان؟"
ایشر سنگھن ہیٚز یوو کیٛاہ تام وُنُن مگر کلونت کورِ دِتُس
پیٹھے تھۆپ۔ قسم کھنہٕ سۆنچہٕ زِ بہٕ تہِ چھس سردار نہال
سنگھنۍ کۆر......نکہٕ نور کرے اگر اَپُز وۆنُتھ......ووتھ کر
واہگر وسُنٛد قسم تہٕ وَن امیُک وجہ ماہ چھےٚ کانٛہہ زنان"؟
پھُٹان پھرٕ اٹان تہٕ گۆبرٕ سان کۆر ایشر سنگھن کلہٕ ستی
آنکار۔ اَمہِ ستی گیہِ کلونت کور پاگل ہش تہٕ کونجہِ منٛز
کرپان تُلتھ تُلن اَتھ کیلکی پاٹھی دلہٕ تہٕ میانہٕ منٛز کڈِتھ
کۆرُن ایشر سنگھس پیٹھ کُنےٚ حملہٕ، رتہٕ گُرن پھُٹ تہٕ
چھرکاو کھوٚت آسمانس۔ کلونت کورِ گۆو نہٕ امہِ ستی تہِ
تسلی۔ تمہِ روٚٹ ایشر سنگھُن مستہٕ لۆٹ تہٕ کلہٕ دۆگنس۔
سوٚگیہِ جنگلی بیاڑ ہِش یلہٕ۔ اتھ وحشی تہٕ بےٚ گنڈ گرٛھنس
ستی روٚزسو ئنزئی ہے منٛز پننہِ سونہِ لبکہٕ بُزان۔ یہ بوٚزِتھ
وۆتھس پننہِ کمزور آوازِ منٛز ایشر سنگھ "بلاے ژھن اتھ

وونی کرژھوپہ ،مشراو وونی ......" اتھ آوازِ منز اوس ایشر سنگھنِ پھٹِتھ ینگ تہٕ أندرِمہِ دادیٚگ باس ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یوان ۔کلونت کور کھٚژ پتھ ۔

رَنھ اوس وسان تہٕ وونی اوس یہ ہَٹہِ پیٹھ ایشر سنگھنن گونژھن تام واتان ۔ ایشر سنگھن ترٛأو شکوٕ تہٕ شکاتیچ اکھ نظر کلونت کورِ کُن تہٕ تھرٕ تھرٕ لد وُٹھو وۆننس۔ "یارٕ میانہِ سٹھاہ بانٛبرٕ ٲستھ......خاٚر وونی یہ گو جانٕے گو......" ۔

کلونت کور کھٚژ بیٚیہِ رزَن۔ "مگر أس کوسہٕ سو، موج أس یہ"؟ خوٚن لوٚگ ایشرِ سنگھنہِ زبِہ ستی ۔ اَمہِ کہِ مَزٕ ستی وٕژھ اُمس تھَر تہٕ خوف لوٚگُس ۔

مےٚ......مےٚ......مےٚ چھِ کُرٕ ہتی کم ازکم شےٚ نفر پانہٕ قتل......اَمی......کرپانہ ستی......"

کلونت کورِ أس کاڈِس منز صرف یہ دوٚیم زنان ٹاسہٕ رایے ٹلان ۔

"دیان چھسے مےٚ وَن یہ حرام زأدی کوسہٕ أس"

ایشر سنگھس اوس أچھن ووٕنی دُگوش ہیوٚ تمت

گژھُن۔ أکِس بڑ نزِس زَن آیہ تِمن وٕ زملہٕ ہِش تہٕ

کلونت کورِ کُن ووٚنُن "لِکہٕ مہٕ ژارتس"......

کلونت کورِ لاج کڑ بکھ "دوٚپہے مےٚ وَن سو کوسہٕ

چھےٚ"۔

ایشر سنگھس أس آواز ہٹہِ پیٹھے واپس نِنٕ گلِتھ

گژھان۔ "ییکیاہ ونے"...... یہ وٕنِتھ پھٕیُر تٔمی پننہِ گردنہِ

پیٹھ اتھہٕ تہٕ پنُن خوٗن وُچھِتھ کُرن اَسنہٕ ہَنا۔ "یہ انسان

ہٕہر تہِ چھُ عجیب ذاتھا......؟

کلونت کور أس أمی سٕندس جوابس پیٚاران۔

"ایشر، ژ کر مطلبچ کتھ......" ایشر سنگھُن زمانس تہٕ حالاتن

پیٹھ سوٚت سوٚت اَسن ووٕ پدیوو أمی سنٕز ورَتہٕ برِتھ گونژھو

منٕز۔ "مطلبچی کتھ چھُس کران...... ہوٚٹ چھُم تاونس

ژھیوٚ نمت...... ووٕنی کرٕ وارٕ کتھ......سارے کتھٕ وَنے......"

وونی اما یئلہِ سُہ کتھ کرنہِ لوٚگ ۔ تس گوٚو ڈٚکس عارقہٕ سرٛان ۔ کلونت...... ووٚندٕ مَیہِ زُو۔ بہٕ نے ہکٕے ژٕرے وٕنی تھٕے مےٚ ہتی کیٛاہ سپُد ......آدم تہِ چھُ عجیب ذاتھا......شہرس ووٚٹھ لوٚٹھ تہٕ بیٚین ہٕندی پاٹھی نیٚو مےٚ تہِ اتھ منٛز حِصہٕ ...... گہنہٕ پات...... پونٛسہٕ ٹوٗنک یہ کینٛژھاہ تہِ مےٚ اَتھہِ لوٚگ ، سُہ تھووٚ مےٚ پیش کش...... اما پوٚز ......اَکھ کتھ وٕنی مےَ نہٕ ......‘‘

ایشر سنگھس زَن گٔرن زخمن دگ ہِش تہٕ تَس ہیوٚتُن أے تہٕ وأے نیٛرُن مگر بُگر ڈٕر کلونت کورِ موٗنٛزنہٕ أمی ہٕندِس آلیس تہٕ والیس تہٕ بے رحم پاٹھی پرٛژھنس ’’کوسہٕ کتھ؟‘‘۔

ایشر سنگھس اوس گونٛژھن پیٹھ خوٗن لِگتھ گوٚمُت تہٕ اَتھ پھوکھ دِتھ نرماوان ہیوٚتُن کلونتہِ بیان دیُن۔ ’’ یتھ مکانس بہ حملہٕ گٔرِتھ لوٗٹس ژاس...... اتھ منٛز أسی ...... سَتھ بأژ بسان ...... شےٚ گٔری مےٚ قتل......اَمی کرپانہِ ہتی ......

اکھ کوٗر ...... بوز ...... ژوتھس ...... ژےٚ بہٕ ...... سۭتؠ یِیمہٕ
مےٚ سو تُج ...... مٲری منٛز سبٕٹھاہ ...... ہِش حوٗر ...... اَس
بوزان ...... گرِتھ ژھوپہٕ چھےٚ کلونت ...... سۭتؠ پانس
زورٕ خوٗنس پیٹھ گونٛژھو بییہٕ دیُت ایشرسنگھن
اَس درٕ ندسواژٲ کانے وَ کیٛاہ بہٕ ...... کلونت یارا ’’ پھوکھ۔
کلونت کورِ ...... ایشر سنگھا مگر دوٚ پنٛم ...... مٲ ہن سوتہٕ بہٕ ...... سو
مَژٕ تہٕ موٗس ژھویتھ اَزوٗ ...... مژٕ تُلان ہے دو ژٕ چھُکھ ‘‘ ۔
کلونت کورِ کوٚر صرف نستہٕ سۭتؠ ’’ ہنٛہہ ‘‘
’’ تہٕ مےٚ دیُت اَمِس نکھ تہٕ دژ اس ...... وَتہٕ ......
وَتہٕ ...... کیٛاہ اوسس بہٕ ونان ...... ؟ آو تہٕ ...... کولہِ بٕٹھس
پیٹھ گنٛڈی دو پھس وَسہٕ وُن ترٲوتہٕ سٲومےٚ پتھر ...... گوڑٕ
دوٚ پم گنٛدٕ ، یہٕ ونان ونان گیٛہِ ایشرسنٛگھس زبو خوشکھ ۔
کلونت کورِ ننٛگلاو پنٛنی تھوکھ ہوٚٹ ترَ کرنہٕ خاطرٕ تہٕ
وُژھس۔ ’’ پتہٕ کیٛاہ گو ...... ‘‘ ؟
ایشرسنٛگھن ہیوٚک بمشکل وُنتھ۔ ’’ مےٚ ...... مےٚ

ترٛ اوِ یو پٔنٛن پوٚٹ ...... مگر ...... اُمِس سو تیپہٕ کتھے۔

کلونت کورِ دِژس دِنَن۔ "پتہٕ کیٛاہ سپُد"۔

ایشر سنگھن کٔر کوٗشش تہٕ پننہِ ٹُونہٕ یِنہٕ واجنہِ اُچھ

مُژراوِن زورٕ تہٕ کلونت کورِ ہٕنٛدِس جسمس ترٛاوِن ہیٚرِ بون

نظراہ۔ یِمہِ ہٕنٛد بدنٛک اکھ اکھ انگ پھٹہٕ پھٹہٕ کران اوس۔

پتہٕ کیٛاہ۔ کلونت کیٛاہ گوٚژھ گرٛھُن ...... سو اُس

شہلیمٕژ ...... سو اُس لاش ...... بلکل ہٕنٛد ریمٕژ ...... یارامےٚ

کرتا اَتھس تھپ ......"

کلونت کورِ تھوو پٔنٛنِ اتھہٕ ایشر سنگھنس اتھس پٹھ

یُس شیٖنہٕ کھوتہٕ تہِ ہُنٛد رتھ اوس۔



# ٹوبہ ٹیک سنگھ

تقسیمہِ پتہٕ دوٚیہِ ترٛیِیہِ وٕہری آو پاکستان تہٕ
ہندوستان چیٚن حکوٗمژن خیال زِ اخلاقی قدٕرن ہٕندی
پأٹھی گوٚژہ پاگلن ہُنٛد تبادلہ تہِ سپُدن۔ ہندوستانکیٚن
پاگل خانن منٛزیم مسلمان پاگل چھِ تِم گژھن پاکستان
واتہِ ناوٕنی تہٕ پاکستانکیٚن پاگل خانن منٛزیم تہِ ہیٚندی تہٕ
سِکھ پاگل چھِ تِم گژھن ہندوستانس حوالہٕ کرنہٕ یِنہٕ۔ خدا
زانہِ یہِ کتھ آسا معقول کِنہٕ غأر معقول مگر عقلہِ والیٚن
ہٕنٛدِ فأصلہٕ مطأبق سپٕز اورٕ یور بٔڈِس درجس پیٹھ کیٚنٛہہ
میٹنگہٕ تہٕ چھیکرس آو اکھ دوہ پاگلن ہٕنٛد تبادلہٕ خأطرٕ مقرر

کرنہٕ۔ پرٛتھ کیسِچ چھان ہِین آیہِ صحی طرٖیقس پٮ۪ٹھ کرنہٕ۔
طے سپُد زِ یِمن مسلمان پاگلن ہٕنٛدی اِو ٲشناو ہندوستانس
منٛز ٲسی تِمن آوتی روزنہٕ دِنہٕ  باقٕے آیہِ سرحدٕ اپور
سوزنہٕ ۔ یپاٗری ٲسی چونکہِ پاکستانہٕ منٛز لگ بگ ساٗری
ہٮ۪ندی تہٕ سِکھ دژاٖمتؠ توَے اوسنہٕ یہندِ اتہِ روزنُک
سوالے ووتھان۔ یٖتؠ تہِ ہٮ۪ندی تہٕ سِکھ پاگل ٲسی تِم آے
ساٗری پولیس حفاظتس منٛز سرحدس پٮ۪ٹھ واتہٕ ناونہٕ۔
ہندوستانٕچ چھنہٕ خبر، اما یُتھے لاہور پاگل خانس منٛز
یہِ خبر واٗژ بڈٕ عجیب سُسر گُسرِ لجہِ گرٛھنہِ ٲکِس مسلمان
پاگلس یُس باقاٗیدٕ بہن ؤری ین اخبار زمیندار پران اوس
ییٚلہِ ٲکِ دوستن پرٛژھ ''مولوی صاٗب یہِ پاکستان کیاہ
گوو''۔ تِمؠ دیُت ٲمِس بڈٕ سوٗنچِتھ جواب۔ ''ژےٚ چھے نا
خبر یہِ چھِ ہندوستانس منٛز اکھ جاے ییٚتہِ کھوٗری بنان
چھِ۔

یہِ جواب بوٗزی تھے گوو ٲمؠ ہٕنٛدِس دوستس تسلی۔

یتھے کُنہِ پرٛژھ أکھ سکھ پاگلن بیٚیس سِکھ پاگلس، ''سردار جی ، اَسہِ کیازِ چھِ ہندوستان سوزان...... اَسہِ نَے تیٚچ بوٗلی تگان''۔ سردار جین ترٛوو اَسنہٕ ہنا تہٕ وۄتھس ، ''مےٚ چھِ ہندوستانکھن گُربن گُپنَن ہنٛز بوٗلی تگان''۔ ''یم ہندوستانٕی گیہِ بڑٕ شیطان تہٕ گمنڈی...... سینہٕ مُژ رِتھ پکان......''

ژران کران دیُت اکہِ دوہہٕ أکہِ مسلمان پاگلن زورٕ پاکستان زندہ بادنعرٕ زِ فرشس پیٹھ گیَس رِنٛز تہٕ بیہوش گوو۔

کینٛہہ پاگل أسی یتھی تہِ یم نہٕ ژکہِ پاگل أسی۔ یمن منٛز زیادٕ تم قاتِل أسی یہند بو رشتہٕ دار و تم افسرن رِنٛز نأوِتھ پاگل خان سوزٕ نأوی متی أسی یتھ تم پھانسہِ نِشہِ بچِتھ ہکن ۔ یمن اوس رژھ کھنڈ فکرِ تران زِ ہندوستان کیازِ گوو تقسیم تہٕ پاکستان کیاہ گوو۔ مگر صحی واقھو نِشہِ أسی یم تہِ بےٚ خبر۔

اخبارو منز اوسنہٕ کینٛہہ ننان۔ پہر دار سپاہ تہٕ اُسی
ان پڑھ تہٕ جاہل، یہنز و کتھو تلہٕ تہٕ اوسنہٕ یمن کینٛہہ
ننان۔ یمن اُس پیرٛ ہن خبر زِ اکھ نفر چھُ محمد علی جناح
ییمِس قائد اعظم ونان چھِ، اُمی بنوو مسلمانَن ہنٛدِ خاطرٕ
الگ ملک ییتھ پاکستان ونان چھ...... یہ کتہِ چھُ، امیک
محل وقوع کیٛاہ چھُ، یہِ اُس نہٕ یمن خبر۔ یو ہے وجہ اوس
زِ یمن پاگلن دماغ پوٚرٕ خراب اوسنہٕ، اُس مخمصس منز
پھسیمتی زِ تِم چھا پاکستانس منز کِنہٕ ہندوستانس منز۔ اگر
ہندوستانس منز چھِ تہٕ پاکستان کتہِ چھُ تہٕ اگر تِم
پاکستانس منز چھِ تہٕ یہٕ کتھہٕ چھُ ممکن زِ کینٛہہ وَق بروٛنہہ
پیٛتی روٗزِتھ اُسی تِم ہندوستانس منز۔

اکھ پاگل اوس ہندوستان پاکستان تہٕ پاکستان
ہندوستان ِکس مخمصس منز یوٗت بڈیوومُت زِ سُہ گوو
وارے پاگل۔ ڈُوان ڈوان کھوٚت اکہِ دوہہٕ کُلِس پیٹھ
تہٕ اَکِس لنجہِ پیٹھ بہتھ کوٚرُن برابر دوٚن گاٹن تقریر

یُس ہندوستان تہٕ پاکستانکێن نوزُک مسلن پیٹھ اوس۔
سپاہ لگی تمِس بون والنہِ ، سُہ کھوٚت ہنا زیادے ہیوٚر۔
رعبہٕ داب کوٚر ہَس تہٕ سُہ وۄتھک۔ بہٕ چھُس نہٕ
ہندوستانس منز یژھان روزُن تہٕ نہ پاکستانس منز...... بہٕ
روزٕ ییتھی کُلس پیٹھ۔ مُشکلن ییلہِ تُس دورٕ کم گووتہٕ سُہ سرد
یو، سہ وۄتھ بون تہٕ پننی ہیٚندی تہٕ سِکھ دوس رٕٹنی نالہٕ متہٕ
تہٕ بیوٚٹھ وٕنہِ۔ تس اوس دِلس پیٹھ بار تہٕ سُہ اوسنہٕ سوچتھے
ہٮ۪کان زِ تسٕندی یار دوس ژلن تمِس ترأوِتھ ہندوستان۔

اکھ ایم۔ ایس۔ سی پاس ریڈیوانجینئر یُس مسلمان
اوس تہٕ یُس باقٕے پاگلن نِش بدوٚن اوس، پننہِ اندازٕ
اوس ڈٕے دوہس ژھوپہٕ کرِتھ باغس پھیران روزان۔
اکہِ دوہہٕ پیوس تیتھ دورٕ زِ تٔمی کڈی ساری پلو تہٕ سپہٕس
حوالہٕ کرِتھ لوٚگ ننگے باغس پھیرنہِ۔

چنیوٹکی أکی وٚٹھی مسلمان پاگلن یُس مسلم لیگُک
سرگرم کارکُن اوس تہٕ دوہس اوس پنداہہِ شراہہِ لٹہِ سران

کران، تڑ وہنگہٕ منگہٕ یہِ عادَتھ ۔ أمِس اوس محمد علی ناو تہٕ اکہِ دوہہٕ کۆر أمی پننہِ وارڈٕ منز اعلانہٕ زِ سُہ چھُ محمد علی جناح۔ وُچھان وُچھان نیۆو أکی سکھ پاگلن تہِ اعلان کٔرِتھ زِ سُہ چھُ ماسٹر تاراسنگھ۔ وارڈس منز گٔژھہ نہٕ خوٗنہٕ خوٗن تہٕ مارامأری گژھنٕ تہٕ دونوَے پاگل آیہِ خطرناک زأنِتھ الگ الگ کرنہٕ۔

لاہورُک اکھ ہێندی وکیل اوس محبتس منز ناکام گٔژھتھ پاگل گوٚمُت ۔ ییٚلہِ تٔمی بوٗز زِ امرتسر گو و ہندوستانس ہتی، تَس گوو بڈٕ دُکھ ۔ اَمی شہرچہِ أکِس ہێنز کورِ ہتی اوس أمِس محبت گوٚمُت ۔ یوٚ دوَے اَمہِ یہ وکیل چھوٚکمُت اوس مگر تٔمی أسِ نہٕ پاگل گٔژھتھ تہِ سو مٔشر اومژ۔ سُہ اوس سارِنے ہێندی تہٕ مسلمان لیڈرن مێژ بُزان یمو رٔلِتھ میلِتھ ہندوستانس زِ حصہٕ کٔری۔ تِسنز محبوبہٕ بَنیہِ ہندوستانٔی تہٕ پانہٕ یہِ پاکستانی۔ ییٚلہِ تبادلٕچ کتھ ؤژھ وکیل سمجو و واریہو پاگلو زِ تس پزِ نہٕ دِل خراب کرُن،

سُہ ییہِ ہندوستان سوزنہٕ یێتہٕ تسٕنز ماشوق روزان چھِ۔ مگر سُہ اوسنہٕ لاہور تراوُن یژھان تِکیاز تَس اوس وَہمہٕ ز اِمرتسرس منٛز چلہِ نہٕ تَس پرٛیکٹس۔

یورپین وارڈس منٛز آسی زٕ انگلو انڈین پاگل۔ یِمو یێلہِ بوٗز زِ انگریز دژاے ہندوستان آزاد کرِتھ، تِمن گوو بڈٕ دُکھ۔ تِم آسی گاٗنٹہٕ وادَن ژھایہِ ہٕلس یِتھ بڈِس مسلس پیٹھ کتھ کران روزان زِ پاگل خانس منٛز کیاہ روزِ ووٛنی تِہنز حیثیت، یورپین وارڈ روزِیا کنہٕ وُڈاونہٕ ییہِ، بریک فاسٹ روزِ یا کنہٕ نہٕ، ووٛنی ما پێیہِ یِمن ڈبل ژوچہِ بدلہٕ زہرہش بُلڈی انڈین اتھہٕ ژوٚٹ نہنگہٕ لاوٕنی۔

بیاکھ اوس سکھ یێمِس پاگل خانس منٛز پنداہ وٕری گٔمتی آسی۔ پرٛتھ وِزِ اوس اَمِس زێوِ عجیب جُملہٕ بوزُن پیوان" او پڑ دی گڑ گڑ دی انیکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال آف دی لال ٹین"۔ یہِ اوس نہٕ دوہلہِ شونگان تہٕ نہ راتس۔ پہرٕ دَرن ہُند وَنُن چھُ زِ پندہن

ؤری ین ہندِس زِ ترٛٹھس عرصس دوران چھنہٕ اُمی زانٕہہ
تہٕ اُچھ پٹھ اُچھ ترٲوِمٕژ تہٕ نَہ چھَن زانٕہہ لر ترٲوِمٕژ۔
البتہٕ کُنہِ وِزِ دِیہِ ہے لبہِ ستی ڈوٚکھ۔ وودنی روزنہٕ ستی
اوس اُمِس کھورَن وُرم کھوٚتمُت تہٕ گوڈِ تہٕ اَسی ہُنٛیمتی مگر
پیتہِ دادِ پتہٕ تہٕ اوسنہٕ ڈاف ترٲوِتھ آرام کران۔
ہندوستان، پاکستان تہٕ پاگل بدلاونس پٹھ ییلہِ تہٕ پاگل
خانس منٛز کتھ ووتھان اَس، تتھ کُن اوس وارٕ کن تھوان۔
کانٕہہ پرٛژھہَس زِتَس کیٛاہ چھُ خیال سُہ اوس تورٕ بوٗلتھ
تہٕ بڈِتھ ونان، ''اوپڑی دی گڑ گڑ دی انیکس دی بے
دھیانا دی منگ دی دال آف دی گورنمنٹ پاکستان''۔
مگر پتہٕ بدلووُن ''آف دی پاکستان گورنمنٹہٕ'' آف دی
ٹوبہ ٹیک سنگھ گورنمنٹ'' ستی تہٕ لوٚگ بیٚین پاگلن پرٛژھنہِ
ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہِ چھُ، ییٚتیٚک زَن سُہ روزن وول چھُ۔
مگر کانٕسہِ اَس نہٕ خبر زِ یہِ چھا ہندوستانس منٛز کِنہٕ
پاکستانس منٛز۔ یم زَن وُنِ اَسی یژھان تِم اَسی پانہٕ

پریشان گژھان زِ سیالکوٹ اوس گوڈ ہندوستانس منز تہٕ
وونی چھِ بوزان زِ وونی چھُ سُہ پاکستانس منز۔ کیاہ خبر
لاہور یُس وونی پاکستانس منز چھُ، پگاہ گژھِ بیہِ
ہندوستانس ستی یا سورُے ہندوستان ابنہِ پگاہ پاکستان یا
کُس ہیکہِ سپنس پیٹھ اتھہِ تھاوِتھ وَنتھ زِ پاکستان تہٕ
ہندوستان ماگژھہِ موٗلے غاَب۔

أمِس سکھ پاگلس اَسی مَس لُٹھی نیرِتھ ژلتھ سبٹھاہ
کم وال روٗدی متی۔ کلکی مَس وال تہٕ ریشہِ وال اَسی رٹیمتی
تہٕ یمن اَس زَٹھ گمژ۔ ییمہِ کنی أمی سنز شکل واَناکھ بنیمژ
اَس۔ مگر یہِ اوس نہٕ بے ضرر انسان۔ پندہن وری ین
منز اَس نہٕ أمی کانسہِ ستی لڑاَے کرمژ یا کانہہ فساد
تُلمت۔ پاگل خانکی پرأنی مُلازم اَسی أمِس متعلق
پیژہن زانان زِ ٹوبہ ٹیک سنگھس منز اوس أمِس واریاہ
زمین، کھٮنہِ چھٮنہِ وول زمیندار اوس تہٕ ہنگہٕ منگہٕ گوس
دماغ خراب۔ أہند ہو رشتہٕ دارو اوٗن یہِ ششتر ہانکل

گنڈِتھ تہٕ پاگل خانس منٛز کوٚرُکھ دأخل۔

رٔتس منٛز آسی أمِس یم أشناو اکہِ لٹہِ ملاقاتس یِوان تہٕ خأر پاٹھ کٔرتھ تہٕ أمِس حال چال پرٛژھتھ آسی نیران۔ یہِ سلسلہٕ اوس وارِیہس کالس جأری۔ مگر ییٚلہِ پاکستان تہٕ ہندوستانٕچ ووسہٕ دژٕ وسہٕ شروع گٔیہِ، یہُنٛدیُن گرٕ ژھُن گوو بند۔

أمِس اوس بشن سنگھ ناو مگر سأری آسس ٹوبہ ٹیک سنگھ ونان۔ أمِس أس نہٕ خبر آسان زِ ازٕ کُس دوہ چھُ، رٔتھ کُس چھُ تہٕ أمِس کِتیاہ وٕری گٔیہِ اَتِہ۔ مگر ییٚلہِ پرٛتھ رٔتہٕ أمی سٕنٛدی أشناو أمِس ملاقاتس یِوان آسی۔ پانے زن اوُسس فکرِ تران۔ سُہ اوس چیف وارڈرس ونان زِ تُسنٛد ملاقات چھُ یِنہٕ وول۔ اَمہِ دوہہٕ اوس سُہ ٹھیک پأٹھی سران کران، صابَن متھان تہٕ مستَس تیل دِتھ کنگو کران، رٕچھتھ تھأوی مٕتی پلو لاگان تہٕ شُرٕ ؤ ژِ شُرٕ انہِ ملاقاتس یِنہٕ والِبن نِش نیران۔ تِم ہے کینٛہہ پرٛژھ ہنس

تہٕ ژھوپہ اوس کران یا گنہِ ساتہٕ اوس اوپڑی...... ونان۔

أمِس أس اکھ کوٗر یوسہٕ اوٚ نگلہٕ اوٚ نگلہٕ بڑان
أس تہٕ پندہن وٕری ین منز أس جوان گمژ۔ بِشن سنگھ
اوسنہٕ أمِس پرٛزِ ناوانۍ۔ ییٚلہِ سو لوٕکٹ أس سو أس
مول وٕچھِتھ ودان تہٕ جوان گیہِ تہٕ توتہِ اوٚسُس اوٚش
دارِ وسان۔

پاکستان ہندوستان ووسہٕ دژ وسہٕ یتھے شروع گیہِ
أمی ہیوٚت بیٚین پاگلن پرٛژھن زِ ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہِ گوو۔
ییٚلہِ نہٕ تسلی اوٚسُس گژھان تہٕ أمِس گیہِ بے چینی تہٕ
بے قرأری پأدِ۔ ووٚنی گوو ملاقات تہِ بند۔ گوڈٕ اوٚسُس
پانے فکر تران زِ سمکھن وألی چھِ پکان۔ ووٚنی زَن گیہِ
أمِس دِلچ سو آواز تہِ بند ییمہِ ستی أمِس ملاقاتن ہنٛدِ
تِہنٛز خبر أس لگان۔

أمِس أس ارز مأنی روزان زِ تم لُکھ گژھی ین ،
ییمن أمی ہنٛز ہمدردی آسہے ، یم أمِس کرِ ژھ مٹھأے تہٕ

پلوانہٕ ہَن تہٕ اگر سُہ تِمن پرٛژھہے زِ ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہِ گوو
تہٕ تِم ونہٕ ہن ضرور تِمس زِ پاکستانٔس منز چھا کنہٕ
ہندوستانس منز تِکیازِ تس اوس یقین زِ تِم چھِ ٹوبہ ٹیک
سنگھہِ پیٹھے یوان ییٚتہِ تس زراعت اوس۔

پاگل خانس منز اوس اکھ پاگلاہ یُس خدائی ہُنٛد
دعویٰ کران اوس۔ ییٚلہِ بشن سنگھن أمِس اکہِ دوہہٕ
پرٛژھ زِ ٹوبہ ٹیک سنگھ چھا ہندوستانس کِنہٕ پاکستانس منز۔
تِمی ژروو عادتن اَسن کھنگالہٕ تہٕ وٚتھُس سُہ نَہ چھُ
پاکستانس منز تہٕ نہ ہندوستانس منز تِکیازِ اتھ پیٹھ دیُت نہٕ
وُنہِ اَسہِ کانٛہہ حُکم۔

بشن سنگھن کوٚر أمِس خدایس گرٛٹ لٹہِ زارہٕ پارٕ زِ
سُہ دیہِ کانٛہہ حکم یتھ یہِ فتنَے ختم گژھہِ مگر سُہ اوس بڈٕ
مصروف تِکیازِ تَس اٗس واریاہ حکم دِنی۔ اکہِ دوہہٕ تنگ
یِتھ وولیٚو بشن سنگھ أمِس۔ 'اوپڑی دی گڈ گڈ دی
اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال اب واہے

گوروجی خالصہ اینڈ واہے گوروجی واکی فتح...... جو بولے سونہال ست سری اکال"۔

امیُگ مانہِ اوس شاید زِ ژ چھُکھ مسلمانن ہُنٛد خدا...... سکھن ہُنٛد ہے آسہِ ہکھ تہٕ میون بوزٕ ہکھ ضرۄر......

تبادلہ برونٛہہ کینٛہہ دوہ آو ٹوبہ ٹیک سنگھُکھ اَکھ مسلمان ، یُس أمِس دوس اوس بشن سنگھس ملاقاس۔ برونٛہہ اوسنہٕ سُہ زانٛہہ آمُت۔ بشن سنگھن ییٚلہِ سُہ وُچھ سُہ گوو ہوکُن تہٕ واپس ہیوٚتُن نیرُن مگر سپہٕ ہو رُکوو تہٕ وۄنہس "یہِ چھُے ژےٚ سمکھنہِ آمُت...... چون دوس فضل دین"۔

بشن سنگھن ترٲو فضل دینس نظراہ تہٕ پھسراے ہیٚرٕن کرٕنی۔ فضل دین آو أمِس برونٛہہ کُن تہٕ شانس پیٹھ اَتھ تھأوِتھ وۄتھس "مےٚ ووت کوٚت کال سونچان زِ بہ کرٕ ژےٚ ستی ملاقات مگر کیٛاہ کرٕ فرصت آیم نہٕ......

چاۓنۍ ساٲری چھِ وارے، ہندوستان گیہِ ، یہِ کینژھاہ مدد

مےٚ تام اوس کوٚرمکھ ۔ چاۓنۍ کوٚر روٗپ کور......" ونان

ونان ٹھہریو وسہ...... تہٕ بشن سنگھ زَن لوٚگ کہتام یاد

پاونہِ...... میاۓنۍ کوٚر روٗپ کور......"

فضل دینَن ووٚن ٹھٕہرِتھ...... اوِ ......سوتہِ ......

سوتہِ چھےٚ ٹھیک ...... تمنٕے ستی گیہِ ......

بشن سنگھ روٗد ژھوپہٕ کٔرِتھ...... فضل دین لوٚگ

وَننہِ "تمو اوسُم ووٚنمُت ژٕے گرٕ چھے خبر اَتر ہوٚوان

روزُن...... تہٕ ووٚنۍ بوٗزُم ژٕے تہِ چھُے ہندوستان

گرٕ ژھُن...... میانِن باین بلبیر سنگھ تہٕ رگوبیر سنگھس وُنۍ زِ

میٲنۍ سلام...... میانہِ بینہِ امرت کورِ تہٕ......بلبیر سنگھس

وُنۍ زِ فضل دین چھُ خوش پٲٹھۍ...... تمہِ کاژرِ مٲشہِ یمہٕ تِم

مےٚ نِش ترٲوِتھ گٔمتۍ ٲسۍ، تمو منٛز زاوٕ اکس مٲشہِ کوٚٹ

تہٕ بییس مٲشۍ مگر سو مویہِ شٕھن دوہن ہنٛز واٲتتھ...... تہٕ

مےٚ لایق یوسہٕ تہٕ خدمت آسہِ مے گرٕ ژھہٕ وَنُن......بہٕ

چھُس پڑتھ وِزِ تیار۔ اِو یہِ چھم چانہِ خاطرِ گوجہِ اَنمُژ۔''
بشن سنگھن پلہِ ناوٗ گوجہِ کھُٹُج ووِدنہِ سپہ ہَس تہِ فضل
دِینس پرٛژھُن ''ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہ......''
فضل دین گو وحاٗران ہیوٗو...... ''کتہِ چھُ...... تتھۍ
یِیتہِ اوس''۔ بشن سنگھن پرٛژھُس بیٚیہِ، ''پاکستانس منز
ہا کنہِ ہندوستانس منز''۔
''ہندوستانس منز...... نہ نہَ پاکستانس منز''۔ فضل
دین بانبر یوو ہیوٗ......پھِسراے کران دژاو بشن سنگھ
''اوپڑی گڑ گڑی انیکس دی بے دھیانا دی منگ دی
دال آف دی پاکستان اینڈ ہندوستان...... فٹے مُنہ''۔
تبادلہِ چہِ تیٲری آسہِ اند واژمَژ......یِیتہِ پیٚٹھ ہور
تہِ ہور پیٚٹھہِ یور پاگل واتناوٕنکی فہرست آسی وٲتی مژ تہِ
تبادلُک دوہ تہِ اوس مقرر کرنہِ آمُت۔ زم ہریرِ چ تراٗ س
یِیلہِ لاہورکہِ پاگل خانہِ پیٚٹھہِ ہیٚندی تہِ سِکھ پاگلن ہنٛز
بٔرتھ گاڈٕ پُلسہِ حفاظتس منز دژا یہِ۔ افسر تہِ آسِکھ سٟتی۔

واہگہ بوڈرس پیٹھ سمکھیہِ دون طرفن ہندی سپرانٹنڈنٹ تہٕ مۆلہِ کاروٲیی کٔرِتھ گوو تبادلہٕ شروع یُس رٕتی راتس جٲری روٗد۔

پاگل گاڑیو منٛز کڈٕنی تہٕ دۆیمین افسرن حوالہٕ کرٕنی ٲس کُڈر کٲم۔ کینٛہہ پاگل ٲسی نہٕ گاڑیو منٛز وسانٕے۔ یِم وۆنی نیران ٲسی تِم سنبھالنٕی ٲسی مشُکل۔ تِم ٲسی اورٕ یور ژٔلان، یِم ننٛتھہٕ تٕنی ٲسی تِمن ٲسی پلو لاگان، تِم ٲسی بییہٕ ژٹان۔ اَڈی ٲسی لکٕہٕ لکٕ کران، اَڈی گیوان تہٕ کینٛہہ ٲسی پانہٕ وٲنی ژُوان، اَڈی ٲسی ودان، ودٕنکی ہِکھ ٲسِکھ کھسان۔ شورس منٛز اوسنہٕ کینٛہہ بوزنہٕ یوان۔ پاگل زنانن ہُنٛد شور اوس الگٕے۔ تِرٕ ستی ٲسِکھ دند ٹکران۔

اکثر پاگل ٲسی نہٕ کُنہِ قسمُک تبادلہٕ یژھان۔ یمن اوسنہٕ کینٛہہ فِکر تران زِ یِم کیازِ چھِ پننو جایو پیٹھ پژاٹنہٕ یِوان۔ کینٛہہ یمن رژھا سوچنچ اوس تہٕ ہنا فِکرتہِ اوس ترٲن ٲسی ''پاکستان زندہ باد'' تہٕ پاکستان مردہ بادٕکی نعرٕ

دِوان۔ دوِیہ ترٛیِیہِ لٹہِ بچوو فساد گرٛشھان گرٛشھان تِکیاژٕ کینٛہہ سِکھ تہٕ مسلمان اَسی نارٕ بوٗزی تھےٚ اشتعالس لایِنہٕ یِوان۔

یِیلہِ بِشن سنگھنٕ وأری وأژ تہٕ واہگہ یپأرِم افسرلوٗگ رجسٹری منٛز ناو درج کرنہِ ۔ أمی پرٛژھُس "ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہِ ...... پاکستانہٕ ہاکِنہٕ ہندوستانہٕ"؟

افسرن اوٚس "پأکستانس منٛز"

یہِ بوٗزِتھ تُج بشن سنگھن ووٚڈھ تہٕ پتِنِس دوٚیِمِس سأئیٹھیوِنش گوو۔ پاکستأنی سپٲہو روٚٹ تہٕ پکہ نوو کھ ہورگُن مگرتٔمی مونٛگھ نہٕ کینٛہہ۔ "ٹوبہ ٹیک سنگھ چھُ یِیتی"...... تہٕ زورٕزورٕ ہیرٛشن کرِتھ دِنہِ "اوپڑ دی گڑ گڑی دی اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال آف ٹوبہ ٹیک سنگھ اینڈ پاکستان"۔

لتس آو پھِری پھِری وَننہٕ "وُچھ ساوونی چھُ ٹوبہ ٹیک سنگھ ہندوستانس ہتی گوٚمُت ...... تہٕ اگر آسہِ نہٕ تہٕ

سُہ ییہِ فورن سوزنہٕ'' مگر تمیٚ مون نہٕ ۔ ییٚلہِ سُہ زبردستی دوٚیمِس طرفس کُن نِنہٕ آو ، سُہ روٚد منٛزس أکِس جایہِ پٔتھٕن ہانیمٕژن زنگن پیٹھ وودنہِ زَن تہٕ ووٕنی تَس کانٛہہ طاقتھ تہِ نَس ہلاوتھٕے ہیکہِ ہانہٕ۔

بے ضرر انسانٕ آسنہٕ کِس موجب آیہِ نہٕ تس ستی بییہِ کینٛہہ زبردستی کرنہٕ تہٕ تی دیتھس وودنہِ روزنہٕ تہٕ باقیٕ تبادلٕچ کأم پٔچ برونٛہہ۔

آفتاب کھسنہٕ برونٛہہ ژٕج درٕ لگیٕ متِس بشن سنگھس بڈٕ کریکھ نیٚرتھ...... اوٚرٕ یور آے افسرٕ دوان تہٕ پندٕہن وٕرین پٔتھٕن زنگن پیٹھ دَرن وول چھُ بتھیٚ کِنہِ پیومُت۔

یپأری اوس کنٛڈ ی تارِ پتہٕ کِنہِ ہندوستان...... تہٕ ہُپأری یژھی تارِ پتہٕ کِنہِ پاکستان تہٕ منٛزس یتھ زمین پاوِ ، یتھ نہٕ کانٛہہ ناو اوس ، اوس ٹوبہ ٹیک سنگھ پیوٚمُت۔

# مُژراو

امرتسرٕ دژایہِ سپیشل ٹرین ڈہچہِ دویہِ بجہِ تہٕ أٹھہِ گاٗنٹہِ پتہٕ واٗژ مغل پوٗر۔ کاٗتیاہ آیہِ وَتہِ مارنہٕ، سمبٕھاہ گییہِ زخمی تہٕ کرٕہن راوِ وَتہٕ۔

صُبحچہِ دَہہِ بجہِ ییٚلہِ کیمپ کِس سرد ماحولس منٛز سراج الدینن أچھ مُژراوِ تہٕ پانس أندی پکھٕی وُچھن مردَن، زنانن تہٕ شُرٕ ہن ہُنٛد ہجوم سُہ گو و روٗزِتھ تہٕ سوٗنچتھٕے ہیٚوٗکُن نہٕ کینٛہہ۔ سُہ روٗد واریہَس کالَس زرد اسمانَس کُن مُدٕے گنٛڈتھ۔ کیمپس منٛز اوس ژوپاٗری شور

مگر مٔری دِیا دم سراج الدینس اَسی زَن گن بنٛد سہ اوس نہٕ کہٕنٛی بوزان۔ یُس تس وُچھ ہے سہ اوس سونچان زِ یہٕ چھُ کتھ تام سوچس منٛز آوُر اماپوٚز تہٕ اوسنہٕ ۔ سہ اوس تھوٚکمُت تہٕ ژھیٚونمت زنتہٕ اسمانس اویزان۔

زرد اسمانَس کُن ہنگہٕ منگہٕ وُچھان وُچھان پییہٕ اَمِس اَچھَن اکتابہٕ زٕژ۔ تاپہٕ گاش زَن ژاو اَمی ہٕندِس اوس سأری ہے وجوٗدس اندر تہٕ سہ گوٚو تھوٚد وٕتھتھ۔ ہیٚرِ بوٚنہٕ لوٚگ اَمی ہٕندِس دِماغس تہٕ سونٛچس پھیوٚرتہٕ کرٕشکلہٕ آیس درٕینٛٹھی۔ لوٚٹھ ، نار، دِوِدَو ، سٹیشن، گولہِ ، راتھ تہٕ سکینہٕ......سراج الدین گوٚو یکدم تھوٚد وٕتھتھ تہٕ باورن ہٕنٛدی پأٹھی ہیوٚتُن لگہٕ سمندر منٛزی وَتھ کڈان دورن۔

برابر ترٛہن گانٹن روٚد سہ کیمپس وٕنی دِوان تہٕ ناد لایان ''سکینہ سکینہ''۔ مگر اَمی لوٚب نہٕ پننہِ کُنہِ کور ہُنٛد کانٛہہ تہٕ پے۔ ژوپأری اوس اَنہٕ گوٚٹ ووٚتھمُت ۔ اکھ اوس اولادس ژھاران بیاکھ ماجہِ ، اکھاہ زنانہِ تہٕ بیاکھا

پننہِ کورِ۔ تھکِتھ ژھینتھ بیوٚٹھ سراج الدین أ۔کتھ کُن تہٕ
پننِس یادِ ؤترس ترٛووُن زور تہٕ سونچنہِ بیوٚٹھ زِ سکینہٕ
گرتہٕ ۔کتھہٕ گیہٕ تَس جُدا۔ مگر سونچان سونچان آسہٕ تَس
أچھ سکینہٕ نہِ ماجہِ ہٕنزِ لاشہِ پیٹھ روٗزِتھ گرٛھان تیٖمِس
سأری أندرَم نبر چھکنہٕ أسی آمتۍ۔ تمہِ اور اوسنہٕ سہ
سونچتھے ہیٚکان۔
سکینیٚ موج أس موٗمٕژ۔ تمہِ اوس سراج الدینس
بروٚنہہ کنہِ امانتھ دیتُمت اما سکینہٕ کتہِ أس، تس متعلق
اوُسُس أہنزِ ماجہِ مران ووٚنمُت۔
''مےٚ ترأوییٚتی تہٕ سکینہٕ ہیٚتھ ژَل ییٚتہِ جَل جَل''۔
سکینہٕ أس مأیِس ستۍ۔ دوشوٕے أسی ننہٕ وأری
ژلان۔ سکینِن پیوو دُپٹہٕ ؤسی۔ یہِ تُلنہٕ باپتھ یوٚ ژھ أہندی
مأئلی رُکن مگر سکینِن دِژ٘س کریکھ۔ ''اباجی ...... أتی تراو۔
بلاے ژھنُس مگر أمی اوس ڈُپٹہٕ تُلمُت ...... یہِ سونچان
سونچان دِژٕ تمی پننہِ کوٗٹھہِ کِس کھتۍ متۍ چندس کُن نظر تہٕ

اَتھ منز اَتھہِ ترأوِتھ کوٚڈُن کھتام پلو...... یہِ اوس سکینٕن سٕے ڈُپٹہ...... اما سکینہٕ کتہِ اُس؟

سراج الدینَن دِژیوو پتِنس تھکی مِتس دماغس پیٹھ سٹھاہ زور مگر کُن ووت نہٕ۔ اما سکینہٕ اَنیہَ تمیٚ سٹیشن تام پانس ستی؟...... سو اُسا ریلہِ منز اُمی سیٚتۍ ستی بیٹھ؟...... وَتہِ ییلہِ ریل رُکیہِ تہٕ فساد کرن والی ژاے اَندر سٕہ اوسا تمہِ وِز بےٚ ہوش تہٕ اُتھی منز ژٕلی تم سکینس ہیتھ۔

سراج الدینِنس دماغس منز اُسی سوالےٚ سوال، جواباہ اوسنہٕ کانٛہہ۔ اُمس اُس ہمدردی ضرورت۔ مگر ژوپاٚری یم تہِ لوٗکھ پیٹھ اُسی تمن سارِنٕے اوس ہمدردی ہُنٛد حاجت۔ سراج الدین اوس وڈُن یژھان مگر اَچھ آسس رٕہتھ گمژٕ، اوٚش اوسُس غاب گوٚمُت۔

شییہِ دُہی ییلہِ سٕہ ہنا ہوشس منز ہیوٚ آو سراج الدین سمکھیوٚ تمن لوٗکن یم تس مدد کرنہٕ خاطرٕ تیار

أسی۔ یم أسی أٹھ نوجوان یمن أس گاڑی، یمن أسی بندوق۔ سراج الدینن کوٚر یمن دُعایہِ خأر تہٕ ووٚننکھ سکینُن خدوخال "پرٛٮ۪نی سٮ۪ٹھاہ خوٚبصوٚرتھ، مےٚ پیٹھ چھنہٕ ماجہِ ہُند ہیوٚ حُسن چھُس، قریب سداہ ؤرِش...... وٚچھِ وٚچھِ أچھ، کرٕہُن مَس، ڈٕچھِنِس روخسارس پیٹھ ویوٚٹھ لَکھ چُن...... میأنی کُنی کوٚر۔ لبِتھ أنی تونَم۔ خدا کرِ ہوو رأچھ تہٕ رفاقت"۔

رضا کار نوجوانو دیُت بڈٕ رتہِ جذبہ سان سراج الدینس یقین زِ اگر تسنٕز کوٚر زِندٕ أس تہٕ کرٕن تام دوٕہنے منٛز واتہِ سوٚ تَس نِش۔

أٹھو نوجوانو کٔر سٮ۪ٹھاہ کوٚشِش۔ زُوس گندان وأتی تم اَمرتسر۔ ٲکرٕ زَنہِ، مردتہٕ بچہِ أنی تمو کڈی کڈی تہٕ محفوظ جاین پیٹھ واتناوِکھ۔ داہ دوہ گٔیہِ مگر سکینہٕ لٔب نہٕ یمو کُنہِ۔

اکہِ دوہہٕ أسی یم بیٚیہِ اَمی خدمٔژ باپتھ گاڑِ منٛز

امرتسر گژھان زِ چھ ہرٹہ جایہِ وُچھ یمو سڑکہِ پیٹھ اکھ کوٚر۔ گاڑِ ہنٛز آواز بوٗزِتھے بانبر ییہِ سوتہٕ تمہِ ہیوٚت ژٕلُن۔ رضا کارو رُکاوگاڑی تہٕ بون وٕستھ دوریہِ اُمس ساری پتہٕ تہٕ اَکس کھہَس منٛز رٕٹکھ۔ یہِ اُس سٹھاہ خوٗبصورتھ۔ بتھِس اوسُس ڈٔچھنہِ پاسہٕ ویوٚٹھ لکھ چُن۔ اکھ لٔڑکہِ ووٚتھُس ژمہٕ کھوژ...... ”ژٕ چھُیہِ سکینہٕ ناوٗ“؟

اَمہِ ستیٖ زردییہِ سو بیٚیہِ ہَن۔ اَمہِ کٔر ژھوپہٕ تہٕ کہنٛہِ جواب دیُتنکھنہٕ۔ مگر ییٚلہِ سارِوے لڑکو دِلاسہٕ دیتھس لتس گوو وٕہمہٕ دوٗرتہٕ موٗنن زِ سو چھِ سراج الدینٛنٛ کوٗرسکینہٕ۔

اُٹھوِ وَے نوجوانو کٔر سکینٛنٛ پرٛتھ رنگہٕ دلجویی۔ لولہٕ سان کھیاوِکھ، دودچاوِکھ تہٕ کھاجکھ گاڈِ۔ اَکی کوٚڈ پنُن کوٹ تہٕ ترٛووُنس پیٹھہٕ تہِ کیازِ ڈُپٹہٕ نہٕ آسنہٕ کِنیٔ اُس سو پریشانی محسوس کران تہٕ رژھی اُس نرِن منٛز سینہٕ وَلنچ کوٗشش کران۔ مگر یہِ اوس بیٚیہِ نوٚن نیران۔

ءکتی دوہ گیہِ...... سراج الدینس میچ نہٕ سکینٕنی کانٛہہ

خبرا اَترا۔ ڈٕہی دوہس اوس کیمپن تہٕ دفترٕ دفترٕ پھیران مگر

کُنہِ لوٚبُن نہٕ کورِ ہُنٛد پَے ۔ شامن اوس یمن رضاکار

نوجوانن ہٕنٛدِ خاطرٕ زٕتھی دُعا منٛگان یمہٕ تَس وعدٕ کوٚر رُمت

اوس زِ اگر سو زندٕ آسہِ اَسی انون ژھأرِتھ۔

اکہِ دوہہٕ پیٚیہِ سراج الدینس یمن کمپیس منٛز یمن

رضاکارن پیٹھ نظر یم گاڑِ منٛز بہتھ اَسی ، سراج الدین آو

دوران دوران یمن نِش۔ گاڑی اَس نیرن واجینٛہ تہٕ اَمی

پرٛژھکھ گوٚ بربو ''میانہِ کورِ سکینُن مالوٚگ کانٛہہ پَے؟''

سارِوٕے ووٚنُس لگہِ پے لگہِ پَے تہٕ کَڈٕکھ گاڑی۔

سراج الدینن کوٚر بیٚیہِ اکہِ لٹہِ یمن نوجوانن ہٕنٛزِ

کامیأبی باپتھ دُعایہِ خأرتہٕ اَمہٕ ءستی لوتیو ہیوٚتُس بوژَھ۔

شام گرٛژھ وُنے گووا اَتھ کمپیس منٛز بیٚیہِ سراج الدین

بہتھ اوس، کہتام گرٛ بڑ نفر ژونبرٕ اَسی کہتام پکناوان۔ یمن

پرٛژھُن تہٕ بوزُن زِ اکھ کوٚر اَس ریلوے سٹیشنس نِش

بےٚ ہوش پیمژ ۔تہٕ لۆکھ اٗسی تمٕ سےٚ اَنان۔ سراج الدین پۆک یِمنےٚ پتہٕ پتہٕ لُکو کٔر کوٚر ہسپتال والین حوالہٕ تہٕ دژایہٕ۔

کینژَس کالس روٗدیہِ ہسپتالَس نیٚبر کنہِ اکِس ہچہِ کوٚٹِس ستیٚ ووٗدنی تہٕ پتہٕ ژاو وارٕ وارٕ اَندر۔ کمرس منٛز اوسنہٕ کھیٛنیٚ۔ اَتہِ اوس اکھ سٹریچر یتھ پیٚٹھ اکھ کوٚر اٗس۔

سراج الدین لۆگ وارٕ وارٕ اَتھ کُن پکنہِ۔ کمرس دٕ زہنگہٕ منگہٕ بجلی تہٕ سراج الدینن وُچھ لاشہِ ہنٛدِس لیٚدرِس بتھِس پیٚٹھ لکھ چُن تہٕ کرِکھ ژٕجس نیرِتھ "سکینہٕ!"

تیٚمۍ ڈاکٹرن بجلی ترٲوِمژ اٗس۔ پرژھُن سراج الدینس کیاہ دٔلیل"؟

سراج الدین کلیوو تہٕ صرف ووٗننس یتہٕ "بہٕ...... بہٕ جناب چھُس اَمِس مول"۔

ڈاکٹرن ترٲو سٹریچرس پیٚٹھ پیٚمژِ لاشہِ کُن نظر۔ نبض وُچھنس تہٕ سراج الدینس ووٗنُن ــــ دٲرِ مُژراو۔

سکینس موردِ پانس آیہِ حرکت تۃ نبتۃِ سوتھ اتَھو مُشرآوتمٔ یزارِ ڈوٗرتۃٖ شلوار وولُن بون۔ مُرٔ دیادم سراج الدینس ژٔج خُشی ستیٖ کریکھ نیرتھ ''زندے چھےٚ...... میأنی کوٗر چھےٚ زندٕ...... ڈاکٹر گوو کلہٕ پیٹھٕ نلس تام عارٕقے عأرق۔



# گوٗلی

شفقت ییٚلہِ دُپہرس دفترٕ پیٹھٕ گرٕ آو۔ اتہِ اٚسی پٔرٛھی آمٕتۍ۔ زنانہٕ پٔرٛھی یم بڑِس کُٹھس منٛز بہتھ اٚسی۔ شفقتنۍ آشنۍ عائشہٕ اٚسی یمن رنٛزٕ ناونس ہتۍ آورٕ۔ یتھے شفقت آنگنہٕ ژاو۔ آشنۍ دڑ ایس بُتھہِ تہٕ وٚننس۔

"عزیز صابٕنۍ زنان تہٕ کورِ چھےٚ آمٕژ"۔ شفیقتن تُج کلہٕ پیٹھٕ صحب ٹوٗپۍ تہٕ ڈٔبکس عارق وتھران پرٛ ژھنس۔

"کُس عزیز صاب"

"کیاہ چھکھ ونان۔ چأنس مالی سُند یار" وٕژھس

عاَشہِ۔

"اچھا...... عزیز چاچہ"

"اَو ...... سُے ، سُے"

شفقت گوو حاَران۔ "مگر تَمے چھِ افریقہہِ"

عاَشن تھاَو وُٹھن پیٹھ اوٚنگج۔ " وارِ وارِ کرِ گتھ۔ پتہٕ

چھُکھ کربکہِ دِوان ۔ یُس افریقہ گژھہِ سُہ ییہِ نا پتہٕ

واپسے"۔

"رَٹھ تہٕ ووں ہرٚتھ ژٕے کربکہٕ دِنہٕ"۔

ووں مہٕ تُل شور۔ عاَشہِ وُژھس کُٹھس کُن، نظر

تراوان۔ عزیز صاَب چھُ افریقہ ہےٚ۔ زنان چھَس کورِ

خاندر کرنہِ یور آمُت۔ جان پہَن گرِ چھِ ژھاران"۔

أندرِ پیٹھہِ دِژ عزیز صاَبنہِ زنانہِ کربکھ۔ عاَشو ژٕے

کیٛاہ روٚٹھَن شفقت صاَب اوٚری۔ اَندر دِس اَژنہٕ۔

وولہِ ساہ شفقت گوٚ برا۔ وولہِ وار یاہہِ کاَلی وُچھمَکھ"۔

"یکیٛاہ آس چاچی" شفقتن دِژس پنٕنی ٹوٚپی کلِس

پیٹھ تھاوان کربکھ ۔ اَمہِ پتہٕ ژاوسہ کُٹھس منز۔

"آداب ـــــ چاچی"۔

عزیز صأبنہِ زنانہِ تھوٚوس تھوٚد وٕتھتھ کلس پیٹھ اَتھہٕ تہٕ دُعایہِ خأر کوٚرنس ۔ شفقت بیوٚٹھ تہٕ بُتھہِ کنہِ وُچھن زِشکیل کور صوفس پیٹھ بہتھ ۔ اکھ أس لوٚکٹ تہٕ بیاکھ بٔڈ۔ دوشوٚے آسہٕ اَکھأ اَکس ہشے۔

عزیز صأب اوس پانہٕ سٹھاہ نُندٕ بون تہٕ حُسن اوس یِمن دوشوٕنی کورٮ۪ن برابر تہٕ زیادٕ پُرکٔشش بناوِتھ باگہِ آمُت۔ ماجہِ ہنٛزٕ ہِشہِ أچھ۔ نیچہِ۔ مَسٕ زیوٚٹھ تہٕ کاژنیارٕ سان۔

لوکچہِ أکس اوس بجہِ ہنٛدِ کھوتہٕ بُتھ زیادٕ پرٛ ۆن تہٕ بٔڈ ہِش أس لوکچہِ ہنٛدِ کھوتہٕ سٹھاہ ژھوٚپ۔

موج وٕژھ کورٮ۪ن ۔ "گوٚبرٮ۪و بأیس کٔرِو سلام"۔

لوٚکٹ ہِش وٕژھ تھوٚد تہٕ اَتھہ تھوٚد تُلِتھ کٔرن شفقتس سلام تہٕ بجہِ ہِشہِ کوٚر بہتھے کلہٕ نوٚمرتھ سلامہِ ہُنٛد

اشارٕ۔

شفقتن دِتُکھ وژھہِ وأنجہِ جواب۔ اَمہِ پتہٕ گیہٕ افریقہ تہٕ عزیز صابَس مُتلق زٕنٛھ کتھ شروع۔ نیروبی، ٹانگانیکا، دارالسلام، کراتنیا تہٕ یوگنڈاچہِ زٕچھہِ تہٕ دراز کتھہٕ۔ کتیُک موسَم چھُ ٹھیک، کتیُک چھُ خراب، موٕ کتہِ کتھی چھِ۔ لوکٹ ہِش وٕژھس زِ ہندستانَس منٛز چھِ تژتہٕ موٕ۔

"ہا کُمٕ وٕنے۔ بَڈ اصل موٕ چھِ۔ شرط چھُ اَمیُک موسم گرٕژھ آسُن" شفقت وٕ تھ ہندستانُک یَزتھ بچاونہِ۔

نہَ، نہَ ــــ غلط ــــ لوکٹ وٕژھ نَس کھأتھ۔

موجی ...... راتھ یم ژ ے مالٹہ بازرٕ أنتھ تم واتنہٕ سانٛن مچنگن ۔ چھا تمن ہوی؟

موج وٕژھ کورِ مدتس۔" گوٚ برایہِ چھےٚ پوٚزوٚنان ییتِکی مالٹہٕ واتَن نہٕ تتہِ کٔہن مچنگن"۔

عأشن پرٕژھ لوکچہ ہِشہٕ...... "طلعت یہِ مچنگہٕ کیٛاہ

گوو۔ یہ چھُ بدلے کیاہ تام ناواہ؟"

طلعتس آو اُسُن " آپے۔ یہِ چھُ مالٹس ہِوُے موٚ
آسان۔ یوٚت موٚدُر زِ کیاہ ونے ...... اَمیک رَس......
اَکُے چیر وون میزِ پیٹھِک ہُہ گلاسہٕ یییہِ برِتھ۔

شفقت لوٚگ گلاسس وُچھنہِ تہٕ اندازٕ کوٚرُن زِ
یہِ کوتاہ بوٚڈ آسہِ یییمہِ ستیٚ یوٚت بوٚڈ گلاسہٕ برنہٕ ییہِ"۔

طلعتن دیُت فخرٕ سان جواب...... " آ...... برابر"۔
یہِ بوٚزِتھ ووٚتھ شفقت "تیٚلہِ آسہِ یہِ موٚ سٹھاہ بوٚڈ"۔

طلعتن گلہِ نوو کلہٕ۔ نہَ نہَ۔ نہَ نو چھُ بوٚڈ تہٕ نہَ
چھُ لوکُٹ۔ بَس ییٚتہِ کِس تھہندِ س مالٹس برابر۔ یِہے تہِ
اَمِچ خوٗبی۔ اَتھ چھُ رَسے رَس۔ بیٚیہِ ہے اناناس موجی۔
امیُک کھاش چھُ بجہِ ژوچہِ سوٚنب آسان۔

ژیرِ تام روزِ اناناس چہِ کتھہِ سپد ان۔ طلعت اُس
واریاہ کتھہِ گرٕ۔ افریقھس ستیٚ اوٚسُس عشق۔ تتیُک
پرٕتھ چیز اوس اُمس خوش کران۔ بڈٕ ہشِ کوٚر تیمِس

نِگہت ناو اوس اَسۍ ژھوپہٕ کرِتھ ۔ تمہِ دیُت نہٕ کُنہِ کتھہِ منز دٕخل ۔ شفقتن ییٚلہِ سو زیادے ژھوپہٕ کرِتھ وُچھ ۔ سُہ وۄتھ تَس کُن ۔" ژٕ ےٚ چھےٚ نہٕ شاید یمن کتھن منز کُنہِ قسمچ دلچسپی۔"

نگہتن مُژری وُٹھ تہٕ وۄنُن ۔" نہ بَے چھَس مٕز سان بوزان ۔"

شفقت وۄتھُس" مگر کتھا کرتھ نہٕ کانٛہہ ۔"

عزیز صأبنۍ زنان وۄژھس ۔" گۄبڑیا، أمِس چھُ یُتھے طبیعت ۔ شفقتن پرٛژھُس بے تکلفی سان" چاچی...... یتھ وأنسہِ منز پزیا کورمن ژھوپہٕ کرِتھ بہٕن ، یہِ کیٛاہ گوو کتھے نہٕ کرٕنۍ"۔

نگہتس کُن پھیرِتھ وۄتھ ۔" حضرت کتھا کرِو"۔

شرمہِ ہۄت اَسُن وُٹھن پیٛٹھ أنتھ وۄژھ نگہت۔

"بھائی جان کران ہےَ چھَس"

شفقتن وۄنُس اَسان اَسان ۔" تصویرن تہٕ

فوٹون ہستی چھادلچسپی۔"

نِگہت مند چھیہِ تہٕ بون کُن وُچھِتھ وٕژھس۔

آ...... کیٚاز نہٕ" ۔ تہٕ وٕتھو بہٕ ہاووٕ توہہِ پنُن البم...... سُہ

چھُ اپارٕ" ۔ یہِ ونان ووٚتھ شفقت "وٕلو"۔

عائشن دِژ لوتی شفقتَس اَتھس زیر۔ تمیٚ دِژ کیا ہتام

پرٛژھنہٕ کہِ انداز پننہِ زنانہِ کُن نظر۔ تمہِ کوٚر تَس أچھوٕ ے

ہستی کیا ہتام اِشارٕ پننہٕ شفقتَس فِکرِ توٚر۔ سُہ گوو حأران زِ

تسنٛز زنانہِ کیٚاہ گوو، تمہِ کیٚاز دیُت تَس اَتھس چیرٕ تہٕ

اِشارٕ کیٚاہ اوس تہٕ طلعت گیٚہِ تھوٚد وٕتھتھ۔ "پکِو بأ ے

جان مےٚ چھُ بیٚین ہُنٛد البم وُچھُن خوش کران۔ مےٚ چھُ

فوٹون ہُنٛد اکھ کولیکشن"۔

شفقت تہٕ طلعت گیٚہِ بیٚیس کُٹھس منٛز تہٕ نگہت

روٗز ژھوپہٕ کرِتھ بہتھ۔ شفقت روٗد طلعتس فوٹو ہاوان تہٕ

طلعت روٗز حسبِ عادت کتھہٕ کران مگر شفقتس أسی مَغز

کتہِ تام۔ سُہ اوس نگہتَس متعلق سونچان زِ سو کیٚاہ زِ چھےٚ

پیٚڑ ژھوٚپ۔ سوٚ کیاز ِ آیہ ٕنہ البم وُچھنہٕ، ییٚلہِ تمٕ تس وٚون
ووتھنہٕ باپتھ تہٕ عائشن کیاز ِ دیُت تس اَتھس چیز۔ أچھو
ستی کیا کوٚرنس اِشارٕ تمیُک مانہِ کیاہ اوس۔
سأری فوٹو وُچھنہٕ پتہٕ تُل طلعتن اَلبم تہٕ وُژھ
شفقتس۔ ''بہٕ ہاٚو باجی، تٕس چھُ تصویر جمع کرُنک سٮ۪ٹھاہ
شوق''۔
شفقت اوس پرٛژھنس تیار زِ اگر تس شوق چھُ سو
کیاز ِ آیہ ٕنہ تَس ستی وُچھنہٕ مگر طلعت أس البم ہیتھ نبر
وأژمٕژ۔ شفقت آو بٔڈس کُٹھِس کُن تہٕ نگہت أس دِلہٕ
جانہٕ البمس سنیمٕژ۔ پرٛ ہیتھ تصویر زَن أس تٕس شاد کران۔
عائشہِ أس کورٕ ہن ہنٛزِ ماجہِ ستی کتھن منٛز آوٕر تہٕ
شفقت اوس ژوٚرٕ نظر وُچھان۔ نگہت یوسہٕ اَمہِ بروٚنہہ
بُتھ لٔدِتھ بہتھ أس، أس ووٚنی ہشاش بشاش باسان۔
باسان اوس زِ تصویر یمہِ فنُک اکھ اعلیٰ نموٗنہٕ چھِ، آسہٕ تس
آرام تہٕ سرٛ بہہ واتہٕ ناوان۔ أچھ آسہٕ تس چمکان۔ اماپوٚ ز

ییتھےٚ أ َکس شوٗبہٕ دار زنانہِ تہٕ گُرٕی ہنٛز تصویر پھرٕنی أچھٕن ہنٛز چمک گَیس غأب ۔ لوتی تراوُن ووش تہٕ أندری گیہِ شرٛ پتھ۔

البَم موکلیوو تہٕ شفقتس کُن شکریہ کران وٕژھ نگہت۔

''بھائی جان بڈٕ جان البم۔'' شُکریہ تہٕ اَلبَم پلہٕ نوُون شفقتس کُن۔

شفقتن روٚٹ نِگہتنہِ اَتھ البَم تہٕ منیٹل پیٖس پیٹھ تھوُون مگر تَس اوس دماغ گیرِس منٛز تہٕ باسان اوُسس ''ییمِس کورِ ہنٛز زندگی چھ خبر کَمن رازَن وٕلتھ یا چھُس کانٛہہ اَڈلیوٚک رومان نتہٕ کانٛہہ نفسیأتی بیمأری۔

چاے واٚژتہٕ شفقت ووٚتھ نگہتس کُن ''وٕتھِو بنأوِو چاے یہِ چھُ زنانَن ہُنٛدُ ے حق''۔

نگہت روٚز ژھوپے کُرِتھ تہٕ طلعت گیہِ تھوٚد وٕتھِتھ ''بأے جان بہٕ بناو''۔ نگہتس زَن آو بُتھ وُنلہِ بُرتھ تہٕ شفقت گووہنا بیٖہِ تہٕ بیقرار ییلہِ تمیٚ ہنگہٕ منگہٕ نگہتس

کُن مُدے گنڈِتھ وُچھ۔ سوٗ گیہِ عاجز ہش۔ شفقتس گوو پننہِ جایہِ افسوس زِ تمی کیاز کٔریِ یِتھ نازیبا حرکت۔

چاے چھوان ووٗژھ اور چہ یورچہ سٹھاہ کتھہِ۔ طلعتن کوٗر زیادَے پَہن کلامہٕ۔ ٹیٖچ ذکر وٗژھ تہٕ شفقتس لٔج تھسکناونہِ...... زِ سو اٗس نیروبی منز نمبر اکھ کھلاڑی تہٕ پنداہ وُہ کپ چِھن زاینہٕ متی۔ نگہت اٗس برابر ژھوپہٕ کٔرِتھ۔ اٗہنزِ خاموشی منز اٗس زیادَے پَہن وُداٗسی تہٕ واٗراگ۔ ننان اوس زِتَس چھُ خاموش روزنُک احساس تہٕ شرمندٕگی۔

اکھ کتھ یوسہٕ شفقتن زیادَے پَہن ژٕینٛ۔ سوٗ گیہِ یہِ زِ عزیز صاٗینٛ زنان اٗس ماجہِ تون نگہتس کُن زیادَے پَہن ورتاوان۔ پانہٕ وُتھِتھ دِتِنس کریم رول۔ وُٹھ تہٕ بُتھ وتھراونہِ باپتھ پلناوِنس پننہٕ رُمال۔ تَس ہیٚتی اگر کانٛہہ کتھ کرِہا تہٕ بلایہِ لگی لگی اٗس کران۔ باسان اوس زِ سو چھَہ کتھو ہیٚتی تَس لول بران، کلس پیٹھ اتھہِ تھاوان تہٕ

بُمبہٕ راوان تہٕ گاشراوان۔

نیرِنٛگ وق ووت تہٕ عزیز صاۓنہٕ زنان وٲژھ، برقہٕ
ٹُلن تہٕ عاۓشس ستی کوٗرُن نالہٕ موٚت۔ شفقتس کوٗرُن
دعایہِ خاۓر۔ نگہتس کُن گیہِ تہٕ لولہٕ برٛژو کتھو
وٲژھس "ووتھ لگے بلایہِ، نبر ووٗنی"۔

طلعت گیہِ کھڑٕ ہٕٹھ گُرِتھ وٲتھِتھ، ماجہِ گٲر نگہتس
أکِس نرِتھچھ تہٕ طلعتن بیٚیس تہٕ تُجکھ تھوٚد۔ شفقتن ییٚلہِ
یہِ وُچھ تٔمِس نیوٚکھ نصف پانس زوکٕڈِتھ۔ برٛتھس کھنڈس
زن گووتس دِل تہٕ دماغ رُکتھ۔ ییٚلہِ تٔمی سمبول أندری
وٲژھس دگ تہٕ دود۔ ماجہِ تہٕ بیٚنہِ ہٕنٛدِ مدتہٕ ییٚلہِ نگہت
ڈوکر دِوان پٔنٛنہِ بے بروسہٕ قدم ٹُلان آس تمہِ نیوٚو پنٛن
اَتھہٕ ڈکِس کُن تہٕ عاۓشس تہٕ شفقتس گٔرن سلام۔ کوٚتاہ
لوٚبہٕ وُن انداز اوس مگر أمی ہٕنٛدی اَتھن زن ترٛوو شفقتس
دِلس پیٹھ دوٚگ۔ سوٗرے راز گوٚوتس عیان۔ تٔمی سوٗنچ زِ
قدرت چھے بڈٕ بے رحم۔ "اما کیازِ۔؟ یژھِ معصوٗم تہٕ لوٚبہٕ

وُ نہِ کورِ ءستی یُتھ ظُلم تہٕ زیادتی ۔ أمی کیاہ ءسنا اوس کوٗ رمُت یُتھ ۔ یہ کروٗ ٹھ سزا چھُس "۔

سأری دژ ایہِ ۔ عأشہِ دژ ایہِ یمن نبر تام ءستی تہٕ شفقت روٗ د فلسفی بُٕنتھ سونچہٕ ۔ پتھٕ پیٚہِ شفقتس یار دوس وأتتھ تہٕ تِمن ءستی گوٚ و تاس گنٛدنَس منٛز یوٗت محوزِ نگہت تہٕ تُسٛند مُصیبتھ گوس مُٔشتھ...... وَق ووت ژیر تہٕ عأشن سوٗ ز موٗہنِوس اَتھِ شفقتس ناد ۔ تَس گوو ییمہِ کتھہِ ءستی افسوٗس زِ تاس گنٛد نہٕ خأطرٕ گٔیہِ تَس نگہت تہٕ تُسٛند دود مُٔشتھ ۔ یہ کتھ گُرتُمی عأشس ءستی تہِ ۔ سو وٕ ژءھس ، کھبہٕ ژوٗ ٹ ۔ کتھ ییہِ پتہٕ تہِ کرنہٕ ۔

بأژز آسی ہمیشہ یکہٕ وٹہٕ شونگان ۔ خاندرٕ پتھٕ آسی نہٕ تِم زانٔہہ تہِ اکھ أکِس نِش بیوٚن گٔمتی ۔ خاندرس آسِکھ شٔے ؤری گٔمتی مگر بچہٕ اوسُکھ نہٕ کانٔہہ ۔ ڈاکٹرو اوسُکھ ووٗ نمُت زِ عأشس چھُ کُستام قصوٗ رُیس نہَ اپریشنہٕ روٗس دوٗ رگژھِ مگر عأشہِ اُس اَتھ کھوژان ۔ بأژزٕ آسی

خوشحال زندگی گزاران تہٕ پانہٕ وأنی أسکھ نہٕ زانھہ تہِ کُنہِ قسمچ رنجش گمٕژ۔

شامس ییٚلہِ تم دوہدِشکی پأٹھی نالہٕ موٚت کرِتھ شوٚنگی۔ شفقتس پیٚیہِ نگہت یاد۔ ووٚشہ ترأوِتھ ووٚتھ زنانہِ کُن۔ "عأشے نگہتس کیاہ ذٕلیل تہٕ کُس دود چھُس"۔

عأشن ترٛوو ووٚشہ تہٕ ووٚننس۔ "ییٚلہِ سوترٕن رٕژن ہنٛز أس لٔس گوٚڈنچہ دِق تہٕ بۄنٛ مس پأسس گوس فالج"۔ شفقتنس دِلس منٛز گوٚو نگہتنہِ باپتھ ہمدردی ہُنٛد سبٕٹھاہ جذبہٕ پأدٕ۔ تمۍ روٚٹ زنانہِ ہُنٛد کمر پتنِس سینس سٟتۍ تہٕ ووٚننس "عأشے یوٚت ظُلم کیاز، خدا کیا زِ یوٚت ظأٔلم"۔

عأشن دیُتنس نہٕ کانٛہہ جواب۔ شفقتس پیٚیہِ دُبٕکی سأری واقہٕ یاد۔

"ییٚلہِ مےٚ تَس ووٚن البم ہاوَے، ژےٚ دِتُھ مےٚ اَتھس چیر"۔

''اھنو......اَدِ کیٛاہ...... ژٕ اوسُکھ ونان تہٕ ونان......''

''خدایہٕ سٔنز درٕے اگر مےٚ خبرأس''۔

''تَس چھُ سبٕھاہ گوٚو زِ تَس چھُ فالجِہٕ''۔

''ژٕےٚ ووٚنتھ یہِ، زنتہٕ مےٚ کأنسہِ سینس تیر

لوٚے''۔

ییٚلہِ سو آیہ...... مےٚ زَن گوٚو دِل وُ جارٕ...... بچأر

پیٚشابہٕ اوسُس کرُن...... بیٚنہِ تہٕ ماجہِ نیہٕ تھپھ کٔرِتھ......

ڈوٚر مژرأوہس تہٕ پتہٕ کٔرہَس بند تہِ...... واے ٕکرٕ شاہ

حسین چھےٚ......''

اَدِ فِکرِ چھاتران أمِس چھُ فالج......خدالیس پتَھ''۔

''سبٕھاہ قأبِل تہِ چھِ''

''اچھا۔؟''

''أھنز موج أس ونان دپان چھَم بہٕ کرٕنہٕ

خاندر...... انھرشی روزٕ''۔ شفقتَن کٔر کینژس کالس ژھوپہٕ

تہٕ پتہٕ ووٚتھ سبٕھاہ مویوٗسی سان۔ ''اچھا گوٚو احٕکساس

چھُس زِ خاندرِ خاطرِ گرٛھِہ نہٕ کانٛہہ تیار"۔
شفقتنن سینہٕ والَن اوٚنگجو ہستی گِنداں وٕ ژھ
عائشہِ۔
"شفقت صابا کُس کرِ خاندر......موزوٗرِ ہستی"۔
نہَ۔نہ......یہِ مہٕ وَن ژٕ عائشے۔
"کُس دِیہِ شفقت صابہٕ پیٹھ قوربانی"
"ژٕ چھکھ ٹھیک ونان"۔
حسین چھےٚ...... کھٔنہٕ چیٚنہٕ وأنس مالی ہنٛز کوٚر
چھےٚ......سورُے رُتُے رُتُے......مگر
بہٕ چھُس سونچان......مگر۔
"مردَن کتہِ گوو دِلس رحم پأدٕ"۔
شفقتَن دیُت لَرِ پھرُن۔"نہ......یہِ مہٕ وَن......
ژٕ......عائشہٕ"۔
عائشن تہِ دیُت لَرِ پھرُن۔ وونی اوسُکھ بُتھ اکھ
أکِس کُن......"بہٕ زانہٕ سورُے......کانٛہہ تیٚتھ مرد

ژھارون یُس أمِس بچارِ ستی خاندر کرِ''۔

مے چھنہٕ خبر کینٛہہ تہٕ......مگر

بڑٕ بێنہٕ چھِ ...... کوٗتاہ دُکھ آسبس۔ لوکچہٕ بێنہٕ ہٕنٛز

کتھ چھِ چلان'' ...... پوٗز چھکھ ونان...... ژٕ''۔

عائشس ژوٗل زیوٗٹھ وۄش نیرِتھ۔ ''ساٗری سے

وأنسہٕ روزیا وۄنی تِتھے پاٗٹھی پٔنٕن بور للہٕ وان''۔

''نہ......نہ یہٕ ونان وۄتھ شفقت تہٕ بہتھ روٗد''۔

عائشہِ وۄژھس ''تہٕ کیٛاہ گوٗو''۔

''ژےٚ چھےٚ یہٕ تٔمِس ستی ہمدردی''۔

''کیٛازِ نہٕ...... تہٕ کیٛاہ گوٗو''۔

تَلا خداسٕنٛزِ درے ہاوٗ''۔

اَتھ پٔٹھ کیٛاہ قَسم چھُ ہاوُن۔ پرٕتھ انسانس پزِ

تَس ستی ہمدردی تھوٕنی''۔

شفقتن کُررژھ کھنجہِ ژھوپہٕ تہٕ وُنن۔ ''تیٛلہِ چھِ

مےٚ یہٕ کتھ سوٗنچمٕژ''۔

کھ ژٹان پڑژھس عائشن ''کیاہ''۔

''مے چھُ ہر وِزِ یہِ احساس روٗدمُت زِ ژ چھکھ تھدبن خیالَن ہنز زنان تہٕ ژےٚ چھُتھ میون یہِ خیال کرِتھ پھِر دُرٛس ثابت کوٚرمُت۔ خدا ے دِین مےٚ ٲنس خیالس دربر...... مے چھُ اراد کوٚرمُت زِ بہٕ کرٕ نگہتس ہتی خاندر...... اَمیُک ثواب میلی ژےٚ''۔ سو روٗز برٛنژس کھنڈس ژھوپہٕ کرِتھ...... تہٕ...... پپٹھے زن پھوٚٹ بَم......

''شفقت صأبا بہٕ لاے گوٗلی اگر ژےٚ تہٕ کوٚر رُتھ''۔

شفقتس باسیوو زِ تَس آیہِ زبردَس گوٗلی۔ سُہ موٗد تہٕ پننہِ زنانہِ ہنز کوچھہِ منز گوٚو دفَن۔



# خورشٹ

اُسی اُسی دِلہِ بسان۔ مےٚ گوو بچہِ بیمار تہٕ ہمسایگی منزٕ بَسن وول ڈاکٹر کاپڑا اوٚن گرٕ بُلاٗ وِتھ۔ سُہ اوس کوٚب تہٕ ژھوٹہٕ قدُک انسان مگر انتہاٗیی شریف۔ میاٗنِس بچس کوٚرُن بڈٕ جان پاٗٹھی یلاج۔ فیس دِژیوس مگر روٚٹُن نہٕ کینٛہہ۔اوس تہٕ پارسی مگر اُردو اوس فَر فَر کران بولان تِکیازِ سُہ اوس دِلہ منزے زامُت، بڈیومُت تہٕ اتی اوسُن پوٚرمُت تہٕ۔

اَسہِ بروٚنٛہہ کنہِ کِس فلیٹس منزٕ اوس مسٹر کھیش والا روزان۔ سُہ تہِ اوس پارسی یی۔ اُمی ہندی ذٕریعہِ اوس اَسہِ ڈاکٹر کاپڑیا اوٚنمُت۔ ترٛیٚیہِ ژور لٹہِ آو سون گرٕ تہٕ

اَمہِ ستیٚ بَڈ پیہ اَسہِ تعلوقات ۔ اورلوٚگ مےٚ تہٕ میانہِ
زنانہِ ییٚن گرٕھُن ۔ ڈاکٹرن کرٕناٚوی أسی پٕنٛس نیٚچوٚس ستیٚ
ملاقات ، أمِس اوس ساوک کاپڑیا ناوتہٕ سیٹھاہ رلہِ وُن
انسان اوس ۔ رنگ اوسُس سیٹھاہ زرد ، باسان اوس تَس
چھُنہٕ خوٗنے ۔ سنگر مشین کمپنی منٛز اوس ملازم تہٕ شاید اوس
پانٛژ ہتھ روپیہ تنخواہ نِوان ۔ سیٹھاہ صاف شفاف اوس
روزان ۔ تسُنٛد گرٕ یُس سانہِ پٹھٕ کیٚمے دوٗر اوس ، نفیس
پأٹھی اوس سجاوِتھ آسان تہٕ تہِ چھاوٚ تھمُت زِ گُنہِ جایہِ
گرٕھہِ ہالژھ پھوٚل نظر ۔

ییٚلہِ بہٕ تہٕ میأنی آشنٛی شامَس تِہند گرٕھ ہَو تسُنٛز
زنان خورشید یُس پارسین ہنٛز زبأنی منٛز خورشٹ ونان
أسی ، أس سیٹھاہ گرمجوشی سان اَسہِ پیش یوان تہٕ اصل
پأٹھی خاطِر دأری کران ۔

خورشید یانے خورشٹ أس تھزٕ زنان ۔ عام
پارسین ہنٛدی پأٹھی أس نہٕ تَس بد زیبانَس ، مگر شکیل تہٕ

أس نہٕ کینہہ۔ موٚٹ مُکہٕ نَس مگر رنگ اوسُس سفید
توے أس قبول گژھان۔ مَس اوسُس کٹ کُرِتھ ، بُتھ
گول ، جان رَخ أس لاگان تہٕ اِو کنٔز أس جان لگان۔
میانہِ آشنہِ سیتؠ گژھن تام ملاقاتن منٛزٕ بنییہِ تسنٛز وٕس تہٕ
پتہٕ ہیوٚت اَسہِ اکثر تور گژھُن ۔ تم زٕ باژ تہِ أسؠ اَسہِ نِش
دوٚیمہِ ترٛییمہِ دوہہٕ یِوان تہٕ ژیر تام أسؠ سانی بہان۔
ییٚلہِ تہِ أسؠ ساوکس نِش گژھان أسؠ تتہِ اوس
اکھ سکھ آسان ، یُس زُو زہتہٕ وول نفر اوس۔ یہٕ اوس بڑٕ
جان خوٚلقی انسان۔ ساوکن ووٚن مےٚ سُہ چھُ تس لوکہٕ
چارُک یار، تم دوشوے أسؠ یکہٕ وَٹہٕ پران، یکہٕ وَٹہٕ
کوٚرُکھ بے۔اے۔ پاس ۔ بُتھہِ اوس سردار زورا ور سنگھ
ساوکس زیوٚٹھ بوز نہٕ یِوان۔ ساوک اوس خوٚنچہِ کٔمؠ کنٔز
سیٹھاہ لوکُٹ بوزنہٕ یِوان، باسان اوس سُہ چھُنہٕ ارداہ
وُہرِ زیادٕ ییٚلہِ زَن سردار زوراور سنگھ ژتجہی ہیوٚ رباسان اوس۔
سردار زور اور سنگھ اوس اَنہِ ہورُے۔ جنگُک زمانہٕ

اوس۔ تمئ اُس حکوٗمتس نِش ؠکتی ٹھیکہٕ رٕٹِتھ تھاوِی متیٚ۔ تسُنٛد مول اوس پرٛیون گورنمنٹ کنٹریکٹر۔ اماپوٚز مأُلس تہٕ نیچوِس اُس نہٕ پانہٕ وأنی بنان۔ سردار زوراور سنگھ اوس سیٚٹھاہ آزاد خیال۔ روزان تہِ اوس سُہ پننِس مأُلس ؠتی اماپوٚز اکھ اَکِس ؠتی اُسی نہٕ کتھ کران۔ البتہٕ تسُنٛز موج اُس تَس سیٚٹھاہ لول بران زنتہٕ سُہ لوکُٹ بچہِ اوس۔ امیُک وجہ اوس زِ سُہ اوس کُنُے نیچوٚ، ییٚمہٕ آسَس ترٛیۓ کورِ یِمہٕ پننِس پننِس گرن آباد آسہٕ۔ سو اُس یژھان زِ سُہ تہِ گوٚژھ خاندر کرُن، تس پیٚیہِ ہے وأنجہِ شہجار مگر سُہ اوسنہٕ یہِ کتھِہ بوزنہٕ خاطرٕ تیار۔

مےٚ پرٛژھ اکہِ لٹہِ اُمِس "سردار صاٗب تُہی کیٛاز نہٕ خاندر کران"؟

گونژھہِ تلۍ اُسی تھےٚ ووٚتھُم...... "کرو کرو...... ییٚژ جلدی کیٛاہ چھہِ"۔

مےٚ پرٛژھُس۔ "توہہِ کیٛاہ آسہِ وأنُس"؟

تورٕ ووٚ تھُم ''تھٕند اندازٕ کیٛاہ چھُ''

''میٲنؠ کنؠ ؤری ژٕ تجہی مرٕ''

سردار صأبن ترٛ وو اَسُن۔ ''نہ غلط اندازٕ چھُوٕ''

''تیٚلہِ ؤنِو تہی''

سردار زوراور سنگھن اوٚس بیٚیہ۔ ''بہٕ چھُس توہہِ

واریاہ لوکٹ ومبرِ ہنٛدِ لحاظہٕ تہٕ......اوترٕ گُنترٛ ہہ اگست گوس

بہٕ پنٛژٕہ وُہرٕ''۔ مےٚ مٔنٛج پتنس غلط اندازس پٮ۪ٹھ معأفی۔

مگر یوٚ تام تہنز شکل وصورت چھِ، میٲنؠ کنؠ وَنہٕ نہٕ کانٛہہ

تہِ زِٕ ژٕ چھکھ پنٛژٕہ وُہرٕ''۔

سردار زوراور سنگھن اوٚس۔ ''بہٕ چھُس ناسِکھ تہٕ

بڈٕ غأر معموٗلی سکھ''۔ یہِ ؤنتھ وُچھ تٔمؠ مےٚ کُن تہٕ مُدے

گنڈِتھ روٗد۔ ''منٹو صأب تہی کیٛا زِٕ نہٕ مَس کاسہٕ ناوان۔

پیٛتہٕ مستہٕ ستی چھُنا توہہِ کھوژُن تہِ یوان''۔

مےٚ پھیوٚر گردنہِ پٮ۪ٹھی اتھہٕ۔ پزی اوس مےٚ واریاہ

مَس آمُت ۔ شاید آسی ترٛے رٕتھ گٔمتی ییٚلہِ مےٚ مَس

کاسہٕ نوو۔ سردار زوراور سنگھن ووٚن تہٕ مےٚ باسیوو کلَس
پیٚٹھ بار۔ ''یادٕ ے روٗدنہٕ، ووٚنی ووٚنوٕ توہہِ تہٕ بہٕ لوٚگُس
کھوژنہِ ہیوٚ۔ خدا زانہِ مےٚ کیٛازِ نہٕ روزان مَس کاسُن
یاد۔ یہِ چھُ قصے وٕ ہیات۔ گائنٹس چھُ پوٚان نأوی دَس
نِش کلہٕ نُمرأوِتھ روزُن۔ سُہ چُھ پنٕنے بکواس کران تہٕ تہِ
چھُ گن دِتھ پوٚان بوزُن...... فلأنی ایکٹرس چھِ یژھ،
فلأنی ایکٹرس چھِ تژھ، امریکہ ہَن کوٚر اٹم بم ایجاد،
روٗسَس نِش چھُ امہِ کھوتہٕ بلایہٕ ہُنٛد جواب اٹلی کتھ
چھِ ونان...... تہٕ سُہ مسولینی کوٚت گوٚو۔ ووٚنی اگر بہٕ
وَنَس جہنمس گوٚو تہٕ ضروٗر پرٛژھم صاحب جی کتھہٕ کنہِ
گوٚو...... کمہِ وَتہِ گوو...... تہٕ کتھ جہنمس گوو......''

میون یوٚت زیوٚٹھ کلامہٕ بوٗزِتھ وول سردار
زوراور سنگھن دستارٕ بون۔ مےٚ گوو حأرتھ زِ سردارس اوس
نہٕ مستے، کلس پیٹھ أسی کُنہٕ کُنہِ نِکی وال مگر امہِ انمانہٕ اوس
دستار گنڈان زِ باسان اوس تس چھُ مَس تہٕ بُرِتھ مَس

چھُس۔

اعتمادٕ سان دستارٕ ژُلتھ تھووتھٕ بروٗنہہ کنہِ موٗجود میائنس میزس پٮ۪ٹھ تہٕ اَسان اَسان وۄتھ مےٚ ژُن ، زیادٕ مَس چھُ مےٚ گوبان۔

مےٚ کٔرنہٕ تسٕنٛدِس مستس متعلق کانٛہہ کتھ تِکیازِ مےٚ زون نہٕ مناسب ۔ دستار میزس پٮ۪ٹھ تھوان ونیووتھٕ صرف یہِ زِ ییمہِ زیادٕ مَس چھُ مےٚ گوبان ۔ تمہِ پتہٕ بدلاوتھٕ کتھِ تہٕ وۄتھ ۔ ’’منٹو صأب ،خورشید نہِ خاطرٕ کٔری تو کینژھاہ‘‘؟

مےٚ تۄرنہٕ فِکرٕ۔ ’’کوسہٕ خورشید؟‘‘

سرد ار زوراور سنگھن ژُل دستار تہٕ تھووُن پننِس کلَس۔ ’’خورشید کاپڑیاسنٛدِ خأطرٕ‘‘۔

’’یہٕ کیاہ ہبکہٕ تسٕنٛدِ خأطرٕ کٔرتھ‘‘۔

’’تَس چھُ گوبنک بڈٕ شوق‘‘۔

’’مےٚ اَس نہٕ خبر خورشٹ چھِ گوبان تہٕ کیُتھ چھِ

گوٚان"۔

سردار زوراور سنگھن کٔری خورشیٹنہٕ گوٚنکی تیتی تأریف زِ مےٚ باسیوو سوٗرے اَپُز۔

"منٹو صأب أمِس چھِ بڑٕ مٔدٕر آواز۔ خاصکر چھِ ٹھُمری تیژ اصل گوٚان زِ تۄہہِ باسہِ زَن چھۄ تُہۍ خان صأب عبدالکریمس بوزان۔ تہٕ مزٕدار کتھ چھِ یہِ زِ تمہِ چھَنہٕ کانٛسہِ ہنٛز شاگردی کٔرمٕژ۔ بس یہِ کینژٕ ہاہ چھُس تہِ چھُس خدایہِ سٕندِ طرفہٕ میوٗلمُت۔ از شامن یہِ زیو بیگم صأب ہیتھ ضرور۔ یہٕ دِمہٕ خورشیدس ناد۔ کم کینژٕ ہاہ بُڈ زِ، تُہۍ تہِ۔

"مےٚ دۄپُس۔ ضرور ...... ضرور ...... کیاژ زِ نہٕ ...... مےٚ أس نہٕ خبر سو چھِ گوٚان"۔

سردار زوراور سنگھ لوٚگ ووٚنی سفأرش کرنہِ۔ "تُہۍ چھِو ریڈیو اسٹیشنس منز۔ دپان چھُس خورشیدس گوٚژھ پرٛتھ رٕتہٕ پروگراما میلُن ۔ روپین ہنٛز چھَنہٕ تس کانٛہ

خاہِش۔

''مگر اگر تَس پروگرام میلِہ تہٕ معاوضہٕ تہٕ میلس ضرور۔ گورنمنٹ کتھ کھالس منٛز تڑ اوِتس سُنٛد معاوضہٕ''۔

یہِ بوٗزِتھ آو سردار زوراور سنگھس اَسنہٕ ہنا......

''ٹھیک چھُ تیٚلہِ دِیٲو زیوٚس ضرور پرگرام...... مےٚ چھُ یقین زِ بوزن واٲلی کرن تَس پسند''۔

اَمہِ کتھ باتھ پتہٕ گیہِ ٲسی تڑییمہِ دوہہ ساوکہٕ سُنٛد، ساوک اوسنہٕ تتہِ البتہٕ ڈرائنگ روٗمَس منٛز اوس زوراور سنگھ بہتھ سگریٹ چھٕوان۔ پارسین چھُ سگریٹس منع، سکھ تہِ چھنہٕ سگریٹ چھٕوان مگر یہ اوس شانہٕ تہٕ آرامہٕ سان دامَس پتھ دام دِوان۔ بہٕ تہٕ میأنی زنان ییٚلہِ کمرس منٛز ژایہِ، تٔمی کوٚر سگریٹ چیٚون بند۔ ایلش ٹرامے منٛز اتھ گردن موٗرِتھ کٔرتٔمی اَسہِ چھرا اسلأمی اندازس منٛز سلام تہٕ ووٗنُن ''خورشید چھَنہٕ ازطبعیتہٕ کٔنی ٹھیک''۔

رژھہِ کھٔنڈ آیہِ خورشید تہٕ مےٚ باسیو وتس چھنہٕ

طبیعت خراب اوسمُت ۔ مےٚ پرٛ ژھیٚومَس تہٕ پٔننین موٹٕن وُٹھن پپٹھ ہنا اَسُن أنتھ وٕژھ "تھوڑااوسُم زکام"۔

زکام تہِ اوسنہٕ تَس ۔سردار زوراور سنگھن پرٛژھ تَس دٕپتھ تہٕ بوٗزِتھ بڈٕ خاَر پاٹھ ۔ زُکامہٕ خاطرٕ وٕنی تَس کم ازکم داہ دوا۔ پانژن ڈاکٹرن ہُنٛد حوالہٕ دِیتِنس ،مگرسو روٗز ژھوپہٕ کٔرِتھ، باسیووتس چھُ اَمہِ قسمُک بکواس بوزنس عادَتھ۔ ییٚتِس کالس آو خورشیدُن خاوند ساوک کاپڑیا۔ دفترس منٛز زیادٕ کاٗم آسنہٕ کِنی اوس تَس ہنا ژیر گوٗمُت ۔ مےٚ تہٕ میانہِ آشنہِ منجنی معاٗفی ،سردار زوراورس ٔستی کینٛژھس کالس مذاق کرنہٕ پتہٕ ہیوٚتُن اَسہِ کینٛژن منٹن اجازَتھ، اندرژاوپننہِ کورِنظر دِنہٕ۔

تِہنٛز کوٗر ٲس سبٹھاہ ٹاٹھ گرٕہنی لایق۔ دون باٗژن ٲسکھ بَس کُنی اولادیوسہٕ تقریبن ڈوڈٕ وٕرِش ٲس۔ رنگ اوسُس مالی ہٕنٛدی پاٹھی زرد...... کینٛژھا ٲس ماجہِ ٔستی تہِ رلان، باقے چھُنہٕ پتاہ کَس ہِش ، اَسہٕ وِنی۔

ساوکن أنی سوکھونہِ منز تُلِتھ تہٕ اَسہِ نِش بیوٗٹھ۔ تَس أس پننہِ کورِ ہنز سبٹھاہ ماے۔ دفترٕ ییتھ اوس تسی ؠتی گندان۔ میأنی ـِکنی اوس سُہ پرتھ ہفتہٕ تس خأطرٕ گندن تماشہِ انان۔ شیشہِ الماأری أس تسند بو تماشوٕ ستی بٕرتھ۔

سردار زوراور سنگھس متعلق ؤژھ کتھ تہٕ ساوکن گٔری تسٕندی سبٹھاہ تأریف۔ مےٚ تہٕ میانہِ آشنہِ ووٚتھ۔"

سردار زوراور سنگھ چھُ میون پرٛون دوست، أسی چھِ لوکہٕ چارٕکی لوٚنگوٹھی، أمی سُند تہٕ میون مول تہِ أسی ییتھے پاٹھی لوٚنگوٹھی۔ اَسہِ چھُ یکہٕ وٹہٕ پوٚرمُت، اولہٕ پٹھ ونیگتام چھِ أسی دوہے روٗدی ؠتی اکھ أکِس سمکھان، کُنہِ ساتہٕ چھُ مےٚ باسان زِ أسی زن چھِ وُنہِ سکوٗلے پران۔

سردار زوراور سنگھ روٗد وُٹھ کُملاوِتھ۔ تَس اوس کلَس پیٹھ بوڈ سکھہٕ دستار مگر مےٚ اوس أمی سندِ کلُک کھوسہٕ مَس بوزنہٕ یِوان تہٕ یہٕ وُچھِتھ اوس مےٚ پنُن مَس کلَس پیٹھ بور ہیوٗ باسان۔

سردار زوراور نگھنِس اصرارس پٮ۪ٹھ انٛو خورشیدن باجہٕ تہٕ بوزنأوِنی باتھ۔ تمہِ گیوٚو بےٚ سُر مگر خورشید، تسنٛدس خاوند تہٕ سردار زوراور سنگھنی کنی پیوٚو تس واہ واہ کرُن۔ مےٚ ووٚن صرف یِتےٚ "ماشاء اللہ ژٕ چھکھ جان گیوان"۔

سردار زور اور سنگھن کوٚر بڑٕ بڑٕ ژرِپوٚپ تہٕ ووٚنُن "خورشید از کوٚرُتھ ژےٚ کمال" تہٕ پتہٕ ووٚتھ مےٚ کُن۔ "أمِس چھُ منٹو صأب آفتاب موسیقی ہُنٛد خطاب میوٚلمُت"۔

مےٚ کٔر ژھوپہٕ مگر میانہِ آشنہِ پرٛژھُس "کر"؟

سردار زوراور سنگھ ووٚتھ "تلا اخبارٕچ سو کٹنگ اَن"۔

خورشیدن أنی اخبارٕچ کٹنگ۔ کٔمی تام خوشامدی رپوٹرن اوس أمی سُنٛد گیوُن کمہِ تام نجی محفلہِ منٛز بوٗزمُت تہٕ أمِس آفتاب موسیقی ہُنٛد خطاب عطا کوٚرمُت۔ یہِ

کٹنگ پٔرِتھ آومہٕ اَسُن تہٕ خورشیدس گِندُم۔ ''ژےٚ چھےٚ یہِ خطاب غلط''۔

سردار زوراور سنگھن پرٛژھُم ''کیٛاز؟''

مےٚ گِندُس بیٚیہِ ''زنانہِ خاطرِ گژھہ نہٕ آفتاب موسیقی آسُن...... آفتابہٕ موسیقی گۄژھہ آسُن''۔

میون مذاق تۄرنہٕ کانٛسہِ فِکرِ، کلہٕ پیٹھٕی گوکھ، مےٚ پۄرشُکر خدایہِ سُند تِکیٛازِ یہِ مذاق کرنہٕ پتہٕ سوچوو مےٚ زِ کانٛہہ نَے تہٕ سردار زوراور سنگھس ترِ فکرِ مگر تٔمی وۄن

اَسان اَسان زِ یِم اخبار وأل چھِ ہر وِزِ غلط زبان استعمال کران۔ آفتاب چھِ جایہِ گۄژھہ آفتابہ، آسُن۔ تُہہ چھوٕ صحیح فرماوان''۔

مےٚ وۄن نہٕ اَمہِ پتہٕ کینٛہہ تکیٛازِ مےٚ زون زِ میون مذاق ماگژھہِ فاش۔

ساوک اوس بدلے خیالن منٛز غرق۔ أمِس أسی سردار زوراور سنگھنہِ دوستی ہنٛدی واقہٕ یاد پیوان۔ ''مسٹر

منٹو، یُتھ دوس میلنہِ مےٚ گُنہِ ۔ أمۍ چھُ ہروِزِ مےٚ مدد کوٚرمُت تہٕ مےٚ ءِتۍ روٗد ہمیشہِ خلوص ورتاوان۔ پٔتۍ ممِن دوٚہن اوُسس بہٕ ہسپتالس منٛز بیمار ، نرسن ہِنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ کٔر أمۍ مےٚ خدمت ، میانہِ گرٕ بارُک تھوٗو ن خیال۔ خورشید أس گُنی زٕنی کھوژان مگر یہ اوُسس رنگہٕ رنگہٕ دِل رٹنہٕ ناوان، میانہِ کورِ اوس کھیاوان چاوان تہٕ بیٚیہٕ اوس مےٚ نِش بِہِتھ مےٚ ءِکتۍ اخبار پٔرِتھ بوزٕ ناوان ، بہٕ کتہِ ہکہٕ أمِس نکھہٕ وأ ِلتھ"۔

یہٕ بوٗزِتھ اوٚس سردارزوراور سنگھن تہٕ خورشیدس گُن وٗتھ۔ "خورشید از چھُ چون خاوند سٹھاہ سنٛٹی مینٹل گوٗمُت۔ مےٚ کیٛاہ چھُ تیُٹھ کوٚرمُت یُتھ پٔٹھ میأنۍ یتۍ تأریف سپدان چھِہ"۔

ساوک وٗتھ " بکواس مہٕ کر، چأنۍ تأریف ہکہٕ بہٕ کٔرِتھے، بہٕ ہکہٕ صرف یُتے ؤنِتھ زِ چانہِ دوستی پٔٹھ چھُ مےٚ ناز تہٕ ہمیشہٕ روزِ ہم ۔شُری پانہٕ پٔٹھ وُنیکتام

رۄ دُکھ ژٕ ہیۆوُے، مےٚ ءسِتؠ گوو نہٕ چانٛس سلوکس زانٛہہ ہیۆ ربون"۔

مےٚ وُچھ سردار زوراور سنگھس کُن ۔ سُہ اوس یم تاٗریف یتھٕ کنہٕ بوزان زنتہٕ اوس ریڈیو پیٹھٕ کُن دِتھ خبرٕ بوزان۔ ساوک موکلیوو کتھ کُرتھ تہٕ یہٕ ووٚتھ مے کُن۔ "خورشیدس میلن نا پروگرام"۔

ووٚڈھ ہیۆو کَڈِتھ ووٚتھس بہٕ، آوٕ چھو، کرو کوٚشش۔

سردار زوراور سنگھ ووٚتھ حاٗرتھ کبتھ۔ "کوٚشش...... یانے توہہٕ چھِ اٗمِس پروگرام دِنس منٛز کوٚشش کرٕنی، کمال چھوٕ کران تُہؠ...... یہٕ نی ہوٚن تہؠ صیجن پانس ءسِتؠ، یہٕنٛد گوٗن بوٗ زِتھ دِیہٕ میوزُک ڈائیریکٹر یمن تیمی رتہٕ ز پروگرام"۔

مےٚ زون نہٕ تَس دِل پھٹراوُن مناسب تہٕ ووٚتھسَس۔ "یقینن"!

خورشید ؤژھ سردار زوراور سنگھس ۔ بہٕ ہسکہٕ نہٕ

صُبحٲے گژھتھ۔ بے بی چھُنہٕ صبحٲے مےٚ ورٲے روزان،
البتہٕ دُپہرس ہیکہٕ گژھتھ۔

سردار زوراور سنگھ وۆتھ مے کُن۔ ''منٹو صاب
اَمِس چھِ صُبحکِہ وقتہٕ نِچ بڈٕ تنگ کران۔ بہٕ اَنن خورشید
کُنہِ ساتہٕ دُپہرس پانے ریڈیو اسٹیشن۔

خورشیدنہٕ وٲری وٲژنہٕ دُپہرس ریڈیو اسٹیشن نِچہٕ
تِکیٲزِ مے کۆر دۆیمی دوہہٕ اِرادٕ دِل ترٲوِتھ بمبیہٕ
گژھنک تہٕ دۆیمِہ دوہہٕ دژاس بہٕ استعفہٕ دِتھ بمبیہٕ۔ میٲنی
آشِنیٚ آیہ اَمہِ پتہٕ کینژہٕ دُہہ بمبیہٕ۔ اَسہِ گیہٕ مسز خورشید
کاپڑیاتہٕ زوراور سنگھ مُشتھ۔

بہٕ اوُسس اَکِس فلمی کمپنی منز ملازم، اکہِ دوہہٕ
بیمار آسنہٕ کِنی اوُسس نہٕ بہٕ دفتر گومُت۔ دۆیمِہ دوہہٕ ییلہٕ
بہٕ دفتر گوس گیٹ کیپرن وۆن مے زِ کُستام نفر اوس مے
سمکھنہٕ آمُت، تمو چھُ یہ پرچہٕ دیُت مُت۔ مے پۆر یہ
سردار زوراور سنگھن مختصر رُقہٕ۔ بہٕ تہٕ میٲنی آشِنیٚ آیہ توہہِ

سمکھنہٕ یور۔ مگر تُہئ آسو پیٚتہٕ۔ أسی چھہٕ تاج ہوٹلس
منٛز ٹھہرتھ، اگر تُہئ ییہٕ ہو اَسہٕ گرٛھہٕ ہے بڑٕ خُشی...... بیگم
صاب أنی زیون ضرور ستی"۔

کمرٕ نمبر وغارٕ اوس سورُے دِتھ۔ بہٕ تہٕ میأنی آشٕنیٚ
وأتی اَمی دوہہٕ ٹیکسی رٕٹِتھ تاج ہوٹل۔ تِم ژھارنس منٛز آو
نہٕ کانٛہہ مشکل۔ سردار زوراور سنگھ اوس أتی۔ ییلہٕ أسی
کمرس منٛز ژاے، سِکھ اوس کھوسہٕ مستس کنگو دِوان۔ بڑٕ
ہاؤ باؤ سان ژأنِنی أسی۔ میأنی آشٕنیٚ أس تسنٛزِ زنانہٕ
سمکھنہٕ خأطرٕ بے تاب تہٕ تمہٕ پرٛژھُس "سردار صاب،
تُہنز آشٕنیٚ کتہٕ چھہٕ"۔

سردار زوراور سنگھن کر اَسنہٕ ہناتہٕ وۄنُھس "ییکیاہ
بَس...... آیہٕ ...... باتھ روٗمس منٛز چھہٕ"۔

تُسنٛد یہٕ وَنُن تہٕ دۄیمہٕ طرفہٕ آیہٕ خورشٹ۔ میأنی
آشٕنیٚ وُژھ تَس ستی کوٗرُن نالہٕ موٗت تہٕ گوڑٕ پرٛژھنَس
"نٛچ چھا ٹھیک خورشید"۔

خورشید وٕژھس آ......ٹھیک چھِ۔

پتہٕ وٕژھس میأنی آشیٚنۍ ''ساوک کتہِ چھ''۔

خورشٹن دیُتس نہٕ کانٛہہ جواب۔ ییلہِ سو تہٕ میأنی آشیٚنۍ ءستی بیچھہِ تہٕ بہٕ وۄتھس سردار زوراور سنگھس ''تُہۍ تہِ کٔڈۍ ہون ووٕنۍ پنٕنۍ آشیٚنۍ نبر''۔

سردار زوراور سنگھن اوٚس تہٕ خورشٹس کُن وۄتھ ''خورشید میأنی آشیٚنۍ کٔڈۍ ہون نبر''۔

خورشٹ وٕژھ میانہِ آشنہِ کُن وُٹھ کمُلاوِتھ ''مےٚ کوٚر سردارزوراور سنگھس ءستی خاندر تہٕ أسۍ چھِ یور ہنی مون مناونہِ آمتۍ''۔

میانہِ آشنہِ بوٗزیہِ تہِ فِکرتوٚرُس نہٕ کیٛاہ وَنہٕ۔ تھوٚد وٕژھ ،مےٚ کرٕنۍ اتھس تھپ تہٕ ووٚننم ''وٕتھو سعادت صأب''......أسۍ دژایہِ گُٹھہِ نبر تہٕ خدا زانہِ سردار زوراور سنگھن تہٕ خورشٹن کیٛاہ کیٛاہ آسہِ ووٚنمُت۔

# نۆو قونۆن

منگو ٹانگہٕ وول اوس پننِس اڈس منٛز سبٹھاہ عاقل زاننہٕ تہٕماننہٕ یوان ۔ پۆز رمُت لیۆکھمُت اوسنہٕ تہٕ نہ آسن زانہہ سکوٗلچ شکل وُچھمٕژ مگر امہِ باوجود آس تس کُلہِ دُنیا کِہن چیزن ہنٛز زانکاری۔ اڈٕکی تمام ٹانگہٕ وٲلی یم یہِ زانُن آسی یژھان زِ دُنیہس اندر کیٛا چھُ سپدان، آسی ووستہٕ منگو سنٛزِ وسیع زانکٲری کِنۍ امہِ نِشہِ وٲقف۔

پتہٕ مین دوہن یِیلہِ ووستہٕ منگوَن اَکس سوارِ نِش سپینس منٛز جنگ لگنچ افواہ بوٗز۔ تورِ یِتھ گاما چودھری

سٕندٕ بٕن ووگنٕن شانن پٮ۪ٹھ ژٕ تھوٚتھ ووٚتھ سُہ تَس بڈِتھ تہٕ
بوٚلِتھ ''چودھری وُچھ زِ کینژٕ دُہی ووتھ سپینس منٛز جنگ''۔

گاما چودھری یَن پرٛژھُس سپین کتہِ گووتہٕ ووستہٕ
منگووٚ تھُس نرمی سان ''وِلایتس منٛز تہٕ کتہِ''۔

سپینس منٛز ووٚتھ جنگ تہٕ ییٚلہِ پرٛتھ کانٛسہِ بوٚز ،
سٹیشنکِس اڈس منٛز یِم تہِ ٹانگہٕ وٲلی دٲیرٕ گرِتھ تموکھ
چھوان آسی ، کوٚرُکھ أندری أندری ووستہٕ منگو سٕندِ بجرُک
اِقرارتہٕ پانہٕ اوس ووستہٕ منگو اَمہِ وِزِ مال روڈچہِ نپہ نپہ
کرونہِ سڑکہِ پٮ۪ٹھ ٹانگہٕ چلاوان پننہِ سوارِ ستی سرتازٕ ہندو
مسلم فسادن پٮ۪ٹھ کتھ کران۔

اَمی دوہہٕ شام گرٛہوٗنے ییٚلہِ سُہ اڈس منٛز آو سُہ
اوس بُتھِ شُس ہیوٚ۔ تموکھ چھوان چھوان ییٚلہِ ہندو مسلم
فسادن ہنٛز کتھ ؤژھ ووستہٕ منگوَن وول کلہِ پٮ۪ٹھہٕ خاکی
دستارٕ ، بوٚرُن کرٛہس منٛز تہٕ لوٚگ مُفکرانہٕ لہجس منٛز وننہِ۔

''یہِ چھُ کستام فقیرٕ سُنٛد بد دُعا کالہِ پگاہ چھےٚ ہندن تہٕ

مسلمان منز شرٲکہٕ چلان ۔ مےٚ چھُ پننِس ژِھنِس نِش
بوٗزمُت زِ اکبر بادشہن اوس کستام درویشہٕ سُنٛد دِل
پھُٹرووُمت تہٕ درویشن اوسُس دٕزِتھ وُہو کوٚڈمُت
"گژھ چاٮ۪نس ہندوستانس منز روٗزِن ہمیشہٕ فساد
ووتھان...... تہٕ وچھتہٕ اکبر بادشاہ سُنٛد راج موکلیوٚو۔
ہندوستانس منز روٗد فسادن پٮ۪ٹھ فساد گژھان"۔ یہٕ وٕنِتھ
ترٛووٕتمی تُرن ووٗش تہٕ پتہٕ ژٕجیرِ داماہ دِتھ کٔرِن پننی کتھ
شروٗع۔ "یم کانگرسی چھِ ہندوستانس آزاد کرُن یژھان
تہٕ بہٕ چھُس ونان "اگر یم لوٗکھ ساسس ؤریس تہِ کلہٕ
پھاٹوان روزَن کینٛہہ اندٕکھ نہٕ ،زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ گژھِ یہِ
زِ انگریزنیرَن تہٕ بییہِ کانٛہہ اٹلی ہُنٛد یییہِ نتہٕ یییہِ سُہ روٗسُک
یَس متعلق مےٚ بوٗزمُت چھُ زِ سُہ چھُ دوٚر نفر مگر روزِ تہِ
ہندوستان دوہے غلام۔ یہِ وَنُن گوٚو مےٚ مُشِتھے زِ پیرن
اوس یہِ بد دُعا تہِ دیُتمُت زِ ہندوستانس پٮ۪ٹھ کرِنی
دوہے ووپرٕ ے راج تاج"۔ ووتہٕ منگوس آس

انگریزن ہِتی سٮ۪ٹھاہ نفرت ۔ امیُک وجہ اوس سُہ ونان زِ
تِم چھِ ہندوستانس پیٹھ گرِ کُے راج چلاوان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ
ظُلم کران یِمن ہِتی دِیہِ ہُنٛد بوٚڈ وجہ اوس یہِ تہٕ زِ چھاونی
ہٕنٛدی انگریز اَسی اَمِس سٮ۪ٹھاہ ستاوان۔ تس ہِتی اَسی تِم
سُہٕ رٕوی یہِ کران زِ نتہٕ سُہ ہوٚن اوس۔ اَمہِ علاوٕ اوسنہٕ
تِمس تِمن ہُنٛد رنگ تہٕ پسند۔ ییٚلہِ تہٕ سُہ یِمن انگریزن
ہٕندی ووزٕلی تہٕ سفید بُتھی وچھان اوس، تَس اوس مُن
پھیران ۔ خدا زانہِ کیاَزِ ۔ دپان اوس یِہندی گیٛنہِ دار بُتھی
وُچھِتھ چھِ مےٚ سولاش یوان یاد ییتھ مسٔلہٕ گلی گلی ڈٕ ستھ
یوان آسہٕ۔

ییٚلہِ کانٛسہِ شرٲبی انگریزس ہِتی تس لڑٲے گژھِ ہا۔
تَس اوس پوٚرٕ دوہس مزاز گنٛدٕ روزان۔ شامس ییہِ ہے
اڈس منٛز یا چییہٕ ہے ہل مارکہٕ سگریٹ نتہٕ دِیہ ہے جُجیرِ
داما داما تہٕ انگریزس روز ہے تبراہ پران۔

"...... یمہٕ وٕتچھہِ وٕتچھِ لبکہٕ کڈنہٕ پتہٕ اوس دستارٕ ہیتھ

کلَس دِنَن دِوان تہٕ ونا۔ کولہٕ تو نگلس آیہِ تہٕ مأ لِکھ بنیہِ۔
دَم چھُکھ کوٚ رمُت پٕنزِ نسلو......روب کیٛاہ چھِ چتاوان
زَن چھِکھ أسی ببہٕ ہٕنٛدی نوکر......"
اَمہِ ہٕتی تہِ گیٛو نہٕ أمِس شرارت وَسَن وول۔
یوٚ تام نہٕ أمی سُنٛد کانٛہہ دَہرِ بوج أمِس نِش بیہہ ہا تہٕ
یَس ہٕتی پننہِ دِلُک غبار کڈِ ہا۔
"شکل چھِ ہَس ناوُ چھان ......کولہٕ میٛنٛدی لد
ہیوٚ و...... موٚ کُر ...... موردار ......کولہٕ اکہِ تھاپرِ ہُنٛد......
گٹ پٹ گٹ پٹ بکان زَن نامأرِتھے ژھنی ہے۔
دپیوم گوڑ لانتی یَس کلہٕ ہیر پھُٹہٕ راوس...... پتہٕ دوٚپم نہٕ
یہِ مردوٗد مأرُن گوٚ و پانسے ؤ کر واننی" ...... یہِ ؤنِتھ گیٛس
رژھہِ کھنجہِ ژھوپہ کرِنی تہٕ نَس خأ کی قیمضہِ وُتھرأ وِتھ لگہِ
ہے بیٛہٕ وور وور کرنہِ۔
"بھگوان ہٕنز دِرے یمن لاٹ صأبن ہٕنٛدی ناز
ٹُلان ٹُلان چھُس تنگ آمُت۔ یِیلہِ تہِ یہُنٛد منحوس بُتھ

وُچھان چھُس ، رَتھ چھُم کھسان ۔ کانٛہہ نوٚ وقونوٚن وونوٚن بنہِ ہے تہٕ یِمن بلاین نِش میلہِ ہے نجات۔ نوٚ وزُواژِ ہے"۔

تہٕ ییٚلہِ اکہِ دوہہٕ ووستہٕ منگوٚن عدالتہٕ پیٹھ پٔنٛنِس ٹانگس پیٹھ ژٕ سوارِ تُجہِ تہٕ یِہنٛز کتھہٕ بوٗزِتھ توٗرُس فِکرِ زِ ہندوستانس منٛز چھُ نوٚو اَیین لگن وول۔ سُہ کوٗتاہ خوش گوٚو۔

ژٕ مارو اَڑ ی یِم عدالتس منٛز پٔنٛنین دیوانی مقدمن ہٕندِ بن سلسلن منٛز آسہٕ ہن آمتی ، اَسی گرٕ گرشہٕ وُن نوٗسِ اَیین یعنے انڈیا ایکٹس متعلق کتھہٕ کران۔ "دپان اولہِ اپریل پیٹھہٕ بنہِ ہندوستانس منٛز نوٚو وقونون......اما پرٛتھ چیز بدلیا"؟

"پرٛتھ چیز بدلہِ نہٕ کینٛہہ مگر دپان واریاہ کینٛہہ بدلہِ تہٕ ہندوستانٕس میلہِ آزآدی"۔

"اما سوٗ دس متعلق تہٕ بنٛیا کانٛہہ نوٚو وقونوٚن؟"

"یہِ پییہِ پتاہ کرُن۔ پگاہ پرٛژھو کانسہِ وکیلس"۔

یمو مار واڑبو ہنز وکتھوٕ ستی اَس ووستہٕ منگو ہنٛدِس
دِلس منز سبٹھاہ خُشی پاےٚد گرہٕ مژ۔ سُہ اوس پرٛتھ وِزِ پننِس
گرُس مار دِوان مگر ازا وس سُہ پتھ مار واڑبن گُن نظراہ
دِتھ پننہِ گونٛژھہِ ہیوٚ رکھالان تہٕ گرُس لاکم ڈیٚج ترٛاوِتھ لول
ورتاوان ونان...... "پکو گوٚبرٕ پکو ......وُڈنہٕ ہنا گرِوٚ"۔
مارواڑی پننہِ جایہِ ترٛاوِتھ چیٚیہِ تمہٕ انارکلی منز دینو
حلوآے ہنٛدِس وانس پیٹھ زامہٕ دود اَڈِس سیرس لسی۔
زیوٚٹھ ڈاکراہ ترٛ ووٗن۔ گونٛژھہِ وُٹھن منز دباوِتھ ژہان
دِژن کرکھاہ۔ "ہت تیری ایسی کی تیسی"۔
شامس ییٚلہِ سُہ اڈس منز ووت خلاف معمول
میوٚل نہٕ تَس پنُن دہرِ بوجاہ کانٛہہ اَمہِ ستی گو وتہنٛدِس
دِلس تلگُھ پیٹھ۔ اَزی ہے اَس تَس پننہِ دوستن اکھ
ضروری خبر بوزناوٕنی ...... سبٹھاہ بڈٕ خبر...... تہٕ یہ خبر یڈ
منز کڈنہٕ خاطرِ اوس سُہ سبٹھاہ مجبوٗر...... مگر تتہِ نےٚ کہنہٕ
اوس۔

أڈِس گائنٹس کھنڈس رۆ دسہٕ کمچہِ کرٛھس تل رٕٹتھ
سٹیشن ہِکس ٹینہٕ پتس تل ژھرٹھ تہٕ اوٕر یور کران۔
تَس آسی رٕتی خیال یِوان۔ نوٚ قونون کہِ نأفذ
گرٛھنہٕ چہِ خبر اوس سہٕ نوٕس دنیہَس منٛز استاذٕ کوٚ رمُت۔
سہٕ اوس اتھ قونونس یُس اولہِ اپریلہٕ لاگو گرٛھہے متعلق
عقلہِ ہنٛدی ساٛری ژاٛنگی زاٛلِتھ سوچ سمج کران۔ اُمس
اوس مار واڑی سُنٛد یہِ وَنُن زسوٚدس متعلق تہِ گرٛھہِ کانٛہہ
نوٚ وقونون پاس، رژھہِ رژھہِ گونجانٕ تہٕ جسمس اوسُس
خُشی ہِتی وُشنیر پھیران۔ گرٛلٹہٕ ژارِتھ ماروارٕبن گونژھہِ
تٔلی لکہٕ ...... "کولل غریبہٕ ہنٛزِ چارپایہِ منٛز ژاٛمتی ژٕر......
نوٚ وقونوٚن آسہِ یہنٛدی باپتھ گرکہٕ دِونی آبہِ رَہری"۔
سہٕ اوس سٹھاہ خوش تہٕ خاصکر اوسُس یہِ خیال
دِلس سۭتۍ یہہ دِوان زِ انگریزن سفید گگرن (سہٕ اوس یمن
یٕہے رژھ کڈان) گرٛھن نوٕ ی قونوٚن یِوانٕے حیوان بتھی گگر
واجبن منٛز غاٛب۔

یێلہِ نھو کھوٗ راڈس منٛز دستارٕ کرٛھس تَل رٕٹتھ ژاو۔
ووستہ منگوآس بُتھٕ تہٕ أمۍ سُنٛد اتھٕ پتِنس اَتھَس منٛز
دبأوِتھ ووٗ تھُس...... ''اَن اَتھٕ...... ترٛشہے خبر وزنأوِتھ زِ
دِل گرٛھی خوش...... یتھ کھرِ کلَس یِیی بییہِ مَس''۔
دوستس پتِنس سان مزٕ منگون لأج وُنتھ تہٕ یہِ
ہتۍ نٔوس قونونس پیٹھ کتھ کرٕنۍ۔ کتھ کران کران روٗدسہٕ
گرٛشِ لٹہِ نھو کھرٕس اتھس پیٹھ ٹاس ترٛاوان تہٕ ونان'' ژٕ
وُچھ کیٛاہ بنہِ۔ روٗسک بادشاہ کرِ ضروٗر کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ''۔
ووستہٕ منگون اوس روٗسی نظامَس تہٕ کمیونسٹ
کاروائن پیٹھ سبٹھاہ کینٛہہ بوٗزمُت تہٕ تَس آسۍ تتِکۍ نٔوۍ
قونوٗن تہٕ کینٛہہ نٔوۍ چیز وارٕیاہ پسند تہٕ توَے اوس تمۍ
''انڈیا ایکٹ'' یعنے جدید آسنس ہتۍ سہٕ رلوومُت تہٕ
گوڈنکہِ اپریلہِ پیٹھٕ یمہٕ نِو تبدیلیہِ پرٛأنِس نظامس
منٛز سپدٕنہٕ واجنہٕ آسہٕ، سہٕ اوس تمہٕ روٗسی بادشاہ ہندِ اثرک
نتیجہٕ سمجھان۔

کینژِ کالہِ پٔتھ اَس پشاور تہٕ دۆیمیٚن شہرن منٛز سُرخ پوشن ہٕنٛز تحریک چلان۔ ووٚستہٕ منگون اَس یہِ تحریک روٗسہٕ کِس بادشاہس پتہٕ تہٕ نۄِس قونوٗنس ستی دماغہٕ منٛزی خلط ملط گرٛمٕژ۔ اَمہِ علاوٕ ییٚلہٕ تہِ سٕہ بوزِہاز فلاںٔنی شہرس منٛز رٔٹکھی پیٚتی بَم بناوَن واٲلی یا فلاںٔنی جایہِ آویتیٚن شخصن پٔتھ بغاوَتُک مقدمہٕ چلاونہٕ۔ یہِ سورُے اوس سٕہ نۄِ قونوٗنچہِ علامژ سمجان تہٕ أندری أندری بڑٕ خوش گرٛژھان۔

اکہ دوہہٕ اَسی أمی ہٕندِس ٹانگس پٔتھ سوارِ ژٕ بہتھ، یِم دوشوَے بیرسٹر اَسی، اَسی نۄِس آئینس پٔتھ بڑٕ زورٕ شورٕ تنقید کران تہٕ سٕہ اوس لوتہِ پأٹھی یِہنٛزٕ کتھہٕ بوزان۔ یِمو منٛزٕ ووٚتھ اکھ بیٚپس گُن۔

”نۄِ آئینُک دۆیِم حصہٕ چھُ فیڈریشن، یِنہٕ مے از تام فِکرِ تۆر۔ یِژھ فیڈریشن چھنہٕ دنیاہِکس تارٔخس منٛز نہَ درِینٛٹھی گمژ تہٕ نہ کنٛن گمژ......سیاسی نظریہِ کہِ اعتبارٕ چھے

یہِ فیڈریشن سبٹھاہ غلط بلکہِ چھَنہٕ فیڈریشنے کانٛہہ"۔

یمن بیرسٹرن دوٚن درمیان یمہٕ کتھہٕ سپدان آسہٕ یمن منٛزأسۍ زیادٕ انگریزی لفظےٕ۔ تمو منٛزاوس دوستہٕ منگوصرف پیٹھی مےُ جملہٕ یاد تھاوٕنچ کوٚشش کران تہٕ تٔمۍ کوٚر خیال زِ یِم چھِ ہندوستانک قونوٗن برٕ سمجان تہٕ نہ چھِ یژھان زِ وَطن گوٚژھہ آزاد گژھُن۔ اَمہِ خیالہٕ وُچھ گٔرِ لٹہِ أمۍ یمن دوٚن بیرِ سٹرن دِیہِ سان تہٕ دِلہٕ منٛزی اوسُکھ ونان "ٹوڈی بچہٕ"۔

ییٚلہِ سُہ وُٹھہٕ تٔلۍ کانٛسہِ "ٹوڈی بچہٕ" ونہِ ہے۔ یہِ محسوٗس گٔرِتھ اوس سبٹھاہ خوٗش گژھان زِ أمۍ کوٚر یہِ ناوصحی جایہِ استعمال تہٕ تَس چھُ شریف انسان تہٕ ٹوڈی بچہ ہس منٛز فرق کرنک تمیز۔

اَمہِ پتہٕ ترٛیٚیہِ دُہی اوس سُہ گورنمنٹ کالجکۍ ترٛیے طائبہِ علم ہتھ مزنگ گژھان تہٕ یِم بوٚزِنۍ پانہٕ وأنۍ یہِ کلامہٕ کران۔

''نۄی اَیِپنن بڑٕ آو مےٚ وۄمید اگر...... صاحب
اسمبلی ممبر بنیو وتہٕ گُنہِ نتہٕ گُنہِ دفترس منٛز میلہ نوکری''۔

''وُنہِ نیرُن واریاہ جایہِ...... کیٛاہ پتہٕ اَتھی لوٗٹس
منٛز مایہِ اَستہِ کینٛہہ اَتھہِ''۔

''اِو...... کیٛاز نہِ''

''یِم بٔکار گریجویٹ ہٹرِ ہٹرِ پھیران چھِ تِمن
منٛز تہِ گرٛھہِ کینٛہہ کمی''۔

اَمی کلامن بڑٕ آو ووستہٕ منگوٕنٛدِس دِلس منٛز جدید
اَیِینچ اہمیت زیادٕ ے پہن تہٕ یہ باسیوس کیٛاہتام پزٕ بزٕلوٗن
قصاٗ۔ ''نۄو قونوٗن''...... سُہ اوس دوٕہس منٛز گٕرٛشِ لٹہِ
سوچان۔ ''کیٛاہتام نۄو''! تہٕ اَمِس اوس ہر وِزِ پٔننِس
گرُی سُنٛد سُہ نۄو ساز یِوان یِس تَمی زٕ ؤری برونٛہہ
چودھری خدابخشس وٕ اٚنِتھ تہٕ چُکاوِتھ ہیوٚ تُمت اوس۔
اَمہِ سازٕ کی ییٚلہِ یہِ نۄونۄو اوس شِشتر نِکل کٔرِتھ کلی اَسی
سبٔتھاہ چمکان تہٕ یێتہِ یێتہِ سرتلہِ کاٗم اٚس، سو اٚس سون

ہش پڑ بزلان۔ اِوٕ سببہٕ تہٕ اوس نوٕ قونوٗنک پڑ بزلان روزُن تہٕ ضروری۔

اوٚلمس اپریلس تام بوٗز منگون نوٕس اٝیپنس خلاف امہ کِس حقس منٛز واریاہ کینٛہہ۔ مگر امیٚک یُس آکار تہٕ امہ پتنٕس ذہٕنس منٛز بنوومُت اوس، سُہ بدلیووٕنہٕ کینٛہہ۔

سُہ اوس سونچان زِ گوڈنکہِ اپریلہٕ قونون لاگو گژھی تھےٚ گژھہِ معاملہٕ صاف تہٕ بیٚیہٕ اوٚسُس یقین زِ یہ لاگو گژھی تھےٚ یہِ کینٛژھاہ تہٕ نظرِ گژھہِ تمہِ ستی پھیرِ اٚچھن سرٛ ہہ۔

مارِ چکی اکثر ہہ دوہ تہِ موکلییہ تہٕ اپریل شروع گژھنس اٝسی ووٗنی رأژ ہٕنٛدی کینٛہہ ژھوپہ ہٕتی گاٹنٛہٕ باقٕے۔ موسم اوس ڈُکہِ کھوتہٕ سرٕدے تہٕ ہوا اوس تازٕ۔

یکُم اپریلہٕ صُبحاٗے وٕتھِتھ گوٚو منگو گانس منٛز گُر گوٚنڈن ٹانگس تہٕ دراٝونبر۔ طبیعتن اوس از ہنا زیادٕے پہٕن خوٗش...... از اوس سُہ نوٚو قونوٗن وُچھن وول۔

تمۍ کرۍ صُچھِ وُنلہِ منز کرشن تنگ بازرَن تہٕ کُشادِ
سڑکن ہندی چکر مگر تَس آو سوُرے پڑیونُے بوزنہٕ......
چھرا پڑون اسمانکی پاٹھی۔ تسُنز نظرِ آسہٕ از خاص پاٹھی
کینٛہہ نوٚو رنگ وُچھنہِ یژھان مگر رنگ دار تاجہِ ورأے
یُس تسُندِس گُر ہندِس کلس پیٹھ لاٚگتھ اوس ، اوس
سوُرے پڑیونُے پڑون باسان ۔ یہِ طرِ اوس تمۍ نوِ
قونونچہِ خُشی منز ۳۱ مارچ چودھری خدا بخشس نِش
ساڑن ژوِدہن آنَن مُلی ہیوٚ تمت۔

گُرۍ پڈرن ہنز آواز ، کرٕہنۍ سڑک تہٕ اتھ أندی
ٲکی جایہِ رژھا ترأوی ترأوی بجلی کوٚٹھ ،وانن ہندی بورڈ ،
أمی ہندِس گُرس ناٚلی رونین ہُند شرون شرٕ ون تہٕ بازرس
منز پکہٕ وِنی لوٚکھ...... یمن منز کیاہ اوس نوٚو چیز اہ؟......
بلکل نہٕ کہنی ۔مگر وو ستہٕ منگواوسنہٕ مایوس۔

"وِنہِ چھِ سبٹھاہ سُل۔ وان تہِ چھِ بندٕ ے۔ امہِ
خیالہٕ ستۍ گوو تَس تسکین پاٚدٕ امہِ علاوٕ اوس سُہ یہِ تہِ

سوچان"۔ ہائی سکوٗلس منز تہٕ چھہِ نوِ بجہِ پتے کاٗم شروع
گژھان۔ اَمہِ برونٹھہ کیاہ ییہِ نوِ قونوٗ ٹک بوزنہٕ"۔
ییلہِ تسُند ٹانگہٕ گورنمنٹ کالجکس دروازس نِش
ووت۔ کالجکی گاٗنٹی واین واٗلی وایہِ تاوٕ سان نو گاٗنٹہٕ۔ ییم
طاٗلبہِ علم کالجکہِ بڈٕ دروازٕ سڑکہِ نبر دڑایہِ تم اَسی رٕتی پلو
لاٗ گِتھ۔ اما خدا زانہِ ووستہٕ منگوس کیاہ زِ اَسی تہٕندی پلو
ماٗلہِ بوزنہٕ یوان شاید ییمہِ باپتھ زِ سُہ اوس از بختہٕ بوٗڈ
جلواہ وُچھن یژھان۔

ٹانگہٕ ڈٕچھن پھرِتھ ژاو سُہ انارکلی بازرس منز۔
بازرٕکی کینٛہہ وان اَسی مُژراونہٕ آمٕتی تہٕ لوٗکن ہُند بازرٕ
منٛزی پھیرُن تہِ اوس ہنا بڈیو مُت۔ حلواٗے وانن پیٹھ
اَس ووٗنی ہنہٕ والین ہنٛز برٕ تہِ بڈٕ پیٹھ۔ بِساتین ہنٛدی
شیشہٕ المارین منز ہاوٕنی چیز اَسی لگُن پانس کُن پھِران تہٕ
بجلی تارَن پیٹھ اَسی کینٛہہ کوتر پانہٕ واٗنی ہر کران۔ مگر
منگوس اَسی نہٕ ییمن چیزن ستی کانٛہہ دلچسپی۔ سُہ اوس نوٗ

قونٛن وُچھن یڑھان ـ تمی انمانہٕ ییٚمہِ انمانہٕ سُہ پٕنٕنس
گرُس وُچھان اوس۔

ییٚلہِ منگو نہِ گرِ بچہٕ زینہٕ وول اوس، تمیٚ اٰسی پانٛژ
شبے رٕتھ سبٹھاہ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹہِ منٛز گنڈٲری ہتی۔ تس
اٰسی خبر زِ بچہٕ زیوٚ کُنہِ دوہہ۔ مگر سُہ اوسنہٕ پیاٲرِتھ
ہٕکان۔ سُہ اوس یژھان زِ اکہِ لٹہِ وُچھ ہے سُہ پٕنٕنس
شُرس بے شک سُہ ہَے پتہٕ تہِ زُوِ ہے۔ اتھ پوٚرٕ نَہ سپٕز
وٕنہِ خاہشہِ منٛز پھٕسِتھ دِتی تمیٚ کٔژ لٹہِ پننہٕ بیمار زنانہِ ہنٛزِ یڈٕ
ژھل تہٕ اتھ ہتی کن لٲگِتھ یوٚ ژھُن پٕنٕنس بچس متعلق
کینٛہہ بوزُن مگر تہِ کتہِ اندِ ہے سُہ روٚ داتھ منٛز ناکام۔

پژاران ووِلیوٚ اکہِ دوہہ پننہٕ زنانہِ۔

"ژٕ چھکھ پژتھ وزِ مورِدٕ ہشش پیٚمٕژ آسان، ووتھ
اورٕ یور کر، ژوٗزتہٕ پھیری۔ پٕٹ ہِشش چھکھ پیٚمٕژ۔ ژٕے
چھیِٕ راے لرتہ آوِتھ زیوٕ راوَ کھ ژٕ شُر"۔

ووستہِ منگو اوس مزاز نے توہہٕ تونٛبل۔ سُہ اوس

پرٛتھ کانٛہہ سبب عملی طورٕ وُچھن یرٛھان بلکہِ اوُسس ٹوٚٹو روزان ۔ أمی سٟتۍ آشیٚنۍ گنگاوتی أس أمی سٟتۍ یمن بیقرأرین پٔتھ ونان۔" وٕنہِ کھوٚن نہٕ کیوٗر کُنہِ تہٕ ژےٚ ووٚتھےٚ ترٛیشہِ دٕ دسہٕ "۔

ژھلہِ بلہٕ اوسنہٕ از ووستہٕ منگو نوِ قونوٗنہٕ باپتھ تیوٗت بیقراریوٗت پننہِ طبیعتہٕ کِنۍ تَس آسُن پزٕہے ۔سُہ دزٛاو از گرِنوٚوقونوٗن وٕچھنہِ برابر تِتھےٚ پأٹھۍ یتھ کِنۍ سُہ گاندھی یا نہرووُچھنہِ نیران اوس۔

لیڈرن ہِندِ بجرُک اندازٕ اوس ووستہٕ منگو ہمیشہِ تہندِ بن جلسن ہندو ہنگامو یا گردنہِ منٛزترٛ اونہٕ آمژن پوشہِ مالوٕستی کران۔ اگر کانٛہہ لیڈرزرد پوشوٕستی تہِ برٛتھ آسہِ ہے۔ منگوس نِش گیووسُہ بوٚڈموہنیو۔ اگر کأنسہِ لیڈرٕ سٟندِس جلوٗسس منٛز ژبلہِ ژبلہٕ کِنۍ زٕترٛبےٚ فسأدوُ چھان وُچھان روٹہٕ گییے،تسٟزُن نظرن منٛز اوس سُہ زیادےٚ پہن بوٚڈ۔ ووٚنۍ اوس سُہ نوٚو قونوٗن پننہِ سونچکہِ امی پوترِ

تولان۔

انارکلی بازرٕ منٛز نیرتھ اوس سُہ مال روڈچہِ پڑ بزلونہٕ سڑکہٕ پیٹھ وارٕ وارٕ ٹانگہٕ چلاوان زِ موٹرٕ دُکانس نِش میچ أمِس چھاونہِ ہنٛز سوأری۔ کڑایہِ لفظ کرنہٕ پتہٕ لوے أمی گُرس کمچاہ تہٕ أندری سوچُن :۔

''وولہٕ یہِ تہِ گووزبرٕ ے...... دوٚ چھاونی منٛزٕ ے لگہِ نوٚ قونوٚ نُک کینٛہہ پتاہ''۔

چندٕ منٛزٕ سگریٹا کڈِتھ روٚٹُن کھوفرِ اتھچن دون اوٚنگجن منٛز۔ یہِ زألِتھ بیوٚٹھ بروٚنٛہہ کنہِ تہٕ دڑاو...... ییٚلہِ منگوس سوأری آسہٕ ہے نہ ژھارٕنی یا کُنہِ پٕتٕ مہِ کتھہِ پیٹھ سوچُن آسہِ ہَس ، تِتھس موقعس پیٹھ اوس تسُند گُرٕ أتی پوٚری ترٛاوان یعنے تس اوس کینٛژس کالس دَوِ دورِ نِش افو بنان۔

گُری ہنٛز چال تہٕ ووستہٕ منگو ہندِ دماغکین خیالن ہُنٛد رفتاراوس سٮ۪ٹھاہ سُست۔ ییٚمہِ انمانہٕ گُری ہنٛدی قدم

لۆت أسی ، تمی اَنمانہٕ أسی منگو ہٕنٛدِس ذٕہنس منٛز نٔوِس قونوس متعلق قیاس تہِ۔

سُہ اوس نٔوِس قونونس تل میونسپل کمیٹی نِش ٹانگن نمبر میلنس پتہٕ سونچان تہٕ یِہ کتھ اوس نٔوِس اۭینِس منٛز سوچٕچ کوٗشش کران۔ أتھی سوچَس منٛز اوس سُہ ہہنہٕ آمُت ۔ أتھی ہٕتی باسیوٚتَس زنتہٕ کمہِ تام سوارِ کوٚرتَس آلو۔ پَتھ کُن نظر دِتھ وُچھ تٔمی سڑکہِ اکہِ پاسہٕ دوٚ ر بجلی کوٗٹس نِش اکھ سفید فام اتھٕ ہٕتی تَس اِشارٕ ہاوان۔

پِتھہٕ کُنٛز وننہٕ آو زِ منگوس أس سفید فامن ہٕتی سبٹھاہ دِ ے۔ یِیلہِ تٔمی بیٚہٕ بیا کھ سوأری تہِ انگریز ے وُچھ، تَس گیہِ دلہٕ منٛزی أمی ہٕنٛز دِ ے پأد۔ گوڈٕ دوٚ پُن دِلہٕ منٛزی اور کُن وِچھو نہٕ ، پکوسیوٚ دُے نیرو پانس مگر پتہٕ آس خیال زِ یہندی پونٛسہٕ تراوِنی تہِ چھےٚ بیوقوفی۔ گرُی ہٕنٛدِس تاجَس پتہٕ یِم ژوداہ آنہٕ خرچ کریٕ متی چھِ ، تِم کڈو أمی ہے ، پکوٗ ٹلون‘‘۔

سٕڑک خٲلی آسنہٕ کِنۍ پھیٚوٗر اُمۍ ٹانگہٕ بڑٕ اصل پٲٹھۍ تہٕ گُرس چھانٹہٕ وٲلِتھ ووت ژٕہس منٛز بجلی کوٗٹس نِش۔ گُرس لاکم چاڑِتھ رکووٗن ٹانگہٕ تہٕ پتہٕ کنہِ بہتھ انگریزس پرٛژھن:۔

''صاحب بہادر کوٗت چھُ یرادٕ''

یہِ سوال اوس طنٛز برِتھ۔ صاحب بہادُر وننہٕ وقتہٕ ؤژھ تَس وُٹھ ہیتھ گونٛژھ بون کُن۔ نَس کھٔرِس تہٕ رگہٕ تہِ دژ ایَس، چوٗ رِ چوٗرِ گوس زنتہٕ ہو چھِ لُکرِ کھنٛجہِ وَژھہٕ۔ بُتھ یوٚدوَے اَسان اوس مگر اَندرِ کِنۍ گُرن اُمس انگریزس کِس نارس منٛز زٲلِتھ کُنی مونگر۔

ییٚلہِ انگریزن ژھٹہِ دولہٕ بجلی کوٗٹس پتہٕ کنہِ سگریٹ زول تہٕ پوٚت پھیرِتھ ٹانگہٕ کِس پایدانس کُن قدم تژ وو تہٕ منگوتہٕ تسنٛز اَچھ رلییہِ اکھ اَ کِس ستی، باسیوو زَن نیرِ یمو بندوقو منٛز ووٗنۍ گولہِ روٗدتہٕ اتھ شورس منٛز دٔزِتھ وُڈن یم دوشوَے۔

وۄستہٕ منگوٗیُس پئنِس ڈٕچھنِس اتھس منز لاکمہِ وَر مُژرِتھ بوٗن وَسن وۄل اوس، لوٗگ انگریزس یُس تَس بروٗنہہ کنہِ وۄدنی اوس، یِتھہٕ کٕنۍ وُچھنہِ زنتہٕ اوس نظروٕستی تَس ژاپان تہٕ انگریزُس پئنِس نیلس پتلوٗنس پانس ہٕتی چیران اوس زنتہٕ اوس منگوسندِ اَمہِ حملہٕ کِنۍ پننہِ جسمکی کینٛہہ حصہٕ بچاوٕنی یژھان۔

سگریٹُک دٕہہ بوٗن کُن نبگلاوِتھ وۄتھُس انگریز۔

"جانامانگٹا، یِنہٕ ہیٚیہِ کانٛہہ گرٛ بڑکرَکھ"؟۔

"اِ یہِ چھ سُے"۔ یِم اِلفاظ آیہِ منگوٕسندِس ذٕہنس منز وایِنہٕ ہوِی تہٕ سپٔنِس اندرٕ لگِس پھیرنہِ۔

"یہِ چھُ سُے"۔ یِم الفاظ لگی تِمس اَسس منزٕ ے اورٕ یور کرنہِ تہٕ ٕستی گوٚس یقین زِ یہِ چھُ سُے انگریزَس ٕستی پٔتٕمہِ ؤری یہ اَمس چیٛپھی گٔییہِ۔ تہٕ تمہِ لڑایہِ ہُنٛد وجہ اوس انگریز سُنٛد شرابہٕ چیٛتھ نِشہِ کھسُن۔ تَس اوس ہٹہٕ مٹہٕ کوٗتاہ لانہٕ تانہٕ برداش کرُن پیوٚمُت۔ وۄستہٕ منگون اوس

انگریزٕ سُنٛد دماغ سیٚز رووُمت۔ مصلحتن اوُسس پیوُمت واریاہ برداش تہِ کرُن تِکیاز تَس اُس خبر زِ عدالت تہِ چھےٚ چھیکرس ٹانگہٕ وٲلی ہے رٹان۔

منگو وۄتھُس پٔتم لڑٲے تہٕ اَکی مہِ اپریلک نوٚو قونوٗن نظرِ تَل تھٲوِتھ۔ ''کہاں جانا مانگتا ہے''؟

منگو سٕنزِ کتھہِ منز اوس کمچک ہیوٚ ٹاس۔

انگریز وۄتھُس ''ہیر امنڈی''۔

پانژھ روپیہِ لگنے۔ منگو سٕنزن گونژھن وٕژھ وۄپداے ہِش۔

یہِ بوٗزِتھ گوو انگریز حٲران...... کربکھ ژٕجس نیرتھ

''پانژھ روپیہِ...... کیاہ...... ژٕ چھکھہٕ......؟

''اَوٕ......اَوٕ...... پانژھ روپیہ...... یہِ ونان وۄٹ منگون جیٚتھِ دارٕ چھُن اتھہٕ مُش ہیوٚ۔ وَن گرژھُن چھُیہِ، اَلِش مہٕ لاگ''؟

منگو سٕندِس لہجس منز گوٚو زیادے تیز رپاٹھٕ۔

انگریزن تۄ وۄ پتٕمہِ وٕری یُک واقعہٕ نظرِ تل
تھاوِتھ منگو ہٕندِ سپنک کھجُر پسہِ پُش تہٕ لۄگ سوچنہٕ زِ
أمِس چھُ بیہ کھرِ کشُن یِوان۔ اَمہِ خیالہٕ پۄک انگریز
اکڈِتھ ٹانگس گُن تہٕ پننہِ لورِ ہِتی کۄرُن منگوس ٹانگہٕ پیٹھ
بوٗن وسنک اشارٕ۔ ویرٕ ہنٛز پاٛلِش کُرِتھ لۄ رلاٛ جن منگو ہٕند
رانہٕ ہتی دوٚیہٕ ترٛیِہ لٹہِ۔ منگو روٗ دہیرِ پیٹھے أمِس ژھوٗٹس
انگریزس وُچھان زنتہٕ پننو نظرو ہِنٛدِ بارٕ ہتی تٔمِس پیسہِ
ہے تہٕ اَمہِ پتہٕ زنتہٕ دڑایِہ أمی ہٕنٛز مُش کمانہِ منٛز تیرٕ ہِشی
تہٕ أچھ ٹڑایہِ منٛز پیٹہِ انگریزس ہوٗنگنہِ۔ انگریز واتہٕ نوٗن
دکہٕ ہتی ہور تہٕ بوٗن وٕ ہِتھ لۄگ أمِس دگنہِ۔ انگریز گوٚو
روٹہٕ تہٕ منگو ہٕنٛزو زوٗدار مُشو نِشہِ بچنہٕ باپتھ کٔرن
کۄشِش۔ ییلہِ تس باسیوو زِ أمی ہٕندس مخالفس گوٚو پاگل
پَن سوار تہٕ أچھو کِنی چھس نارٕ بڑٕہہٕ نیران۔ تٔمی لاجہِ بڑٕ
بڑٕ کرٕ بکہٕ دِنہٕ۔ اَمہٕ ہتی تیز یوٗ منگو زیادے پھن تہٕ لۄگ
انگریزس یڑٕ بُرتھ مار دِنہٕ تہٕ ہتی لۄگُس یہِ تہٕ وننہٕ۔

"گوڈنکہٕ اپریلہٕ تیٚاسوے تھہ...... کولہٕ گوڈٕنکہٕ اپرلہٕ تیٚاسوے تھہ...... ووٚنی ہاچھُ سون راج شُرٕ یاہ؟"

لُکھ گییہٕ جمع تہٕ دوٚیوٚ پُلسہٕ والیوٚ موکلوو مشکلن انگریز منگوس نِش۔ ووٚستہٕ منگو اوس ووٚنی دوٚن پُلسہٕ والین منٛز باگ ووٚدنی۔ کھوٚل سینہٕ اوس تیز ہشہٕ کھسنہٕ وسنہٕ کنِ ہیوٚر تہٕ بوٚن وسان۔ أسِس اوُسِس پوٚس کھوٚتمُت تہٕ اَسہٕ وِنہِ نظرو لوٚگ حأران گمُتِس لُکہٕ ارساتس شأنشہٕ ہیوٚت وننہٕ:۔

"وہ دِن گذر گئے جب خلیل خان فاختہ اڑا یا کرتے تھے...... ووٚنی ہاچھُ نوٚو قونوٚن...... کولہٕ...... نوٚو قونوٚن"۔

تہٕ بچور انگریز اوس ووٚدی وانگن گرٛھتھ بیوقوف ہیوٚ اکھ نظر منگوس تہٕ بیاکھ نظر لُکن تر اوان۔

ووٚستہٕ منگو نیوٚ پُلسہٕ والیوٚ تھانس منٛز۔ وَتہِ تہٕ تھانس منٛز روٚد سُہ کربکہٕ دِوان "نوٚو قونوٚن، نوٚو قونوٚن" مگر

کأنسہِ بۆ زُس نہٕ۔

''نۆو قونوٗن، نۆو قونوٗن، کیاہ چھُکھ بکان......قونوٗن چھُ سُے پڑیون''۔

تہٕ منگو آو حوالاتس منٛز بند کرنہٕ۔



# کِرٛہُن شلوار

دِلہِ ینہٕ بروٚنہہ أس سو انبالہ چھاونی منٛز روٗزِتھ، ییٚتہِ واریاہ انگریز أمی سٕندی خریدار أسی۔ یہندِ ینہٕ کرٕھنہٕ کِنی أسی امہِ داہ پنداہ انگریزی جملہٕ ہیٚچھِمتی مگر یہِ انگریزی أس نہٕ سو کتھ باتھِ منٛز ورتاوان۔ مگر ییٚلہِ سو دِلہِ آیہِ تہٕ کارٕ بار چلیوٚس نہٕ کینٛہہ تہٕ اکہ دوہہٕ وۄٹھ سو پننہِ ہمسایہِ بایہِ طمنچہِ جانس دِس لیف...... ویری بیڈ۔" یانے یہِ زندگی چھےٚ سیٹھاہ خراب۔ ییٚلہِ نہٕ کھینہٕ باپتھ کینٛہہ میوٚل"۔

انبالہٕ چھاونی منٛز اوس أمی سُنٛد کار سیٹھاہ جان

چلان ۔ چھاونی ہندی انگریز ٲسی شرابا چیتھ اُمس نِش
یِوان تہٕ ترٛبن ژون گاٹن منٛز ٲس اَٹھ داہ خریدار
موکلاوِتھ سو وُہ ترٛہ روپیہِ کماوِتھ ہیکان ۔ یِم انگریز
ٲسی پننہِ وطنکو خریدارو کھوتہٕ سٮ۪ٹھاہ رٔتی ۔ اتھ اوسنہٕ کانٛہہ
شک زِ یِم ٲسی سو زبان بولان یِمیُک مطلب نہٕ سلطانہٕ
فِکر تران اوس مگر یہِ زبان نہ فِکرِ ترٕنی ٲس سلطانا یہِ ہندِ
حقہٕ ۔ اگر تِم تَس نِش نرمی یژھان ٲسی ۔ سو ٲس تِمن کلہٕ
ہستی نکار گٔری تھٲے ونان ۔ صحب ...... مےٚ چھُنہٕ تُہنز کتھ فِکرِ
تران تہٕ اگر تِم تَس ہستی ضروٗرتہٕ کھوتہٕ زیادٕ چھیڑ خانی
کران ٲسی، سو ٲس تِمن پننہِ زبانٕنی منٛز لکہٕ ژاران ۔ تِم
ٲسی حٲران گژھتھ تس بتھِس کُن مُدے گنڈان ۔ سو
ٲسکھ یورِ ونان ۔ "صحب ژٕ چھکھ اُلوکا پٹھا تہٕ حرام
زادٕ ...... توٗر یہ فِکرِ" ۔ یہِ ونان ٲس نہ سو بُتھ ژٕکراوان یا
تیزر کراہن ...... بلکہِ ٲسکھ بڈٕ لولہٕ سان کتھہٕ
کران ...... انگریز ٲسی اَسان تہٕ اَمہِ ساتہٕ ٲسی تِم سلطانا

یہِ پزٕی "اُلو کے پٹھے" باسان۔

مگر یور دِلہٕ یَنہٕ پتہٕ سو آیہٕ اکھ انگریز تہٕ اوسنہٕ اُمِس نِش آمُت۔ ہندوستانٕکِس یتھ بڑِس شہرس منٛز اوٚسۍ اُمِس ووٚنی ترٛبے رٕتھ آمٕژِ گمٕژ۔ یتھ متعلق تمہٕ بوٗزمُت اوس زِ یتہِ چھِ بڑٕی لاٹھ صاب روزان یم رتہٕ کالہِ شملہ گژھان چھِ، صرف اوٚسۍ شبٕ نفر اُمِس نِش آمٕتۍ......

صرف شبے یانے رٕتۍ زِ نفرتہٕ یِمن شٕہن طرفن نِش خدا مہٕ یٚژھن اپٕز وُنن آسہٕ اَمہِ ساڑ ارداہ روپیہِ کماوٕمٕژ۔ ترٛیٚو روپیو ہیوٚز اوٚسُس نہٕ کانٛہہ دِنۍ مانان۔ سلطانہ اوٚس یمو منٛز پانژھن نفرن پنٛنۍ ریٹ داہ روپیہِ وٕنی مٕژ مگر تاجب چھُ یمو منٛز اوس پزٕ بتھ اوٚکی صرف ترٛبے روپیہِ دِنہِ مونٛمت تہٕ ساری وٕہِس "امہِ علاوٕ ہکونہٕ اوٚسۍ دوٚنمبری تہٕ دِتھ"۔ یٚیلہِ شیٚیم آو سو وٕژھس "بہٕ ہیٚمے ترٛبے روپیہِ پھیرس۔ اَمہ کم وَنکھ تہٕ اندِ نہٕ، اَمہِ اور چھے پنٛنۍ مرضی یتہٕ یا گژھتہٕ"۔ شیٚیم نفرن کٔرنہٕ یہِ بوٗزِتھ درٕ درٕ

تہٕ ٹھہریو۔ ییلہِ بیٚیِس کمرس منٛزٕ سُہ درواز بند کٔرِتھ کوٹھ کڈنہِ لوٚگ۔ سلطانہٕ وٕژھس۔ "دوٕدِچ اکھ روپے کڈ"۔ اَمی دِژنہٕ روپے کینٛہہ مگر نوٗس بادشاہ سنٛزِ موہرِ ہنٛز آٹھ آنٕی کڈٕن چندٕ منٛز تہٕ دِژنس تہٕ سلطانایہِ تہٕ رٔٹ غنیمتھ زانٕی تھے۔

سانٛڑ ارداہ روپیہِ ترٛیٚیہِ ریتٕی......۲۰ روپیہِ آسَس کوٹھس یتھ مألکہِ مکان انگریزی پأٹھٕی فلیٹ ونان اوس کرٛایہِ دِنہِ۔ اتھ فلیٹس منٛز آس ترٕٛھ ٹٕچ یتھ رزِلمنہٕ ستی آبہٕ روزٕ سانٛرٕے گندگی نلکہٕ منٛزی غأب گژھان آس۔ اَتھ اوس بڈٕ شور گژھان۔ گوڈٕ گوڈٕ آس سو اَمہِ شورٕ ستی سخ بامبران۔ ییلہِ سو گوڈنچہِ لٹہِ اتھ ٹچہِ آس دژامژ تَس اوس کمرس سبٛٹھاہ دود۔ فارغ گٔژھتھ وٕژھ سو أتھی رزِ تھچھ کٔرِتھ۔ یہِ رَزُ وُچھِتھ سونٛچ تمہِ زِ چونکہِ یِم مکانہٕ چھِ سانی باپتھ بناونہٕ آمتی تہٕ رَز چھےٚ امی باپتھ گنڈِتھ یُتھ نہٕ ووتھن وِزِ اَسہِ کانٛہہ تکلیف گژھہِ۔ مگر

تِھے اَمہِ رَزِ تھپھ کَرِی تھےٚ وۄتھُن یۄژھ ہیٚرِ گۄو زورٕ
کھٹ کھٹ تہٕ آب دژاو تتھہِ کَنِٛ زورٕ زِ سو کھۄژ تہٕ گُنِی
چیٖخ ژٕجس نیرتھ۔

خدا بخش اوس دۄیمس کمرس منٛز فوٹو گرافی ہُنٛد
پٔنٛن سامانہٕ شیران سنبالان تہٕ اَکِس صاف بوتلہِ منٛز
اوس ہائیڈروجن کونین پھِران۔ تَم بوٗز سلطانہ ہِنٛز کریٖکھ
تہٕ دوری دژاو نبر تہٕ سلطانایہِ پرٛژھُن "کیا ڈٔلیل......
یہِ کریٖکھ دِژِتھہٕ ژٕے"۔

سلطانایہِ اَس وٕانجہِ ٹاسراے۔ سو وٕژھ۔ "یتھ
گۄوٕ ڈاکھ یہِ چھاچھ کنہِ کیٚاہ۔ منٛزس کیٚاہ چھکھ ریل گاڑِ
ہنٛدی پأٹھی رَز اویزان ترأوِمٕژ۔ مےٚ اوس کمرس دود۔
دۄیم وولہٕ أتھی کرتھپھ۔ مےٚ کیٚاہ پتاہ اکھ تاونچہ رزِ تھپھ
کرنہٕ ہتی گژھہِ ییٚژ بجہِ گگرایہِ ہُنٛد ہیوٗ شور، ہاے کیٚاہ
گوم، کیٚاہ وَنے بہٕ"۔

اَتھ پتھ اوس خدا بخشن بڑٕ اوسمت تہٕ سلطانایہِ

اوسُن اتھ ٹِچہ متعلق سوڑے کینٛہہ وۄنمُت تہٕ فِکرِ تو رمُت زِ یہِ چھےٚ نوِ فیشنٕچ تہٕ اَمچہ رزِلمنہٕ ستی چھےٚ سأرٕ ے گنٛدٕ زمینس اندر گژھان۔

خدا بخش تہٕ سلطانہ کتھہٕ کٔنی رلیہِ پانہٕ وأنی۔ سو چھِ زِ ٹھ ڈٔلیل۔ خدا بخش اوس راولپنٛجہِ ہُنٛد۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ ہیچھ تٔمی لأری چلاوٕنی۔ ژون ؤری ین تام رۄد سُہ راول پنٛجہِ پیٹھہٕ کٔشیرِ تام لأری چلاوان۔ أتھی دوران گۄو أمِس کٔشیرِ منٛزٕ ے أکِس زنانہِ ستی یارانہٕ تہٕ سو تتہِ ژٔلرأوِتھ أنٕنی پانس ستی۔ لاہورس منٛز میۄل نہٕ أمِس کانٛہہ کامہِ کارا تہٕ لحاظہ بہنأو أمی یہِ زنان پیشہ کرنہِ۔ دون ترٕین ؤری ین تام رۄد یہِ سلسلہٕ چلہٕ ۄن تہٕ اَمہِ پتہٕ ژٔج سو بیٚیس مردس ستی۔ خدا بخشس نئیو زِ سو چھِ انبالہ وأژ ہٕژ۔ تَس ژھاران ییٚلہِ سُہ اور ووت اَتہِ سمکھیس سلطانہ۔ تمہِ کۄر سُہ پسند تہٕ دوشوٕنی گو کھ میٖل۔

خدا بخش نہِ ینہٕ لۄگ سلطانہٕ نِس کاروبارس سبٹھاہ

باو۔ أمِس اوس چونکہِ اعتقاد سٔٹھاہ کمزور تہٕ تَس باسیوو زِ خدا بخش پیوتس بختہٕ بۆڈ، تیٚمی ہِنٛدِ یِنہٕ تَس کاروبارس ترقی گٔیہِ تہٕ أمی ہِنٛزِ خوش اعتقأدی بڈوو خدا بخشُن وقار زیادٕ پٔہن۔

خدا بخش اوس سٔٹھاہ محنتی انسان۔ اتھس پیٹھ اتھہٕ تھٔوتھ بِہُن اوسنہٕ تَس پسند۔ أمی کٔر أکِس فوٹو گرافرس یُس ریلوے سٹیشنس نیٚبرٕ کنہِ فوٹو ٹلان اوس دوستی تہٕ أمِس نِش ہیٚچھنۍ فوٹو ٹٔلنۍ تہٕ پتہٕ سلطانا یہِ نِش پوٗنسہٕ نِتھ اۆنُن کیمرہ مٔلۍ۔ وارٕ وارٕ بنوٗن اکھ پردٕ تہٕ زٕ کُرسی انہٕن مٔلۍ تہٕ فوٹو چھلنٛگ سورُے سامانہٕ مٔلۍ أنتھ کۆرُن پنُن الگ کارشروع۔

کأم چلییس تہٕ کہٕے کألی کۆر أمی پنُن اڈٕ انبالہٕ چھاوٕنۍ منٛز قأیم ییٚتہِ لۆگ سٕہ انگریزن فوٹو ٹُلنہِ تہٕ أکِس رٔتِس اندر گٔیہِ أمِس چھاونی ہِنٛدٕ ن بےٚ شمار انگریزن ہٕتۍ واقفیت۔ لہٰذا پکہِ نأون سلطانہ تہِ تۆری۔ خدا بخشنۍ

کِنی بنے اَتہ کیتھہ انگریز سلطانٕنی مستقل خرید ار۔

سطانن أنی کنن کِتھ دوٗرتہٕ ساڑن پانژن تولن بنأوِنی أٹھ کژھہٕ گری۔ جان جان داہ پنداہ ساڈِتہٕ کرہن جمع۔ گرِ خأطرٕ آوفرنیچر بیترِ انٕنہٕ تہٕ موخصر وَنوسوأس انبالہٕ چھاونی منٛز بڈٕ خوشحال مگر ہنگہٕ منگہٕ کیٛاہ گوٚ وخدا بخشس زِ تٔمی کوٚر دِلہِ گژھنگ فأصلہٕ۔ سلطانہٕ یوسہٕ خدا بخشس پننہِ خأطرٕ رُت شگوٗن زانان أس کِتھہٕ کرِ ہے انکار۔ تمہِ کوٚر اَسان اَسان دلہِ گژھُن قبوٗل بلکہِ سوچُن زِ ییٚتس بڈِس شہرس منٛز ییٚتہِ لاٹھ صأب روزان آسن چلہِ تسٕند کار زیادے پہن۔ پننہٕ وبسن سئدرن نِشہِ أسی تٔمی دِلہٕ ہٕنڈی وارِیاہ تأریف بوٗزی مٔتی تہٕ بیٚیہٕ اوس اَتہِ حضرت نظام الدین اولیاؒ سٕنز خانقاہ تہٕ تیٚچھ سو سبٹھاہ عقیدت مند أس۔ چنانچہِ گرو ییٚٹھ کِنتھ کرأ وِتھ آیہٕ سو خدا بخشس ستی دِلہِ۔ یور وأتِتھ روٚٹ خدا بخشن وٗنہ ۲۰ روپیہ ماہوار کرایہٕ پیٹھ فلیٹ تہٕ لگی دوشوٕ ے أتھی منٛز رٔنہِ۔

اکی قسمہٕ کِہن نوٚبن مکانن ہنٛز زٕٹھ لاًن ٲس سڑکہِ ہتی ہتی بٔنتھ۔ میونسپل کمیٹی اوس شہرُک یہ حصہٕ محض کسبین ہندِ خاطرٕ مقرر کوٚرمُت یُتھ نہٕ تِم شہرس منٛز جایہِ جایہِ پننٛہ اڈٕ بناوَن۔ بوٚنہٕ ٲسی دُکان تہٕ پیٹھ بسنہٕ خاطرٕ دُپور رہایشی فلیٹ۔ چونکہِ سارٕی فلیٹ ٲسی اکی ڈیزاینکی ییمہِ سببہٕ سلطانایہ گوڈ گوڈٕ فلیٹ ژھارنس منٛز دِقت یِوان ٲس۔ مگر ییٚلہِ دٔلی بوٚنہٕ کنہِ وانہٕ ڈبکس بورڈ لوگ تَس میچ اکھ پکہٕ نشانی۔ "ییٚتہِ چھِ مالہِ پلو چھلنہٕ یِوان"۔ یہ بورڈ وُچھتھے ٲس سو پٔنُن فلیٹ لبان۔ ییتھے گٔژ آسہٕ تمہٕ بییٚہِ تہِ کینٛہہ نشانیہِ قایم گمژٕ مثلن ییٚتھن بڈٕبن لفظن منٛز لیکھتھ اوس "ژٕنہِ دُکان" اَتھن ٲس أمی ہنٛز وٚبس ہیرا بائی بسان یوٚسہٕ مٔنزی منٛزی ریڈیو سٹیشن گوٚنہِ گرشھان ٲس۔ ییٚتھن لیکھتھ اوس "شریفن ہنٛدِ خاطرٕ اعلیٰ انتظام" تتیٚ نے ٲس أمی ہنٛز بیاکھ وٚبس مختار روزان۔ نوارٕ بناوٕنکس کارخانس ہیٚرٕ کنہِ ٲس انوری بسان یوٚسہٕ امہِ

کارخانٕکس سیٹھس نِش ملاٸزِم ٲس۔ چونکہِ سیٹھس ٲس راتس کارخانس حفاظت کرٕنۍ پیوان۔ لہٰذا اوس سُہ انوری نشی روزان۔

وان ہژ روُنُے ماچھِ خریدار یِوان۔ ییلہِ أکِس رٕتس سلطانہ بٕکار روٗز، تمہِ دیُت یِی ؤنتھ دِلس تسلی مگر ییلہِ زٕ رٕتھ گیہِ تہٕ کانْہہ اکھاہ آو نہٕ کوٗٹھس کُن، سو بامبریہِ تہٕ وٗژھ خدا بخشس۔ اَسہِ گیہِ زٕ رٕتھ یور آمتِس...... اَسہِ چھُنہٕ کانْہہ تہٕ مانزان...... مون از کل چھُ بازرس مچھر مگر یوٗت تہٕ نہٕ کینْہہ زِ رٕتہٕ وادن وٕچھم نہٕ شکلے کانٛسہِ ہٕنٛز۔ خدا بخش تہِ اوس أندری کٕنی ژرژأنی مگر اوس دم پھُٹٕ ییلہِ از سلطانا یہ پانے کتھ تُج۔ سُہ وٕتھس، "مے ووت اتھ پیٹھ کینْہہ دوہ سونچان...... اکھ کتھ ترٕم فکر۔ سو گیہِ یہِ زِ جنگہِ کٕنی لگی لوٗکھ اورٕ یور ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹہِ تہٕ یہِ وَتھ گیکھ مُشی تھے۔ ......یا یہ تہِ ہیکہِ ٲستھ زِ......" بیٚہِ ماونہِ ہے کینْہہ تہٕ کستام ہٕنٛز ہیرن کھسنچ آواز

گیہِ تیمہِ کِنز دوشونی ہُنٛد توجہ اوٗری کُن گوٚو۔ کینٛژِ کالہٕ
پتے گوو برس ٹھک ٹھُک۔ خدا بخشن مُژ روبَر۔ اکھ نفر ژاو
اندر۔ یہِ اوس گوڈٕ نیک خریدار یَس ہتی ترٛہن روپین
پیٹھ سودا طے سپُد۔ امہِ پتہٕ آیہِ بیٚیہِ پانٛژھ یانے ترٛہن
رٕتن منٛز شبہ یمن نشہِ وچہِ سلطانہ ساڑ ارداہ روپیہِ۔

وُہ روپیہِ آسہِ فلیٹس کرایہِ۔ آبہٕ تہٕ بجلی بلِ گیہِ
الگ۔ اَمہِ پتہٕ بیٚیہِ خرچہِ کھیوٚن چیوٚن، پلو دَلو، دگ دود
تہٕ آمدنی نہٕ کہنی۔ ساڑ ارداہ روپیہِ ترٛہن رٕتن پیٚنہٕ، اتھ ما
وَنو آمدن۔ سلطانہ گیہِ سبٹھاہ پراکند۔ ساڑن پانٛژن
تولن ہنٛز اٹھ بنگرِ یمہٕ اَمہِ انباہس منٛز بنأومٕژ آسہٕ، آیہِ
وارِ وارٕ کِنٛنہٕ۔ یِیلہِ أخری بنگرِ ہنٛز وأری وأژ سو وژھ
خدا بخشس۔ "ژٕ بوز میون وولہِ واپس گرٕھو انبالہ......
یٚیتہِ چھُ کیٚاہ ...... تہِ کُرِتھ أسی تن تہِ ...... مگر اَسہِ آو نہٕ یہ
شہر براہ۔ ژٕے تہِ أسہے تتہِ ٹھیک کأم چلان۔ پکھ توٚری
گرٕھو۔ یُس نوقصان گوو سُہ گوٚو کلہٕ پیٹھ حأراتھ۔ رَٹھ

یہ بنگر اَن کِنتھ ۔ بہ وَٹے سامانہٕ۔ أزی نیرو شامچہِ گاڑِ منز'' ۔

خدا بخشن وۄن سلطانا یہ ہٕندِ اتھ بنگر رٹان۔'' نہ ...... میانہِ زُو انبالہ گژھو نہٕ۔ پیٚتی دِلہٕ منز روز تھےٚ ۔ چانہِ یِم بنگرِ ہِن اکہِ اکہِ واپس ۔ خدایس پٹھ تھاو بھروسہٕ۔ سُہ چھُ سبٕٹھاہ کارساز ۔ پیٚتہِ تہِ کرِ سُہ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ سبب۔

سلطانہِ روٗز ژھوپہ کُرِتھ۔ حالانکہِ پۄتم بنگر تہِ دژ ایس نرِ منز۔ ژٕھرٕ نُرٕ چھان گوٚ وتَس سبٕٹھاہ تکلیف مگر کرِ ہے تہِ کیاہ کُنہِ طریقہٕ أسس یڈ تہِ پالنٕی۔

پانژھ رٔتھ تہِ گیہ مگر آمدنی آیہِ خرچہٕ مقابلہٕ ژور حصہٕ کم یِیمہِ کِنی سلطانہٕ وارے پریشان گیہ۔ خدا بخش تہِ ہیوٚتُن وۄنی سأری سے دوٚہس گرِ نیبر روزُن۔ سلطانا یہ اوس امیک تہِ دوکھ۔ أمس آسہٕ تمہِ تہِ ہمسایہِ بایہِ یِمن نِش گژھتھ سو وَق گذارِ ہے مگر پژٕتھ دوہہٕ یِمن نِش

گژھتھ زٕ ژور گاٹنہٕ گُذاٗرِنی اوس اٗمِس ناگوار گژھان۔
وارٕ وارٕ ہیوٚت اَمہِ وٕسن نِش گژھُن تہٕ بند کرُن۔ پوٚرٕ
دوہس اٗس سنسان مکانس منز کُنی زٕنی بہان۔ کُنہِ ساتہٕ
اٗس سپاری ژٹان، کُنہِ وِزِ پنٕنی پرٕانی پلو شیران سُوان تہٕ
کُنہِ ساتہٕ گیوٚو بالکنی منز نیرتھ جنگلس ؤتی ووڈنی روٗزِتھ
بروٗنہہ کنہِ کنٛن ریلوے شیڈن منز ووڈنی تہٕ روٗزِتھ
گاڑمتین انجنن کُن گاٹنہٕ وادن وُچھان روزان۔

سڑکہِ دوٚیمہِ پاسہٕ اوس مالکُ گُدام یُس اکہِ
کوٗنہِ پیٹھ بیٚیس کوٗنس تام پھلِتھ اوس۔ دٕپھنہِ کنہِ آسہٕ
ٹینہٕ پٔشس تلِ بجہِ بجہِ پھُٹجہِ گنٛڈِتھ آسان تہٕ پرٕ بتھ قسمکہِ
ماٗلکی ڈیرٕ اٗسی لگِتھ آسان۔ کھوٗرٕ کنہِ اوس کُھلہٕ ماٗدان
یتھ ریلہٕ پٹرِ چھاؤِتھ آسہٕ۔ تاپس منز ییلہِ یمہٕ پٹرِ تابان
آسہٕ سلطانہٕ اٗس پنٕنین اٗتھن کُن وُچھان یمن سبز رگہٕ
برابر پٹرٕن ہٕنٛدی پاٗٹھی دزاہمٕژ آسہٕ۔ اتھ زٔٹھس تہٕ
کُھلہٕ ماٗدانس منز اٗس ہر وقتہٕ انجن تہٕ ریلہٕ چلان

آسان۔ کُنہِ ہور کُنہِ یور انجن تہٕ گاڑٕن ہُنٛد چھک
چھک پھک پھک اوس ہر وِزِ گربزان۔ صُبحٲے نٮ۪ندرِ
ووتھن وِزِ یٮ۪لہِ سو فلیٹچہِ بارادرِ پیٹھ نیران ٲس، اتہِ اوس
بدلے نظارٕ لبنہٕ یِوان۔ وُنلہِ منٛز انجن ہُنٛد موٗٹ تہٕ گوٚن
دٕہہ نیرتھ اوس ہیوٚر اسمانس کُن زنتہٕ وٕتھٕن انسانن
ہٕنٛدی پٲٹھی کھسان باسان۔ بہہ اوس انجن شورس ستی
اوٚبرٕکی پٲٹھی پڑِ بومنٛز نیرتھ اُچھ ٹرایہِ منٛز ہوٚہس منٛز
غاب گژھان۔ یٮ۪لہِ سو ریلہِ ہٕنٛدِس کُنہِ ڈبس یتھ انجن
ہورکُن دکہٕ دیُت مُت تہٕ کُنے آسہِ ہے پڑِ پیٹھ چلان
تہٕ لتس اوس پنُن خیال یوان۔ سو تہِ ٲس سوچان زِ سو تہٕ
چھِ کُمی تام زندگی ہنٛز سیرِ پیٹھ دکہٕ دِتھ کُنی ژٕنی ترٲوِمژ تہٕ
سو چھِ ووٚنی پانے پکان۔ باقٕے چھِ سٲری موڑ ژٹان مگر
سو چھِ کُنی ژٕنی پکان۔ کیاہ پتاہ کرتہٕ کتھہٕ پٲٹھی گژھہِ امہِ
دُکک زور ختم تہٕ سو گژھہِ کُنہِ جایہ رُکتھ، تتھ مقامس پیٹھ
یُس نہٕ امہِ وُچھمُت تہٕ زونمُت آسہِ۔

یتھٕ پاٹھۍ آس سو بلاوجہ ہیٚجن تہٕ نخرل ریلہٕ پٹرٕ ہن تہٕ رُکے متھن تہٕ چلہٕ وٕنٕھن انجنن کُن مُدے گنڈتھ آسان مگر دماغس منز آسس بیشمار خیال یوان سٹیشنس نشی۔ مگر تتہِ اوسنہٕ تمہِ یمن چیزن زانٛہہ اَمہِ نظرٕ وُچھمت۔ ووٕنی آسی تَس یم خیال تہِ یوان زِ یُس بروٗنٛہہ کُنہِ ریل پٹرٕ ہُنٛد زال چھُ تہٕ جایہِ جایہِ یہ بَہہ تہٕ دٕہہ ووتھان چھُ، یتہِ چھ اکھ چکلہٕ، واریاہ گاڑٕ یمن وٕیٹھۍ تہٕ موٗٹۍ انجن اورٕ یور دکہٕ دِوان چھِ۔ سلطانس اوس مُنزٕم انجن سیٹھ باسان یم انبالہ کُنہِ کُنہٕ ساتہٕ اُمس نِش یوان آسی۔ یتہٕ ییٚلہِ سو کانٛہہ انجن ریلہِ لانہِ کٕنۍ نیران وُچھان آس تہٕ تَس اوس باسان زِ کُستام مُہنیو چھ گانہٕ وانہٕ کٕنۍ پکان ہیوٚر کوٗٹھن کُن نظر دِوان۔

سلطانہ آس سمجان زِ یژھ کتھہِ چھِ دماغ ڈلنُک بأعثہٕ تہِ بنان ییٚلہِ تہِ تَس یتھۍ خیال یوان آسی۔ سو آس نہٕ بالا درِ کُن گڑھانے۔ تمہِ ووٚن کٕرِ لتہِ خدا بخشس

''میٲنس حالس پٮ۪ٹھ کرتہٕ رحم۔ پٮ۪تی آستہٕ گری روزان، بہٕ چھس کُنی زٲنی بمار ہٕنڈی پاٹھی پیٚمٕژ آسان''۔ مگر سُہ اوس پزٕ بتھ وِزِ سلطانہ یہ ؤنتھ تسلی دِوان ''میانہِ جانہٕ بہٕ چھس نبر گژھتھ کینٛہہ زیٚنٛج کوٗشش کران۔ خدایَن ہے یوٚژھ کینژَن دوہن منز لگہِ تار''۔

پوٚرٕ پانژھ رٮ۪تھ تہِ گٔے مگر وُنیکتام اوسنہٕ سلطانہٕ کرٕ ہنی پلوسُونہٕ خاطرِ کینٛہہ۔ مختار اَس لیڈی ہیملٹنٛچ اکہِ نوِ فیشنٛچ قمیض بناوٕمژ یِیمکی نٕر کرٕہنہِ جارجٹکی آسی۔ اَتھ ستی رلنہٕ تہٕ میچ کرنہٕ باپتھ اوس تَس کرٕہنہِ ساٹنک ییزار تہٕ یوسہِ سورمہٕ ہِش پربزلان آس۔ انواری اَس رَیشمی جار جٕچ اکھ نفیس ساڑٕ ٲنی مژ۔ تمہِ اوس سُلطانہِ ووٚنمُت زِ اتھ تلہٕ لاگہِ سو سفید بوسکی ہُنٛد پیٹی کوٹ تِکیازِ یہ اوس نوٚو فاشن دزٕامُت۔ اتھ ساڑِ ستی لاگنہٕ خاطرِ اوس انوری کرٕہنہِ مخملک بوٗٹ تہِ اوٚنمُت یُس بڈ نوزُک اوس۔

سلطانہِ ییلہِ یم چیز وُچھ تَس گنیوو یہ احساس زِ محرم مناونہٕ

خاطرِ چھُنہٕ تس یُتھ لباس اننگ گذار۔

انوری تہٕ مختارِ ہندی پلوٗ وُچھتھ ییلہِ سوٗ گرٕ آیہِ، سو اُس سبٹھاہ دِل ملوٗل ۔ باسان اوس تَس چھُ اندری کنی زَن دود سینو ومُت ۔ گر اوسنہٕ کہنے ۔ خدا بخش اوس دوہہ دِشکی پاٹھی اوٗری۔ ژیر تام روٗز سو سترنجہِ پٹھ گاو تکیس ستی کلہٕ تھوٗتھ واش کڈِتھ۔ مگر ییلہِ تَس گردن تھدِ شانہٕ ستی اکٹریہِ، سو دژ ایہِ باراد رِگن یُتھ غمہٕ ہتی خیال دِلہٕ منز کڈِ۔

بروٗنہہ کنہِ اُس ریلہٕ ڈبہِ پٹرٕن پٹھ رٕہتھ گمُتی اما پوٗز انجن اوسنہٕ کانہہ ۔ شامُک وق اوس ۔ روٗدٕ لوَ کھنڈ اُس پیٹھ گرد غبار تہٕ لرٕش اُس دنیہٕ ۔ بازرس منز اُسی تم لُکھ پکنی ہیتی ہتی یم ڈٕچھِنی کھوٕری نظر دِتھ پننین گرن کُن دوران اُسی۔ تتھے اکی شخصن گردن ہیوٗر کُن تُج تہٕ سلطانس کُن لوٗگ وُچھنہِ۔ سلطانن کُر اَسنہٕ ہنا تہٕ مُشر ووٗن تِکیازِ امی وزِ گوٗو پٹرٕن پٹھ اکھ انجن بوٗد۔

سلطانہ لٔج اتھ تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ تہٕ وارٕ وارٕ سینیو أمِس ز انجنن تہٕ چھِ کرٛہنی پلولاٗ گتھ۔ یہ عجیب تہٕ بےٚ پرٛژھ خیال دماغہٕ منٛز کڈنہٕ باپتھ ییٚلہٕ أمی سڑکہٕ پٮ۪ٹھ نظر ترٲو تہٕ امہٕ وُچھ یوٗ ہے نفر ییٚمی أمِس کُن مارٕ مُژ نظر ترٲو مٕژ آس، دانٛد گاڑ نِش وودنی۔ سلطانن ہوو أمِس وَتہٕ کُن اِشارٕ تہٕ رژھہٕ کھنجہٕ کھڑاروزنہٕ پتہٕ کھوٚت یہ دوران ہیوٚر۔

سلطانہٕ بہنوو یہ ِ سترنجہ پٮ۪ٹھ۔ ییٚلہٕ یہِ بیوٚٹھ سلطانہٕ ؤژھ "کتھا کرِو۔ تُہی کیازِ آسیو ہیوٚر تھسنس کھوژان"۔ یہِ بوٗزِتھ اوٚس أمی شخصن" ژےٚ کتھہٕ کٔنی توٚرُے فکرِ..... کھوژہٕ ہا کیازِ"؟ سلطانہ ؤژہس مےٚ ووٚنےُ ییمہٕ کٔنی زِ ژٕ روٗدُکھ اتھن وارےہس کالس وودنی تہٕ پتہٕ کھوٚتکھ کیاہتام سوچتھ۔" یہ بوٗزِتھ اوٚس بیٚیہٕ تمٕی" ژےٚ چھے غلط فہمی۔ بہٕ اوسُس چانہٕ ہیٚری مِس فلیٹس کُن وُچھان ییٚتہٕ پٮ۪ٹھہٕ اکھ زنان کستام مردس نوٚٹھ آس ہاوان۔ مےٚ آو یہِ بڑٕ پسند۔ پتہٕ ڈٔزِ ڈبہٕ پٮ۪ٹھ اکھ سبز بجلی

بہٕ ٹھہریوس رٲژھا۔ سبز گاش چھُ مےٚ پسند ، أچھن چھُ
سبٕٹھاہ رُت لگان۔ یہِ وُنِتھ ہیٚژ تٔمۍ کمرس سام تہٕ اَمہِ پتہٕ
گوو تھوڑ وُتھتھ۔ سلطانہٕ پرٛژھُس دژا کھہٕ ژٕ۔ أمۍ
شخصن وۄنُس نہ بہٕ چھُس چون یہِ مکانہٕ وُچھن
یژھان...... وۄلہٕ مےٚ ہاوسأری گُٹھۍ"۔

سلطانہٕ ہاٲوۍ أمِس اکہِ اکہِ ترٛہنوٕ گُٹھۍ۔ یہِ رۄد
خاموشی سان سأری گُٹھۍ وُچھان۔ یێلہِ یم دوشوَے أتھۍ
کمرس منٛز واپس آے یێتہِ تم بہتھ أسۍ، یہِ شخص وۄتھ
سلطانہٕ "مےٚ چھُ شنکر ناو"۔

اَمہِ پتہٕ وُچھ سلطانہٕ سٔنِتھ شنکر۔ سُہ اوس سَم قدٕک
قبوٗل صورت انسان۔ مگر أمۍ سنٛز أچھ آسہٕ سبٕٹھاہ صاف
تہٕ شفاف تہٕ مٔنزی مٔنزی أس یمن منٛز اکھ عجیب چمک پأدٕ
گژھان۔ ژھوٚٹ مگر طاقتور، کنہٕ پچن پٹھ أسس
وال سفید ہوٕان گژھنۍ ، زرد گرم پتلونس پٹھ أسس
سفید قمیض لأگِتھ یتھ کالر گردنہِ نتۍ تھٲوِتھ تھوٚد ٹلِتھ

اوس۔

شنکر اوس اَمہِ انمانہٕ سترنجہِ پٹھ ڈاف ترأوِتھ باسان اوس زنتہٕ تیٚسندِ بدلہٕ سلطانس خریدار چھِ۔ أمی سوچن کٔرہنا سلطانہ پرٚیشان تہٕ شنکرس وٕژھ فرمأوِو......"

شنکرَنے اڈوٚو تھٕے بہتھ اوس یہ بوٗزِتھ دیُت تمیٚ دراز۔

"بہٕ کیٛاہ وَنہٕ"، تُہی فرمأوِو...... توٚہی ہے بہٕ بلووہس

"یٚیلہِ نہٕ سلطانہٕ کہنٛی ہیچ وٕنتھ، سُہ ووٚتھ تہٕ روٗد بہتھ۔

"توٚرُم فِکرِ...... بوٗزِ تو جناب...... یہِ کینٛژھا توٚہہِ زون وٕ تہِ چھُ غلط...... بہٕ چھس نہٕ تمو لگومنٛزٕ یِم کینٛہہ دِتھ گژھان چھِ...... ڈاکٹرن ہٕندی پاٗٹھی چھُ مےٚ تہٕ فیس یٚیلہِ بہٕ بلاونہٕ یِوان چھُس، فیس چھُ پوان دیُن"......

"تُہی کیٛاہ کأم چھِوٕ کران"؟

شنکر ووٚتھس "تی یہٕ ژٕ کران چھکھ"۔

"کیٛاہ؟"

"ژٕ کیٛاہ چھکھ کران"؟

''بہٕ ......بہٕ ...... بہٕ چھس نہٕ کہنٛی کران''۔

''بہٕ تہٕ چھس نہٕ کہنی کران''۔

''سلطانہٕ وٕزِھس ڈکہٕ چاٲرتھ...... ''تہٕ کیٛاہ گۅو

تُہی اٲسِو کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کران''۔......

شنکر وۅتھس بڑٕ اطمینانہٕ سان۔ ''ژٕ تہٕ آسکھ ضرور

کینٛہہ نتہٕ کینٛہ کران''۔

''ژھرٕٹہٕ ژھرٹ''

''بہٕ تہٕ چھُس تی کران''

''وولہٕ دوشوَے کرۄ''۔

''بہٕ چھُس حاضر...... مگر ژھرٕٹہٕ ژھرٹ کرنٕک

قمت تہٕ چھُس نہٕ بہٕ دِوان''۔

''ذرا کر ہوش...... یہ کیٛاہ مفت لنگر چھا''

''تہٕ بہٕ تہٕ چھس نہٕ مُفتس کام کرۄن والنٹیر''

سلطانہٕ ٹھُہریہٕ ہناتہٕ پرٕژھنس ''یم والنٹیر کم گیٔہٕ''

شنکرن دیُتس جواب ''الو کے پٹھے''

''بۂ چھُس نۂ الوکی پٹھی کینٛہہ''

''مگر یُس نفر خدا بخش ژ ے ہتی روزان چھُ، چھُ ضروری الو کا پٹھا''۔

''کیازِ''؟

''اَمہِ ہکنہٕ زِ سُہ چھُ وار یہو دوہو پیٹھہٕ اَکِس تِتھِس فقیرس نِش پنٕن قسمت بناونہِ گژھان۔ تیٚمِس پنٕن قسمت زنگ دار قُلفکہٕ پاٹھی بند چھُ''۔ یہِ وَنِتھ لوٚگ شنکر اسنہِ۔

اتھ پیٹھ وَژھس سلطانہٕ ''ژٕ چھکھ ہیوٚند توے چھکھ سانٛین بزرگن طنز کران''۔

شنکرن تژو واَسُن۔ ''یژھن جاین چھا ہندو مسلم سوال پاۂد گژھان...... بڈی بڈی پنڈت تہٕ مولوی تے یور ییِن تہٕ شریف انسان بنن''۔

''خبر کیٛاہ چھکھ اوٚر کھ یوٗر کھ ونان...... وَن چھیہِ ہیٚن''۔

''تِھۍ شرطس پیٹھ یُس مےٚ گوڈَے وۄنۍ''۔

سلطانہٕ وۄنُھ تھوٚد تہٕ وۄنُھس۔ ''بڈۍ تو گژھ

تو...... یپاۍری چھے وَتھ......''

شنکر وۄتھ آرامہٕ سان۔ پتلون چندن بِرنی اتھہٕ

تہٕ نیران نیران وۄتھُس ''مُنزی مُنزی چھس بہٕ یتیمہٕ

بازری یوان...... یتیلہٕ تہٕ ژٕے میأنۍ ضرورتھ پیٚیی ناد

دِزہم...... بہٕ لگے واریاہ بکار''۔

شنکر دراو تہٕ سلطانہٕ گوٚو کرُہن لباس مُشتھ تہٕ

واریاہس کالس روٗز أمی سےٚ متعلق سوچان...... أمی

سَنٛز وکتھو لوتیہِ ہِش۔ اگر سُہ انبالہٕ یتہٕ سو سبٕھاہ خوشحال

أس، آمُت آسہِ ہے تِمس آسہِ ہے بدل نظر کرنہٕ آمُت تہٕ

سُہ آسہِ ہے دکہٕ دِی دِی نبر کڈنہٕ آمُت...... یتہٕ أس سو

چونکہِ سبٕھاہ پریشان تہٕ اُداس آسان توَے کرِتس شنکرنہِ

کتھہٕ خوش۔

شامس یتیلہٕ خدا بخش آو۔ سلطانہٕ وۄنُھس ''از

کتہِ اوسکھ ڈُے دوہس ہےٚ غآب"؟

خدا بخش اوس سبٹھاہ تھکِتھ پیومُت تہٕ سلطانس

دوٚنُن "پرانہِ قلعہٕ پیٹھٕ چھُس پکان، تتہِ چھُ آمُت بزرگاہ

اکھ...... تس نِش چھُس دوہے گرٛھان...... یتھ اَسہِ تہٕ

رٕتی دوہ پھیرٕ ہن......"۔

"تمۍ کیٛاہ ووٚنہٕ نیہٕ کینٛہہ"؟

"نہ سا...... وُنہِ گوٚونہٕ کینٛہہ مہربان...... مگر

سلطانہ یوسہٕ بہٕ خدمت تس کران چھُس سو گرٛھنہٕ زانٛہہ

ضایع...... اگر خدا یہٕ سُند فضل روٚدسورُے ژھربر ییہِ

برنہٕ......"

سلطانہِ ہنٛدِس دماغس منٛز اوس محرمُک خیال

گھنہٕ آمُت۔ "ڈُے دوہَس چھُکھ غآب آسان، بہٕ

چھُس ییٚتہِ ییتھ پنجرس منٛز آسان۔ کُن چھُس نہ ہبکان

ییتھِ نہٕ گرٛھتھ...... پیاٚرۍ ووت محرم...... ژٕے چھیہِ فکرِ زِ

مےٚ ماگرٛھی کرٛہنی پلو آءسنٕ...... دوٚمبرٕی تہِ چھنہٕ گرس منٛز

فقیٖرن تہٕ متٕن یمن...... کرو کیٛاہ ووٚنی ونتہٕ ژٕے ......
پتہٕ پتہٕ کٕتس کالس پلکھ ...... مےٚ چھُ باسان ییٚتہٕ دِلہٕ مٔنز
زَن پھیوٚر خداین بُتھے ...... میون بوز پٔنٕنی کاٗم کر
شروع......توتہٕ چلہِ کرٕ وٚنڈ آب"۔

خدا بخشن ترٕ ووستر نجہِ پٹھ ڈاف تہٕ ووٚتھ" اما یہ
کاٗم شروع کرنہٕ باپتھ تہٕ گژھِ کم کینژھا پوٚنسہٕ آسُن ......
خدایہِ ہٕندِ خاطرٕ متہٕ کرتہٕ ووٚنی یمہٕ دُکھی کتھہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ
یہ برداش گژھان۔ انبالہ ترٲوِتھ گُر مےٚ سٹھاہ غلطی
۔اما پوٚز یہ کران چھُ خدا چھُ کران ، تہٕ کران چھُ سانی
بہتری خاطرٕ ۔ کیٛاہ خبر ییٚہِ تہٕ رژھا پوٚنسہِ تکلیف ٹُلتھ ما
سپدِ اَسہِ ......"

سلطانہ وٕژھس کتھ ژٹان" خدایہِ ہٕندِ خاطرٕ کرتہٕ
کینٛہہ ...... ژوٚر کر یا ڈاکہٕ تراوِ مگر مےٚ دِ اکِہٕ شلوارِ خاطرٕ
کپر اَنِتھ ۔ مےٚ چھِ سفید بوسکی ہٕنز قمیض موجود تتھی دِمہٕ بہٕ
رنگ......سفید جالہِ ڈوپٹہ تہٕ چھُ سُے یُس ژٕے دیوالی

پپٹھ انیوتھ، تتھ تہِ ییہِ قمیضہِ ءستی رنگ دِنہٕ۔ بَس شلوار چی کمی چھےٚ۔ سُہ انتہٕ ژٕ گُنہِ نتہٕ گُنہِ پاٗٹھی...... ژٕے چھے میونُے مرُن گُنہِ پاٗٹھی دِمےٚ اٗنتھ...... میونُے رَتھ چھکھ اگرنہٕ اَنکھ......"

خدابخش ووٚتھ تھوٚد تہٕ بیوٚٹھ۔" ژٕ چھُکھ خاہ مخاہ مےٚ مجبوٗر کران...... بہٕ کتہِ اَنہٕ...... مےٚ نہٕ افیم کھنبس سُمب دوٚمبرِ ی چندس تہٕ بیزار کتہِ اَنہٕ......"

"کینٛہہ تہِ کرمگر مےٚ دِساڑ ژور گز ساٹن اٗنتھ"۔

"خدابوٚ زِنی ازشامس سوٚ زِنی زٕ ترٛیےٚ نفر"۔

"مگر ژٕ کرکھ نہٕ کینٛہہ...... ژٕ اگر یژھکھ ضرور ہیککھ پیتھن پوٗنس ہُند انتظام گٔرتھ۔

جنگہٕ بروٚنہہ اوس یہِ ساٹن باہ ژوداہ آنہٕ گز میلان۔ ووٚنی چھُ سوآدروپے گز...... ساڑ ژور گز ءکتس ہِن"۔

"ووٚنی لٔجِکھ ژٕ پتہٕ تہِ کرو کانٛہہ بہانہٕ"۔ یہِ ؤنتھ ووٚتھ خدابخش "مٔشر اوو ووٚنی...... بہٕ اَنے ہوٹلہِ پپٹھ بتہٕ"

ہوٹلہٕ پیٹھ بتہٕ اَنتھ کأسکھ بوٚ چھےٚ تہٕ شوٚنگی۔صبحو
ووت تہٕ خدا بخش گوٚو پرانہِ قلعہٕ کِس فقیرس نِش تہٕ
سلطانہٕ روٗز بیہِ کُنی زٔنی...... گرا روٗز شوٚنگتھ تہٕ گرالرِ
پھرُن دِوان۔ کینژَس کالس روٗز کَٹھن پھیران تہٕ
دُپہرُک بتہٕ کھیتھ وٗژھ سفید جالہِ ڈوپٹہٕ تہٕ بوسکی ہنٛز
قمیض ہیتھ بون لانڈری وأنِس نِش یم رنگنہٕ باپتھ۔پلو
چھلنہٕ علاوٕ اوس اتہِ پلوٚن رنگ تہِ دِنہٕ یوان۔یہِ کأم
سپداُوِتھ کھٔرٕ واپس تہٕ پتہٕ ہیٚٹھی فلمی کتابہٕ پرنہِ یمن منٛز
اُمی ہنٛز وٕچھمٕژن فلمن ہنٛز کہانیہ تہٕ باتھ اٰسی چھپیتھ۔
کتابہٕ پران پران پیٚیس نِندر۔یٚیلہِ ہُشارٕ گیہِ ژوٚراسہٕ
بجیمٕژ۔تِکیازِ آنگنس منٛز اوس تاپھ پشہِ مورتام ووتمُت۔
سرٛ انا وانا کُرِتھ دژایہِ گرم شال وٗلِتھ بارا درِ پیٹھ۔
تقریبن روٗز سلطانہٕ اَکِس گأنٹس بالکنی منٛز ووٚدنی۔
ووٚنی اوس شام گوٚمُت۔بتہِ آسہٕ دژان ییمہِ کِنی سڑکہِ
رونق لبنہٕ اٰس یوان۔تر اٰس ہنا بڈان......مگر سلطانہٕ

أس نہٕ یہِ کھرٕ ونی باسان تِکیاہ زِ سوٗ أس واریاہ کالہٕ پٔژھہٕ
ژٕلہٕ وٕنٕبن ، گرٛھوٕنٕبن تہٕ یوٕنٕبن ٹانگن تہٕ موٹرن وُچھان۔
ہنگہٕ منگہٕ پییہِ أمِس شنکرس کُن نظر۔ مکانس بوٛنہٕ کنہِ تُج
أمۍ گردن ہیوٚر کُن تہٕ سلطانہِ کُن وُچھِتھ کُرن اَسنہٕ ہنا۔
سلطانہِ کوٚر أمِس ہنگہٕ منگہٕ اتھہٕ سٟتۍ ہیوٚر کھسنک اشارٕ۔
ییٚلہِ شنکر ہیوٚر ووت سلطانہٕ گٔیہِ ہے بنگہٕ تہٕ
پریشان زِ أمِس کیاہ وَنہٕ ۔ اَمہِ اوس سوچنے أمِس اِشارٕ
کوٚر مُت ۔ شنکر اوس پوٗرٕ مطمئن باسان زنتہٕ تَس یہِ پٔنُن
گرٕ اوس۔ کُنہِ تکلیفہٕ ورأے دیُت تٔمۍ گاوتٔکیہٕ شاند تہٕ
ترٛ ووُن پان ۔ییٚلہِ نہٕ سلطانہِ أمِس سٟتۍ کتھے کٔر۔ شنکر
ووٚتھُس ’’ژٕ ہکھکھ مے ہتہِ لٹہِ بلاۓ وِتھ تہٕ ہتہِ لٹہٕ وٕنتھ دفع
گژھ......یمن کتھن پتھ گوس نہٕ بہ ناراض گژھن ول‘‘
سلطانہٕ گٔیہِ ہے بنگہٕ تہٕ وٕ ژھس۔ ’’نہ ...... نہ بٕہو
...... ژٕ ے کٔمۍ ووٚنے نیر‘‘۔
شنکرن کٔر اَسنہٕ ہنا’’تہٕ میون شرط چھُ یہِ تیٚلہِ

منظور"۔

"کُس تہٕ کیُتھ شرط"؟ سلطانہٕ وُژھس اَسان

اَسان" کیٛاہ نکاح کرکھا مےٚ ہیتی"۔

"نکاح تہٕ خاندر...... کیُتھ ساہ...... نہ کرکھ ژٕ عمر بر

کانٛسہِ ہیتی خاندر تہٕ نہ کرٕ بہ...... تژاویمہٕ فضول کتھہٕ......

کامہِ ہنٛز کتھاہ کرٕ"۔

"ژٕ ے وَن کیٛاہ کتھ کرٕ"

"ژٕ چھکھ زَنان...... ژٕ کر تژھ کتھاہ یمہِ ہیتی

رژھہِ کھنجہِ دِل بہلاٚیی گژھہ...... دُنیہس منٛز چھُنہٕ پرٛتھ

کانٛہہ چیز صرف دُکاندٲری تہٕ کارٕ بارٕ ے یوت...... بیٚیہِ

تہِ چھُ کینٛہہ"۔

سلطانہِ اوس ووٚنی مَنہٕ شنکر قبوٗل کوٚرمُت۔ سو

وُژھس "صاف صاف وَن مےٚ نِش کیٛاہ زَن چھکھ

ژٕ یژھان"۔

"یہِ باقےٚ یژھان چھہِ" شنکر ووٚتھ تھوٚد تہٕ بہتھ

روٗد۔

''ژٕ ے تہٕ بیٚین کیاہ فرق روٗز تیٚلہِ''۔

''ژٕ ے تہٕ مےٚ منٛز چھنہٕ کانٛہہ فرق۔ مگر تِمن تہٕ

مےٚ منٛز چھےٚ زمین وٲسمانٕچ فرق...... واریاہ چھےٚ تمہٕ تہِ

کتھہٕ یِمہٕ نہٕ پرٛ ژھنہِ گرٛ ھن...... پانے گرٛ ھن سمجنہِ''۔

سلطانہِ کٔر کینٛژَس کالس شنکر نہِ کتھہٕ سمجنٕچ کوٗشش۔

پتہٕ وُٕ ژھس ''مےٚ سمُج''۔

''وَن، تیٚلہِ کیاہ چھکھ ونان''۔

''ژٕ ے زیوٗنتھ تہٕ مےٚ ہور...... مگر یِتہِ وَنے از

تام آسہِ نہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ یژھ کتھ قبوٗل کٔرمژٕ''۔

''ژٕ چھکھ غلط ونان...... ییتھی محلس منٛز چھےٚ تمہٕ

سیٚز تہِ ساد زنانہٕ موجود یِمہٕ نہٕ زانٛہہ یقین کرن زِ زنان

ہیکہِ تِژھ لذت قبوٗل کٔرِتھ یوسہٕ ژٕ کُنہِ احساسہٕ ورٲے

قبول کران روٗزٕ کھ۔ مگر یہُنٛد یقین نہ کرنہٕ باوجود تہِ چھوٕ

تہٕ ساسہِ بزٕ...... ژٕ ے چھےٚ نا سلطانہٕ ناو''؟

''اوٗ سلطانے چھُے''

''شنکر ووٚتھ تھوٚ دتہٕ بڈٕ بڈٕ لوٚگ اَسنہٕ''۔ مےٚ چھُ

شنکر ناو...... یم ناوتہِ چھِ بدلٕے عجیبے۔ ووتھ اندر اَژو''۔

شنکر تہٕ سلطانہٕ ییٚلہِ سترنجہِ واۓلس کٹھِس منٛز ژاے،

دوشوٕے اُسی زورٕ زورٕ اَسان...... خبر کتھ پیٹھ...... ییٚلہِ

شنکر نیرُن ہیوٚتن۔ سلطانہٕ وۄنُس ''شنکر میانۍ اکھ کتھ

مانکھ نا''؟

شنکر ووٚتھس ''وَن کیاہ''

ژٕ وَن گوڈٕ مانکھہٕ

شنکر ووٚتھس ''گوڈٕ وَن کتھ''۔

سلطانہٕ وۄنُن کھوٚژی کھوٚژی۔ ''ژٕ وَنکھ بہٕ چھسے

پنُن قسمتھ منگان مگر......

''وَن وَن...... رُکییکھ کیاز''

سلطانن اوٚن پانس منٛز جُرتھ تہٕ وۄنُن۔ ''مسلہٕ چھُ

یہ زِ محرم چھُ پکان تہٕ مےٚ چھُنہٕ پوٚنسہٕ، مےٚ اوس کرُن

ییزار بناوُن...... ییٚتیٚگ حال بوٗزتھ ژٚے سوٗرے۔
ڈوپٹہٕ تہٕ قمیض اٚسم پرٲنی سودٕژم ازرنگرس"۔
یہِ بوٗزِتھ ووٚتھُس شنکر۔ "چون مطلب چھابہٕ
دِمَے ژٚے کینٛہہ پوٗنسہٕ تہٕ ژٕ اَنکھ کرٕہُن ییزار سُوتھ"۔
سلطانہٕ وٕژھ یکدم" نہ نہَ تِنہٕ...... میون مطلب
چھُ اگر ژٕ ے دِہگھ مے کرٕہُن ییزار اٚنتھ"۔
"شنکرن کٔر اَسنہٕ ہنا" میاٲنس چندس اگر اتفاقن
زانٛہہ کانٛہہ پوٗنسہٕ آسہِ......خاطر بہٕ کرٕ کوٗشش۔ محرمکہِ
گوڈنکہِ تاٲریخہِ واتی ژٚے ییزار......بَس گٔیہِ کھہٕ
خوش......
"سلطانہِ ہٕنذِ بن کنہٕ دوٗرن گُن نظراہ ترٲوِتھ
ووٚتھُس۔ کیٛاہ یم دوٗر دِکھہٕ مے ؟"
سلطانہٕ وٕژھس اَسان اَسان۔ "ژٕ کیٛاہ کرکھ
یمن۔ روپیہٕ ہٕنذی مومولی کنہٕ دوٗر۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لوٗن
پانژھ روپیہٕ"۔

شنکر ووٚتھس ''بہٕ چھُسَے ژٕے دوٗر منگان، مول چھُسَے نہٕ پرٛژھا۔ وَن دِکھہٕ؟''

''رٕژھ نہٕ'' یہِ وُنتھ کٕڈی سلطانہِ دوٗر تہٕ پلہٕ نأوِن شنکرس۔ تمہِ پتہٕ پھیوٗر سلطانس واریاہ مگر شنکر اوس دزٕ امُت۔

سلطانہِ أس نہٕ کانٛہہ پرٛژھ زِ شنکر کیاہ کرِ پٕنُن وعدٕ پوٗرٕ مگر کینژٕ دُہہ یعنے محرمکہِ گوڈنکہِ تأرٟخہٕ گوس صُبحٕچہِ نوِ بجہِ برس ٹھُک ٹھک۔ سلطانہِ مُژ رو برٕ تہٕ شنکر وُچھن وودنی۔ اخبارس وُلِتھ کیاہ تام چیز پلنوٗن سلطانہِ تہٕ ووٚننس۔ ''ساٹنگ کرٛہُن ییزار چھُے...... وُچھ زِ شاید چھُے زیوٗٹھ پہن...... بہٕ دزٕ اسَے''۔

شنکرٕ دزٕ او ییزار پلنأوِتھ تہٕ سلطانہِ ستی کرٕنی نہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ کتھ۔ تِمس آسہٕ پتلوٗنس گیٚنہِ، مستس أسس زَٹھ گٕمژٕ۔ باسان اوس زنتہٕ چھُ وُنی نِندرِ ووٚتھمُت تہٕ سیوٗ دُے چھُ یوٗری آمُت۔

سلطانہِ مُژ رو کاکنہ۔ یہِ اوس ساٹنگ کرٛہُن ییزار،

تِتھے یُس اَمہِ ہوٚ بہوٚ مختار نِش وُچھمُت اوس۔ سلطانہٕ گَیہِ سبٹھاہ خوش۔ کنہٕ دوٚرَن تہٕ بیٚیہِ سود ہُک یُس اُمس افسوٗس اوس سُہ کوٚر اٚمی بیزارَن تہٕ شُکرنہِ وعدٕ وفٲیی دوٗر۔

دُپہرس اٚنی تمہِ رنگرس نِشہِ پلو تہٕ ترٛہنوے کرٛہن پلو ییٚلہِ لاٚگنی دروازس گوٚو ٹھُک ٹھک ۔ سلطانہِ ییٚلہِ درواز مُژروو اورٕ ژاییہ مختارٕ اندر۔ سلطانہٕ ترٛہنوٕنی پلوَن پیٹھ نظراہ ترٲوِتھ وٕژھ۔ ”قمیض تہٕ ڈوپٹہٕ چھِ رٕنگی مٕتی باسان...... مگر یہ بیزار چھُ نوُوے...... کر سوٕنووُتھ ؟“

......سلطانہِ دیُتنس جواب بَس اٚزی اوٚن ہرٛژن - یہِ ونان پیٚیہِ سلطانہِ مختارٕ ہندٕ بن کنَن پیٹھ نظر ”یم دوٚر کتہِ اٚنتھ ژٕیے“؟

مختارٕ وٕژھس ”بس اٚزی انہٕ نٲوی“

اَمہِ پتہٕ روزٕ دونوَے ژھوپہ کٔرِتھ اکھ اٚکس ژرژان۔



# پیرن

یہِ چھےٚ تَمن دوٚہن ہنٛز کتھ ییٚلہِ بہٕ غریب تہٕ مُفلس اوٚسُس ۔ بمبیہِ منٛز اوٚسُس نوٚن روٚپین کرٛایہِ پیٹھ أکِس موموٗلی پہَرِ منٛز روزان ۔ یتھ نہٕ نلکہٕ تہٕ نہ بجلیَ آس ۔ وآہیات پہٕر ، ٲمکرِ یتَھ تالوس پیٹھ ژرٕ روٗ د اوس ، یم مےٚ پیٹھ پیوان آسی ۔ گگر آسی گرٛہندِ روٚستےٚ ...... پیٚتی بٔڈی گگر چھِنہٕ مےٚ کُنہِ وُچھمتی ، بیٛارٕ تہِ آسی تَمن کھوژان ۔

اَتھ پہرِ اوس نیٚبرِ کُنہِ اکھ غسل خانہٕ یتھ أندری کنٛز ہاٛنکل آس پھٕٹمٕژ ۔ صُبحٲے آسہٕ اَمہِ ژکلچِہِ زنانہٕ آب نِنہِ

اتھ غسل خانس منز یوان۔ یہوٗدی، مرأٹھی، گجرأتی، کرٛسچن ـــــ رنگہٕ رنگہٕ زنانہٕ۔

بہٕ اوٗسس سُلی یمہٕ زنانہٕ جمع گژھنہٕ بروٗنہہ غسل خانس منٛز واتان، بَر دِتھ سران کران۔ اکہِ دوہ ووٚتھس بہٕ ژیرِی پہن۔ غسل خانس منٛز وأتِتھ ہیوٚتُم سرٛان کرُن تہٕ کینٛژِ کالی پتے آو کھرٛ ہٹ کرِتھ درواز مژراونہٕ، یہ أس میأنی ہمسایہ بایہ۔ نوٚٹ کرٛتھس منٛزٕ ٹتھ اُر امہِ مے ہیرِ پیٹھہٕ بون تام خبر کیازِ کُنی نظر۔ پتہٕ پھِرٕن تھرتہٕ نوٚٹ ژوٚلُس کرٛھہٕ منٛزٕ نیرِتھ تہٕ پتھرِس آو لاینہٕ...... پانہٕ کٔڈن ٹِکھ زنتہٕ ہہہ اوٗسس پتہٕ دوران۔ مے آو سبٹھاہ اُسُن، درواز کوٚرُم بنٛد تہٕ لوٚگُس سرٛان کرنہِ۔

رَژھِ کھنٛڈی مژروو بیٚہِ کٔمی تام درواز۔ یہ اوس برج موہن۔ ووٚنی اوٗسس بہٕ سران کرِتھ موکلیوٗمُت تہٕ پلو اوٗسس لاگان۔ سُہ ووٚتھ مے کُن، ہے منٹو بابا از چھنا آتھوار‘‘۔

مےٚ پیوٚ و یاد اِز بٔرج موہنس چھُ باندرہ گرٛھُن پننہِ ویٚسہِ پیرنس سمکھنہِ۔ سُہ اوس پرٛ بتھ آتھوارِ تس سمکھنہِ گرٛھان۔ سوٲس موموٗلی شکلہِ صوٗرٔژ ہنٛز پارسی کوٗر، ییٚمِس بٔرج موہنس ستی ترٛییوٚ وٕری یَو پیٚٹھہِ عشق چلان اوس۔

پرٛ بتھ آتھوارِ اوس بٔرج موہنٕ مےٚ نِش ٹریٚنہِ کِتھیٚ اٚڈھ آنہِ نوان تہٕ پیرنہِ ہُند گرواتانٕ تہٕ اَتہِ ٲسی اَڈِس گائنٹس کتھاہ باتھاہ کران۔ بٔرج موہنٕ اوس ٲمِس السٹرٹیڈ ویکلی کراس وارڈ پزل بٔرتھ دِوان تہٕ پتہٕ اوس پس یِوان۔ سُہ اوس کلہٕ ترٛوٚپرِتھ یہِ پزل پننہِ ویٚسہِ ہِنٛدِ خاطرِ حل کران روزان۔ اتھ پیٹھ ٲسی ٲمِس کینٛہہ لوٕکٹ لوٕکٹ ینامہِ تہِ میلان متی مگر تِم ٲسی سارۍ پیرنٕن وصوٗل کرٕ متی۔ بٔرج موہنٕن ٲس نہٕ ٲمِس زانٛہہ دوٚمبرٕ تہِ مٔنجرٕ۔

بٔرج موہنٕس نِش آسہِ پیرنہِ واریاہ تصویرٕ۔ تنگ

فراک پیزارس منز، ساڑِ منز، فراکس منز، سرِانہٕ پلوَن منز، فینسی ڈرٛیسن منز...... شاید آسہن ہتہٕ پیٹھی۔ پیرن اُس نہٕ قطعن خوٗبصوٗرت ٲسی کہِ ونہٕ بہٕ یِی زِ سو اُس کم شکلہِ۔ مگر مےٚ اوسنہٕ پننہِ اَمہِ رایہِ ہُنٛد اظہار برٛج موہنس نِش زانٛہہ تہِ کوٚرمُت ٲسی کہِ اوسنہٕ مےٚ زانٛہہ اُمِس پیرنس متعلق کینٛہہ پرٛژھمُت۔ سو کوسہٕ چھےٚ؟ کیا چھےٚ کران؟ یُہند عشق کتہِ تہٕ کتھِ گٔنی زاو؟ کیٛاہ سُہ چھا تس ستۍ خاندر کرُن یژھان؟ برج موہنن تہِ اُس نہٕ تس متعلق مےٚ ستۍ زانٛہہ کتھ کٔرمٕژ۔ بَس پرٛ بتھ آتھوار اوس سُہ مےٚ نِش صُبحچہ چایہِ پتہٕ کرایہِ خاطرٕ اَٹھ آنہٕ نِوان تہٕ تَس سمکھنہِ باندرہ گژھان تہٕ دُپہرتام واپس یِوان۔

بہٕ گوس پہرِ منز، اَٹھ آنہٕ اَنتھ دِمس تہٕ سُہ دژاو۔ دُپہرس آو تہٕ بوزنونس بدلے کتھا۔ ”ہسا از گوے سوٗرے معاملے ختم“۔

”مےٚ پرٛژھُس کسُو سوٗرے معاملہ“۔ مےٚ کیٛاہ

اُس خبر سہ کمہِ معالچ کتھ چھُ کران۔ برج موہَنن وۆن
مے ''از کۆر مے تَس بُتھس پیٹھ جواب''۔ زنتہٕ تَس
سینہٕ لوتیومُت اوس۔ مے وۆن پیرنسن ییلہِ تہٕ بہٕ ژے
سمکھان چھُسے، مے چھنہٕ کانٛہہ کاٗم کار میلان، ژٕ چھکھ
منحۆس۔ سوٗ ژٕہم تورٕ اَدٕ مے سمکھُن ترٛاوتہٕ، بہٕ تہِ وُچھہِ
ژے کُس کاٗم کار میلی۔ اگر بہٕ منحۆس چھُس، ژٕ چھُکھ بۆڈ
نابہٕ کارتہٕ کامہِ ژۆر ـــــ ترٛاوی تو یہِ ڈیلیے موکلییہ۔
مے چھے راے انشا اللہ پکھے میلہِ مے کانٛہہ نتہٕ
کانٛہہ کاٗم۔ پگاہ دِزِ مے ژور آنہٕ بہٕ گرٛژھہٕ سیٹھ نانو بائیَس
سمکھٕنہِ، سہ رٹہِ مے ضرۆر پنُن اسٹنٹ۔
سیٹھ نانو بھائی اوس فلم ڈائیریکٹر تہٕ برِج موہنس
اوسُن کرِ لٹہِ نوکری دِنس انکار کۆرمُت۔ تَس تہِ اوس
پیرنہِ ہنٛدی پاٹھی خیال زِ یہ چھُ کامہِ ژۆر تہٕ نابہٕ کارگر
دۆیمہِ دوہہٕ ییلہِ برج موہَنن مے نِش ژور آنہٕ نِیہٕ تورٕ آو
سہ دُپہرس ژھنگان تہٕ مے دٔپُن خوشخبری زِ سیٹھن دِژ تَس

خوش گژھتھ نوکری تۂ ڈاے ہتھ روپیہِ تھوونس رٹنس تنخواہ۔ ؤری ییک اگریمنٹ کوٚرنس تۂ تتھ آیہِ دسخط تۂ کرنۂ۔ امہِ پتۂ ژھنٔن چندس اتھہِ، اتہِ کوٚڈُن اگریمنٹ تۂ ہتھ روپیہِ۔ ہتۂ سایہِ چھُے ہتھ روپیہِ اڈوانس۔ دپان چھُس اگریمنٹ تۂ روپیہِ ہتھ ہتھ گژھ بۂ باندرہ تۂ پیرنہِ ونہٕ وُچھ میچا کأم کِنۂ نہ۔ مگر کھوژان چھُس ہُپأری گوٚژھُم نۂ نانو بھائی فورن جواب کرُن۔ مےٚ ستی چھُنا کرِژ لٹہِ یی گوٚمُت، یپأری میچ نوکری، بۂ گوس پیرنہِ سمکھنہِ تۂ معاملہِ صاف۔ کُنہِ نتۂ کُنہِ ہتۂ آس بۂ چھکنۂ۔ خدا زانہِ اُمِس کورِ کیاہ منحوٗسی چھُےٚ۔ ہاؤری یَس وُچھنہٕ بۂ ووٚنی تَس سُنٛد بُتھ۔ مےٚ چھِ پلو موستیتی ، یتھ ؤری یَس گٔیہِ پلو سوٚنی، پتۂ وُچھو۔

شےٚ رٹتھ گٔیہِ۔ برج موہن چھُ پنٕنہِ کأم کران۔ نٔوی پلو سُوِن، رُمالہِ درجن تۂ ہیوٚتُن۔ ووٚنی اٰسی تَس تم سأری چیز یم خاندرِ روٚس مردس جان روزنہِ تۂ آرامہِ

خاطرٕ آٔسنہٕ گژھی۔ اکہِ دوہہٕ ییلہِ سہٕ سِٹیڈیو گوٚمُت اوس، تٔسنٛدِ ناوٕ آیہِ چِٹھی۔ شامس آو سُہمگر مےٚ روٗز نہٕ تَس چِٹھی دِنٛی یاد۔ صُبحہِ چایہِ وِزِ پلناوٕ مےٚ یہِ اٗمِس کُن۔ لفافہٕ رٹانےٕ ژٕج اٗمِس کریکھ نیرِ تھ "لانتھ"۔

مےٚ پرٛژھُس "کیٛاہ ذٔلیل"؟

"تی ہسا...... پیٚرن......وار پٲٹھی اوسُس بہٕ پکان"۔ یہِ ونان ہٕژ رووکٕ ژمبہِ ستی لفافہٕ، چِٹھی کڈٕن تہٕ مےٚ کُن ووٚتھ۔ "رٕٹن کم بخت......تٔسنٛد دسخط مشامےٚ زانٛہہ......"

مےٚ پرٛژھُس "کیٛاہ چھےٚ لیکھان"؟

"کلہِ میون......ییمہِ آتھوارِ سمکھ مےٚ، کیٛاہ تام ضروٗری کتھ چھَم کرٕنٛی" یہِ وٕنِتھ کوٚرٕ ژمٕ چِٹھِ تہٕ تہٕ لفافس منٛز ترٲوِتھ تھاوِن چندس۔ رٕٹی تو منٹوصاب نوکری نِشہِ میلہِ پگاہ تام انشاء اللہ جواب"۔

"کیٛاہ چھکھ بکواس کران"۔

برج موہنَن وۄن یقینہٕ سان ''منٹو ـــــــ ژٕ وُچھتہٕ،
پگاہ چھےٚ آتھوار...... کالی کبتھ گرٛشھہِ نانو بھائی یَس مےٚ
ستیٚ ضروٗر کینٛہہ شکایتھ پاٚدٕ تہٕ فورن ژھنہِ مےٚ کڈِتھ۔
مےٚ وۄنُس ''اگر ژےٚ یہِ یقین چھےٚ تہٕ مہ گرٛشھ تَس
نِش''۔
''تہِ اَنٛد یا......سو بُلاوِ تہٕ مےٚ چھُ ضروٗر گرٛشھُن''۔
''نوکری کرٕان تھۄکُس بہٕ تہِ، ووٚنی گیہِ شےٚ رٕتھ
پیٚٹھ''۔ یہِ وٕنتھ کٔر تمیٚ اَسنہٕ ہناتہٕ دژاو۔
دۄیمہِ دوہہ چیٚیہِ تمیٚ صبح چاے تہِ دژاو باندرہ کُن۔
پیرنہِ آو سمکھتھ تہٕ مگر اَمہِ ملاقاتچ کٔرن نہٕ کانٛہہ ذکراہ۔
مےٚ پرٛژھُس ''آکھہٕ پننہِ منحوٗس ہیرانہِ سمکھِتھ''۔
''اَہن ساہ''......سُہ ووٚتھ نوکری نِشہِ میلہِ
جلدٕ ے جواب''۔ یہِ وٕنتھ ووٚتھ سُہ چار پایہِ پیٚٹھہٕ۔
وٕتھو ووٚنی کھمو کینٛہہ''۔
اَسہِ کھیۄو حاجی ہوٹلس منٛز بتہٕ مگر پیرنہِ ہنٛز وٕژھ

نۂ کانٛہہ کتھاہ۔ شونکنۂ وِزِ ووٚنُن صِرف یتے ، پگاہ وِچھوکم گُل پھولن"۔

مےٚ اُس راے کیٛنہہ گرٛھبنۂ۔ مگر دوٚیمہِ دوہہٕ آو برج موہَن خلافِ معموٗل سٹیڈیو پیٛٹھہٕ وٕلی واپس۔ مےٚ سمکھیو وتہٕ زورٕ زورٕ اوٚسُن۔

"کیٛا سا کوٚر ہیہِ جواب"۔ مےٚ دوٚپ یہِ چھُ مذاق کران۔ "تھاوساہ، یہِ گرٛھُن اوس تہِ گوو...... مےٚ کیٛاہ چھُ ووٚنی کرُن...... سیٹھ نانو بھائی چھُ کتھ تام دونکھہٕ دِہی معاملس منٛز پھسیومُت۔ تٕسنٛدِس سٹیڈیووس لوٚگ قُلف۔ میٛانہِ ژھٹہِ آیہِ تَس بچاٗرِس تہِ بلاے"۔ یہِ وٕنتھ ترٛوو برج موہنن بیٛیہِ اَسُن۔

مےٚ ووٚنُس، "وُچھ سا عجیب قصہٕ گوو"۔

"وُچھان ہے چھُکھ۔ سوٗرے چھُے عیان۔ اتھ کیٛاہ چھُ وَنہٕ نُے"۔ یہِ وٕنتھ زول برج موہنن سِگریٹاہ تہٕ کیمراہ ہتھ دژاو چکرس۔

برج موہن اوس ووٕنی بیکار۔ پوٗنسہٕ ژوٗنکھ موکلاوِتھ ہیٚتی تمیٚ بییہِ آتھوارِ دوہ مےٚ باندرہ گرٕژھنہٕ خاطرٕ أٹھ آنہٕ منگنیٚ۔ از تہِ چھُنہٕ مےٚ فِکر تران، أڈِس یادوٗنس گانٹس کمہٕ کتھہٕ اوس سُہ پیرنہِ ہٕتی کران۔ یتھہٕ کنیٚ اوس سُہ جان کلامہٕ کرن وول نفر مگر أمِس کوٗرِ ہٕتی تیمیٚ ہٕنٛدِ نخوٗستُک تَس یقین اوس، کمہِ قسمچہِ کتھہٕ اوس سُہ کران۔ اکہِ دوہہٕ پرٛژھ مےٚ تَس۔

''برج''۔ پیرنَس تہِ چھا ژےٚ ہٕتی محبت''؟

''نہ...... تَس چھُ بدل کستام ہٕتی محبت''

''تیلہِ کیاز چھےٚ ژےٚ سمکھان''؟

''تِکیازِ یہٕ چھُس ذہین۔ تسنٛز بد صوٗرتی چھُس حسین بناوِتھ پیش کران۔ کراس وأرڈ پزل چھُسَس حل دِوان گُرِتھ۔ کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ چھُسَس ینامہٕ تہِ دِیاوان۔ منٛٹوٗ ژٕ زانہٕ ہگھ نہٕ یمہٕ کورِ۔ مےٚ پرٛژھ ژٕ یمہٕ کیا چھےٚ۔ تیمِس ہٕتی. یہٕ محبت کران چھیٚہ، تَس یہٕ کمی آسہِ تہِ چھےٚ

مےٚ سمکھِتھ سنداران"۔ یہِ ونان ترٛووتُمۍ اَسُن۔ "چار سوٚپیس ہسا"۔

حأران گرٕھتھ پرٛژھس بےٚ، "تیٚلہِ کیازِ ژٕ تَس سمکھان"۔

برج موہَنَن اوٚس تہٕ عأنکَس تل أچھ ژوٚ مرأوِتھ وۄتھ "بس...... مےٚ چھُ مزٕ یِوان"۔

"کیٛتھ تہٕ کمیٛگ مزٕ"۔

"تسٕنٛدِ نحوستگ ...... بٕ چھُس امتحان ہوان تسٕنٛدِ نحوستُک ...... امتحان...... یہِ نحوست چھُ امتحانس پوٗرٕ وُتران۔ییٚلہِ تہِ مےٚ تس سمکھُن ہیوٚت۔ مےٚ اوس کامہِ پیٹھ جواب میلان...... مےٚ چھُ ووٚنۍ تماہ زِ تسٕنٛدِس نحوستس تارٕ ہا"۔

مےٚ پرٛژھس "تہِ کیا گوٚو"۔

برج موہنن وۄن سٔنجید گی سان "نوکری نِشہِ جواب میلنہٕ برٛونٛہہ ترٛاوِ ہا، یعنے یورَے وَننہٕ ہاماٗلی گَس مےٚ ترٛأو

نوکری ، پتہٕ ونہٕ ہس جناب مےٚ اُس خبر تُہ چھو مےٚ
کڈن وألی ۔ تمیٚک تکلیف دِیُت نہٕ مےٚ توہہِ کینٛہہ تہٕ
پانٔے دژاس توہہِ کوٚڈوس نہٕ کینٛہہ ۔ یہِ اُس میأنی وٕبس ،
یسٕنز نَس کیمرا ہس منٛز تتھہٕ پاٹھی نژان اُس زنتہٕ اوس
تیر"۔

برج موہنَن تژ وو اَسُن "یہِ چھےٚ میأنی اکھ لوٗکٹ
خأہش ، وِچھو پوٗر گژھیا کِنہٕ نہٕ"۔

بہٕ ووٚتھُس ، "یہِ چھےٚ عجیبے خأہش"۔

میون پرٛتھ چیز چھُ عجیبے آسان...... پُتٕر مہِ
آتھوارِ دِژ مےٚ پیرنہٕ ہِنٛدِس یارس ، یَس ہتہٕ سومحبت چھےٚ
کران ، اکھ تصویر تیار کٔرِتھ ۔ سُہ چھُ بیوقوف ۔ سُہ سوزِ
تصویر کمپٹیشنَس ، ضروٗر میلِس ینامہٕ"۔ یہِ وٕنتھ تژ ووتمیٚ
اَسُن۔

برج موہن اوس پزی بدلے کیاہ تام عجیبے انسانا۔
پیرنہٕ ہِنٛدِس یارس اُسی تمیٚ کرِ لٹہِ فوٹو بنأوِتھ دِتیٚ متیٚ ۔ یم

فوٹو اَسی السٹریٹیڈ ویکلی یَس منز چھپان۔ پیرن اَس سبٹھاہ خوش گژھان ۔ برج موہن اوس یم وُچھان تہٕ اسان۔ پیرنہٕ ہٕنٛدِس یارٕ ہٕنٛزِ شکل وصوٗرژ نِشہِ اوس سُہ ناواَقف ۔ پیرنہ اوسنہٕ تَس برج موہن زانٛہہ تہٕ سمکھو وُمت ۔ چھرا اوسنس وۄنمت سُہ چھُ کتھ تام مِلہِ منز کاٗم کران تہٕ سبٹھاہ حسین چھُ۔

اکہِ آتھوارِ آو برج موہن باندرہ پیٹھہ واپس تہٕ وۄتھ مےٚ کُن۔ "منٹو بابا...... بوز ساز گوو معاملہٕ ختم"۔

مےٚ پرٛژھس کُس معاملہٕ پیرنہٕ ہُنٛد ہا۔

"اہن سا...... پلو ہیٚتِنی موٗکلنی...... مےٚ دۄپ بلایہِ ژھُنُس یہِ سلسلہِ موکلاوَو...... انشاء اللہ وُچھ زِ ووٗنی میلہِ دوہن منز نوکری۔ دپان چھس سیٹھ نیاز علی یَس سمکھ ...... تمیٚ چھُ اکھ فلم بناوٕنک ییلانہٕ کوٚرمُت ...... پکھے گژھہ ...... یار ژٕ کرناوتہٕ تِہنٛدِ دفترُک پتہ مولوم۔ مےٚ کرنوو تِہنٛدِ د

فترک نۆوفون أ ِکس دوستس پرٛژھتھ مولوٗم تہٕ وۆنُم
برج موہنس۔ سُہ گوو دۆیمہِ دوہ تورتہٕ شامس ییٚلہِ گرٕ آو
تہٕسنٛدِس اوسۆدٕ بُتھِس پیٹھ اوس اَسُن۔ ''رٕٹو برادر منٹو
صأب''۔ یہِ وٕنتھ کۆڈُن چتدٕ منٛز ٹایپ کۆرمُت کاکزتہٕ
مےٚ کُن دِیُتُن دأرِتھ ۔ ''اکِہ فلمہِ ہُنٛد اگریمنٹ،
رہتہٕ زٕہتھ روپیہِ، کم چھا...... سیٹھ علین وۆن بُتھِہ
بڑاوو......ٹھیک چھا''۔

مےٚ اۆس '' وونی کرسمکھ پیرنہِ''

برج موہَنن اۆس۔ ''کرسمکھہِ۔ بہتہٕ اوسُس یی
سوٗنچان۔ مےٚ کرپزٕ وونی تَس سمکُھن۔ منٹو...... یارٕ مےٚ
چھُے ناژےٚ وۆنمت...... مےٚ چھُ اکھ لوُکٹ تماہ......بَس
سُہ گژھن پوٗرٕ۔ مےٚ چھُ باسان وُتاوٗلی پزٕ بم نہٕ کرٕنی۔
گوڈٕ بنِٕی ترٛےٚ ژورسوٗٹھ۔ پنٛژاہ روپیہِ دِژَن ایڈوانس۔
''رٕٹی توپنٛژہ تھاوی توٗہی''۔
پنٛژہ رژِہ مےٚ۔ ہوٹل وألی سُنٛد قرضہٕ اوس کھۆتمت۔

سُہ وول فورن نکھہٕ۔ اَسہِ ہیٚتنہٕ مأری مُندی پأٹھی دوہ
نیٚرنی۔ ہتھ روپیہِ اوٗسُس بہ زینان تہٕ رٔتہٕ ژہتھ اوس
برج موہن اَنان۔ عأش أسی۔ پانژھ رٔتھ گیہِ، ہنگہٕ
منگہٕ پیٚیہِ اکہِ دوہہ برج موہنس پیرنہِ ہنز چِٹھیاہ
وأتتھ۔ ''وولہ ساہ بابا عزرأئیل صأبُن اوٚن تشریف''۔
پرٕز چھُ یہِ ژِ چِٹھی وُچھتھ گووُمےٚ وٕہمہٕ۔ مگر برج موہَنن
ژوٚٹ لِفافہٕ۔ چِٹھی کڈٕن تہٕ پرٕن۔ اتھ اوس ژھوٚٹے
لیٚکھِتھ۔ مےٚ پرٕژھ برج موہنس ''کیٛاہ چھےٚ فرماوان''۔

''فرماوان چھےٚ، آتھوارِ دوہہ سمکھ مےٚ، اکھ
سٕبٹھاہ ضروٗری کأم چھےٚ''۔ یہِ وٕنتھ ترٕأوٚتھ چِٹھی لِفافس
منز واپس تہٕ تھأوِن چندس۔

مےٚ پرٕژھُس ''گرٕ ژھکھہٕ''

''گرٕژھُن پیٚیہِ'' اَمہِ پتہٕ لوٚگ سُہ فلمی بأتھ گیوٚنہِ۔

''مت بھول مسافر تجھے جانا ہی پڑے گا''

مےٚ وٕنس ''برج مہ گرٕژھ تَس سمکھنہِ۔ کم نُندِ بأنہٕ

دوہ چھِ نیران ۔ ژٕ ے چھےَ نہٕ خبر خدائے زانہِ بہٕ کِتھہٕ گئی
اوَسسے ژٕ ے اَٹھ آنہٕ دِوان۔"

برج موہنن اوٚس "مےٚ چھےٚ ساٚرے خبر مگر افسوس
چھُ تم دوہ چھِ ییٚہِ یِنہٕ واٚلی ییٚلہِ خدا زانہِ ژٕ کِتھہٕ گئی دِکھ
مےٚ پرٕنتھ آتھوارِ اَٹھ آنہٕ"۔

آتھوارِ دوہہ گوو برج موہنٕ پیرنہِ سمکھنہِ باندرہ۔
واپس یِتھ وۆنُن مےٚ۔ "یہِ چھےٚ بہم لٔٹھ ییٚلہِ مےٚ چانہِ
نحوستہٕ کِنی نوکری نِشہِ برطرف پیٚیہِ گژھُن ......لانتھ پیٚنی
ژٕ ے!

مےٚ پرٕژھُس، "یہِ بوٚزِتھ وۆنا تمہِ کینْہہ"

برج وۆتھ ...... "صرف یہِ زِ ژٕ چھُکھ چورتہٕ پاگل"۔

"اوٚ ژٕ چھُکھ ......"

"ہتھ فیصدی چھُکھ" یہِ وۆنتھ گر برجَن اَسنہٕ
ہنا۔ وۆنی گژھہٕ بہٕ پگاہ صُبحن دفترتہٕ واتہٕ وُنے کر استیفہٕ
پیش۔ مےٚ چھُ تی پیرنہِ لیکھِتھ اوٚنمُت۔

برج موہنن ہووٕمتٕ استیفہٕ کاغذ۔ دۆیمہٕ دوہہ
چیٖنہٕ تمٕ جلدی جلدی چاے تہٕ دوریوو دفتر ۔شامَس ییٖلہٕ
سُہ واپس پھیوٚر۔ سُہ اوس شُس گوٚمُت ۔مےٚ ہتی کرٕن
نہٕ کتھے ۔ مےٚ پیوٚوتس پرٕ ژھن۔ "کیٛاہ سا برج موہنا
کیٛاہ سپُد"۔

ناوٚمید سان ہِگلہٕ نووتمٕ کلہٕ "کینٛہہ نا یارا......
سوٚرُے قصہٕ گوٚ ختم"

"کیٛاہ مطلب"

"مےٚ پلنوو سیٹھ نیاز علی یَس کُن پنُٕن استیفہٕ، تمٕ
دیُتنم اَسان اَسان اورٕ بیاکھ دفتری خط یتھ لیکھتھ اوس۔
پتٕ مہٕ رہتہٕ پٹھہٕ آو میون تنخواہ دوٚیوٚ ہتَو پٹھہٕ ترٛٚے ہتھ
کرنہٕ"۔

پیرٕنس ہتی گیہٕ برج موہنٕنی دِلچسپی ختم تہٕ وۄنُن اکہٕ
دوہہ "پیرٕنہٕ نحوسٕت ہتی گیہٕ سوتہٕ خُتم۔ میون نحوسٕت ہتی گِندُن
تہٕ موکلیوو۔ وۄنی کُس بنہٕ مےٚ بیکار بناوٕنک سبب"۔

# رحمتہٕ خوداوندی ہٕندی پوش

اخبار زمیندارس منز ییٚلہٕ ڈاکٹر رأتھرس پیٹھ رحمتہٕ خوداوندی ہٕندی پوش وسان آسی ۔ یارو دوستو اوس غلام رسولس ڈاکٹر رأتھر لقب دِتُھمت ۔ خدا زانہٕ کیازِ، اوٕ موکھہٕ مازِ غلام رسولس اوس نہٕ ڈاکٹر رأتھرس ستی کانٛہہ واٹھ تہٕ تعلق ۔ اتھ منز اوسنہٕ کانٛہہ شک زِ سُہ اوس ترٛییمہٕ لٹہٕ ایم ۔ بی ۔ بی ۔ ایس سَس فیل گوٚمُت ۔ کتہٕ ڈاکٹر رأتھر کتہٕ غلام رسول ۔

ڈاکٹر رأتھر اوس مشہوٗر تہٕ اشتہارو ذریعہ اوس قوتِ

مردی ہندی دوا کنان تہٕ خداتہٕ رسولؐ سٕندی قسم ہاوی ہاوی اوس یمن آزماوٕتی نُسخہٕ ونان۔ یتھہٕ کٔنی اوس سُہ ہتہٕ بوٚ د روپیہٕ زینان۔ غلام رسولس اُس نہٕ تِتھن دوسن ستی کانٛہہ دلچسپی۔ سُہ اوس خاندرٕ وول تہٕ تَس اُس نہٕ قوتِ مردی تیز راون والین دوہن ہنٛز کانٛہہ تہِ ضروٗرت۔ پوٚز توتہِ اُسی تس یار دوس ڈاکٹر رأتھ رونان۔

دَوہو ستی جوأنی اٲنٛز اوس تمٕ مونمت۔ تمہِ ورأے اوس نہٕ تس کانٛہہ چارٕ باسان۔ تَس سٕندِ ن دوستن اوس تہندِ خاطرٕ یہٕ ناو پسند آمُت۔ یہ کتھ چھِ عیان تہٕ صاف زِ غلام رسولنہِ کھوتہٕ چھُ ڈاکٹر رأتھ کتہِ کور ماڈٕرن۔

ووٚنی ییہِ غلام رسول ڈاکٹر رأتھ ناوے پرٕ زناونہٕ تِکیازِ لوٗکن ہنٛز آوازٕ ے گیہِ خدایہِ سٕنٛز آواز۔ ڈاکٹر رأتھس آسہٕ کرٕ خوٗبیہِ۔ سارِوے بڈٕ خوٗبی اُسس یہٕ زِ سُہ اوس نہٕ ڈاکٹرتہٕ نہٕ اوس بنُن یژھان۔ سُہ اوس پنٛنس مألِس ماجہِ ہُنٛد تأبیدارنچو تہٕ تہنٛزی خأہشہِ پٔتھ اوس

میڈیکل کالجس منز پَران۔ ووٗنی اُس کالج عمارت تھنز
زندگی ہنز اکھ انگ بنیمِژ۔ تس اوس باسان زِ کالج چھُ تس
ہِندِس کانسہِ بُزرگہِ ہنز روزن جاے تہٕ تَس چھُ تور
دوہے سلامہِ گژھن پیوان۔

تَس ہِندِس مالِس ماجہِ اوس سخ شوٗق زِ سُہ
گوٚژھہ ڈاکٹری پرُن تہٕ تِمن اوس یقین زِ تَس چھِ اکھ
کامیاب ڈاکٹر بنہٕ ہکی کیرن۔ پنِنِس بُڈِس نیچوٚس مُتعلق
اُس مولوی صباح الدینن پننہِ آشنہِ پیشن گوئی کرمٕژ زِ
سُہ بنہِ بٲرسٹر۔ یِیلہِ سُہ ایل۔ ایل۔ بی پاس کرنہٕ پتہٕ
لندن سوزنہٕ آو سُہ آو تورِ بٲرسٹر بٔنِتھ۔ یہ چھِ بدل کتھ
زِ تس اُس بیین بٲرسٹرن مقابلہٕ پریکٹس سبٹھاہ کم۔

یوٚ دوَے ڈاکٹر رٲتھر تڑیپہ لٹہِ۔ ایم۔ بی۔ بی۔
ایس منز فیل گوٚمُت اوس۔ پوٚز تس ہِندِس مالِس اوس
یقین زِ سُہ بنہِ اَخرس بوٚڈ ڈاکٹر تہٕ ڈاکٹر رٲتھر تہٕ اوس
مالِس یوٚت فرمانبردار زِ تَس تہِ اوس یقین زِ اکہِ دوہہ

آسہِ سہ لندنکس ہارلے سٹریٹس منز بہتھ تہٕ ساری ہے دُنیہس منز آسہِ تسُند شوٗ۔

ڈاکٹر رأتھرس آسہٕ واریاہ خوٗبیہِ۔ تہٕ اکھ رٕژر اوُسس یہ زِ سُہ اوس سیوٚد ساد۔ مگر سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ عأب اوُسس یہ زِ سُہ اوس شراب چوٗان تہٕ سُہ تہِ کُنہٕ زوٚن۔ گوڈٕ گوڈٕ کرٕ تمۍ کوٗشش زِ بس کُنہٕ زوٚن آسہٕ چوٗان تہٕ کأنسہِ یارس دوستس ستی چیٚیہِ نہٕ مگر یارو دوستو ہیوٚت سُہ سیٹھاہ تنگ کرُن۔ مگر تمن ننیو تسُند ٹھکانہٕ تہٕ سیواے بارس، منز اُسی تم ستہِ بجہِ واتان تہ مجبوٗرن اُسی بچأرس ڈاکٹر رأتھرس تم پانس ستی چاوٕنی پیوٗان۔ تم اُسی تسٕندی گیت گیوٗان تہٕ تسٕندِس مُستقبلس مُتعلق بجہِ بجہِ کتھہٕ کران۔ سُہ اوس نِشس منز آسان تہٕ یمہٕ کتھہٕ بوٗزِتھ اوس سیٹھاہ خوش گژھان تہٕ اَتی اوس چندٕ دِتھ نیران۔

پانژھ شبہٕ رٕتھ موکلیہِ تِتھے گٔیہ۔ تس اُسی زٕ ہتھ

روپیہ رہتہٕ پأٹھی مأنِس نِشہِ میلان ۔ روزان اوس الگیے ۔
مکانس آسُس ؤہ روپیہِ کرایہ دِنہِ پیوان ۔ دوہ أسِس
جان گزران نتہٕ لگہٕ ہن رأتھر ہنٛز آشنہ فاقہٕ ۔ اما پوٗز
توتہِ گوس اتھہٕ تنگ تِکیازِ تَس أسی یار دوس شرابہٕ چاوٕنی
پیوان ۔

تِمن دوہن اوس شرابہٕ بڈٕ سرٛوٗگ ۔ أٹھن
روپین أس بوتل تہٕ اِدٕ اوس ژورَن روپین تہٕ أٹھن آنن
میلان مگر پرٛتھ دوہ اَدٕ اَنُن یہ اوس ڈاکٹرس کُیت گوٚب ۔
سوچان اوس گری چمہٕ مگر یہِ کتھ أس نہٕ سہل ، زنان ہێیہِ
ہَس طلاق ۔ تِس أس نہٕ خبر زِ تِسُند روٗن چھُ شرابس لور ۔
تِس أس شرابن ہنٛز سخ نفرت ، نفرتےٚ یأژ نہٕ بلکہِ أس
شرابن کھوژان ۔ کأنٛسہِ ہے ووزجہِ أچھ وُچھ ہے تہٕ
کھوژان أس ۔ ڈاکٹر صأبس أس أمِس شخصہٕ ہنٛزن
أچھن متعلق ونان زِ أمِس ہکِژ ووزجہِ آسہٕ ...... باسان
اوس یہِ چھُ شرأبی ۔

ڈاکٹر رأتھر اوس دِلہٕ منٛزٕ سونچان زِ یێلہٕ یہ
چھوان چھُ، أمِس کرٛشہِ چھےٚ پانس أچھ گژھان۔ أچھن
ماپھُٹس ووزجار کھسان۔ کیاہ أمۍ ہنٛزٕ زنانہٕ آیہِ نا
ونیگتام أہنزِ ووزجہِ أچھ لبنہٕ۔ تٔمۍ سند رازٕ کتیٚس کالس روزِ
ژھایہِ۔ أمِس آسِہس ضرور مُشکِل یوان۔ تسنٛزٕ آشنہِ
کیازِ آونہٕ زانہہ امیُک مُشک۔ پتہٕ اوس سونچان نہ بہ
چھُس سبٹھاہ احتیاط کران بہٕ چھُس أس ہورگُن
تھٔوۍتھٔوۍ لتس ستۍ کتھہٕ کران۔ اکِہ دوہہٕ پڑژھیوٚ وے
تمہِ ژےٚ کیازِ چھے أچھ ووزجہِ۔ اِ مےٚ دوٚپمس گردِ
ستۍ۔ تِتھے گٔژ پڑژھیون اکِہ دوہہٕ یہ کیُٚتھ مُشک چھے
یوان۔ مےٚ ڈٲجۍ یہ وٕنتھ از چیوو مےٚ سِگار۔ بلاے
ژھنٛس اتھ چھُ بڈٕ مُشک آسان۔"

ڈاکٹر رأتھر اوس کنےٚ زوٚن چھِنک عادی۔ تس
اوس نہٕ بیٚیہٕ کانْہہ بکار۔ سہ اوس کنجوٗس تہٕ چندِ تہِ اوسُس
نہٕ یارَن دوستن ستۍ بہتھ چھِنس اجازت دِوان۔ سبٹھاہ

سونچُن زِ کانٛہہ وَتھاہ گرٛژھ نیرِنی زِ سوٗرُف تہٕ مرِ ہے تہٕ لوٗر تہِ بچہِ ہے۔ مسلہٕ گوٚژھ اَمہِ انمانہٕ حل گرٛژھن زِ سُہ آسہِ ہے گری چھوٚان۔ یور ینس کرٕہن نہٕ تسنٛدی یار دوس جُرت۔

ڈاکٹر رٲتھر اوسنہٕ پوٗرٕ ڈاکٹر۔ اماپوٚز ڈاکٹری ہنٛد ہن کینژھن چیزن ہُنٛد اوسُس پے۔ تَس اوس پے زِ دوا چھُ بوتلن منٛز دِنہٕ یوان تہٕ تِمن پیٹھ چھُ اکثر یہ لیٚکھتھ آسان ''شیک دی بوتل بی فور یوز'' اَمہِ سۭتی گیہ تسنٛدِس ذٕہنس منٛز ترکیب پٲدٕ۔ سونچتھے کوٚر تٔمی فٲصلہٕ زِ سُہ آسہِ ووٚنی گری چھوٚان۔ ژیٚنہ تہِ بچہٕ تہٕ کباہہٕ تہِ۔ دوا بوتلہِ منٛز آسہِ سُہ شراب ترٲوِتھ تھاوان تہٕ زنانہٕ آسہِ ونان زِ تس چھُ کلہٕ دود تہٕ تسندی ووستاد ڈاکٹر سید رمضان علی شاہن چھُ پننہِ اتھہِ یہ نُسخہٕ دیُتمُت تہٕ ووٚنمُت چھُن پرٕتھ شامس گرٛژھِ پنٛداہہِ پنٛداہہِ منٹہِ پتہٕ اکھ ڈوز آبس سۭتی رلٲوِتھ چیوٚن۔ انشاء اللہ شفا میلہِ۔

یہ ژھل کڈنس پٹھ گوو ڈاکٹر رأ تھر سٹھاہ خوش۔ پننہِ زندگی منز باسیووتس گوڈنچہ لٹہِ زنتہٕ چھُ تمٕی نۆوامریکہ دریافت کۆرمُت۔ صُبحأے وُتھِتھ وۆن تمٕی پننہِ آشنہِ ''نسیمے از چھُ مےٚ سٹھاہ کلہٕ دودٕ''...... باسان چھُم کلہٕ پھٹہِ''۔

نسیمن وۆنُس بانبرِ تھ'' ازمہٕ گرٛھو کالج''

ڈاکٹر وۆتھُس ''چأری أزی پزِ مےٚ ضروری گرٛھُن...... ڈاکٹر رمضان علی شاہ صأبس وَنہٕ۔ تسنٛدِس اتھس چھُ بڈٕ شفا''۔

''اَدِ ساتہٕ تیٚلہِ گرٛھ ضرۆر...... میون تہِ وُنی زٕبس''، نسیمس اُس اکثر بےٚ گنڈ ماہوأری ہنٛز شِکایتھ روزان۔ تتھ ہتی اُس نہٕ ڈاکٹر رأ تھرس کانٛہہ دلچسپی مگر توتہِ وۆننس ''اچھا گرِ کتھ...... مگر مےٚ زن باسان مےٚ دِیہِ سُہ ضرور کانٛہہ ٹیوٚٹھ تہٕ بدبودار دوا''

ژٕ ہے چھُکھ پانہٕ ڈاکٹر۔ دوا ما چھُ مٕدر مِٹھأے

آسان۔
ٹھیک ہے چھُ مگر بدبوٗ دار دَوٕہن ہِتی چھِ مے
نفرت"۔
"گرٕھ وُچھتہٕ کیٛتھ دوا دِیِ۔ ژٕ کتھ چھکھ وُنی
کہِ پیٹھے یہِ ونان"۔
"اَدِ سا" وٕنتھ دڑاو ڈاکٹر رأے تھر کلس موٗٹھ دِوان
کالج۔ شامس آوسہٕ بوتلہِ منٛز وِسکی ترأوِتھ تہٕ ووٗتھ پننہِ
زنانہِ کُن۔ ووٗن مے نہٕ ڈاکٹر رمضان علی شاہ لیٛکھہِ سہٕ دوا
یُس سبٹھاہ ٹیوٗٹھ تہٕ بدبوٗ دار آسہِ...... رَٹھ ہیس مُشک
"بوتلہِ کارک ژُلتھ نِیہٕ تمی بوتل زنانہِ نستہِ ہِتی۔ تمہِ ہِتھے
مُشک ہیوٗت سوٗژٕ ج۔ اُف...... اَتھ چھُ پھکھ یِوان"۔
"ووٗنی گُس چیٛیہِ یِتھ دوا"۔
"نہَ...... نہَ...... ضرور چھہ۔ کلہٕ دود کتھہٕ کنی ژٕلہِ
پانے ہیے ژٕلہِ"۔
"پانے کتھہٕ کنی ژٕلہ...... یوٗ ہے چھے ژٕے بوٗڈ

عٲب۔ دواچھُکھ انان تہٕ پتہٕ چھُکھ نہٕ چوانٕے"۔

"یہ چھا کانٛہہ دوا...... یِہ چھُ یوٚہے شرابہٕ ہیوٚ

باسان"۔

"ژےٚ چھےٚ خبر انگریزی دوہَن منٛز چھُ شراب

آسان"۔

"لانتھ تِتھِن دوہَن"۔

ڈاکٹر راٗتھرن زنانہِ تِتھےٚ دوہکھ ڈوزوٗ چھ، سوٚ گیہِ

حٲران ، یوٗت بوٚڈ ڈوزوٗ چھِتھ" ڈاکٹر راٗتھرن کھاٗج

تالہِ نَس۔ یہ گوٚ مصیبت"۔

"ژٕ مہٕ کروٗنی مصیبت مصیبت ......خدایہ سُند ناو

ہیتھ چیہِ گوٚڈنیک ڈوز......آب کوٚتاہ چھُس ترٛاوُن"۔

ڈاکٹر راٗتھرن نِیہِ زنانہِ ہِندِ اتھہٕ منٛز بوتل تہٕ ٲلی

بدلِی ہاوان ووٚتھ سوڈا پییہِ انہٕ ناوُن...... بدٕلے

دوا......آب نہٕ سوڈا"۔

یہ بوٚزِتھ ؤژھس نسیمہٕ "سوڈا آسہِ نَے اِ خاطرٕ

وۆنمت۔ معدٕ تہٕ چھے ناژےٚ خراب"۔

"خدا زانہِ کیاہ چھُ خراب" یہِ وٕنتھ

پھیُر ڈاکٹر راۤ تھرن اکھ ڈوز گلاس منٛز" واللہ

بہ نے چھے"۔

زنانہِ تھوٗوس لولہٕ سان اَتھہٕ پھیکِس پٹھ" نہ َ۔

نہ َ۔ چھبہ۔ نَس کر بنٛد......بہٕ چھَس یتھے کٔنٛز فیورمکسچر

چھوان"۔

نٔخرٕ کٔری کٔری چیوو ڈاکٹر راۤ تھرن شامُک گوڈنیک

پیگ۔ زنانہِ کوٚرُس شابش تہٕ وۆننس۔

پنداہہِ منٹہِ گوٚو دوٚیم ڈوز۔ خداین ہے یوٚژھ

دٔسی تی گژھِ دود دوٚر۔

ڈاکٹر راۤ تھرن کوٚر یہِ فندتمہِ طریقہٕ زِ تَس باسیوٕ ے

نہٕ زِ تٔمی چیٚو دوا بدلہٕ شراب مگر ییٚلہِ کلہٕ آورونس، تٔمی اوٚس

دِلہٕ منٛزی۔ گژھِ چال اۤس۔ زنانہِ پھرُس پنداہہِ منٹہِ

گلاسس منٛز بیا کھ ڈوز۔ بیٚیہِ ترٛ وونس سوڈا تہٕ اوٚنُن ڈاکٹر

رأ تھرس بروٚنہہ کُن ۔ رٔژو دوٚیم ڈوز۔ تیُتھ خراب مُشک
تہِ چھُس نہٕ"۔

ڈاکٹر رأ تھر ووٚ تھس گلاسہٕ رٹان بدلی سان...... یا
گوٚژھے دیوٚن چیوٚن...... خدایس پتھ ہے شراب
مُشک...... مُشک ہیس تہٕ وُچھ۔

"ژٕ چھکھ برابر میأنی پأٹھی ضد کران"۔

"نسیمہٕ، خدایس پتھ اگر ضد کران چھُس...... ضد
کرنک چھُنہٕ سوالے مگر۔ خأر ٹھیک چھُ یہِ وٕنتھ ژُل
ڈاکٹر رأ تھرن گلاسہٕ تہٕ فٹافٹ موٗرن شامُک دوٚیم پیگ۔

ترٛے ڈوز گییہِ ختم۔ ڈاکٹر رأ تھرس گییہِ فرق مگر پگاہ
آو بییٚلہِ کلہٕ دود ہیتھ۔ زنانہِ کُن ووٚتھ۔ ڈاکٹر سید رمضان علی
شاہن ووٚن دود گژھِ وارِ وارِ دوٗر مگر دوا گژھِ جأری
تھاوُن۔ خدا زانہِ کیاہتام ووٚنُن بیمارِ ناو ۔ دوٚپن اگر
موموٗلی کلہٕ دود آسہِ ہے ژٕ ے ڈوز چیتھ گژھہے دوٗر۔ مگر
چون مسلہٕ چھُ ہنا سیرِیَس"۔

یہِ بوٚزِتھ ؤژھ نسیمہٕ بانبرِتھ۔ ژےٚ پیٚیی دوا باقائیدٕ چیوٚن۔ بہٕ کیاونےٚ ژٕ ہرگاہ وقتس پیٹھ دِوان روزکھ تہٕ قہرِ درویش برجانِ درویش بہٕ تہِ روزٕ چھوان۔ نسیمن اَمن دیُتس اکھ ڈوز سوڈا ہس ستیٚ رلاوِتھ۔ تس ژاو مُشک نستہِ تہٕ دروکھ لُجس پنہِ۔ مگر خاندارس بووٗن نہٕ کینٛہہ۔ کھوٚژُس ماکرِ چھنس انکار۔

ڈاکٹر راٗتھرن چینہِ ترٛےٚ ڈوز زنانہِ ہنٛد زورٕ۔ سو اَس بڈٕ خوش زِ تسُنٛد خاندار چھُ تسُنٛد مانان تِکیازِ ڈاکٹر راٗتھر اوس زنانہِ ہنز کتھ مانٛنس منز بدنام۔

کیٚتی دوہ گیہِ ڈوز چینٛکی تہٕ چاوناوٕنکی سلسلہٕ روٗد ی چلان۔ ڈاکٹر راٗتھر اوس سخ٘ت خوش زِ تسنٛز ترکیب گیہِ فایدٕ مند ثابت۔ تَس روٗد نہٕ یارن ہُنٛد کانٛہہ تہِ خدشہٕ یا خوف۔ پرٛتھ شام اوس ووٚنی گری گذران۔ اکھ ڈوز اوس چھوان تہٕ لرٛ تراٗوِتھ اوس افسانہٕ پرُن شروع کران۔ دوٚیم ڈوز اَسس زنان پنداہہِ منٹہِ پتہٕ تیار کٔرِتھ انان۔

یتھے گٔژی اوس ترٛ یٖیم ڈوز منگنہٕ روٗ سُتے واتان۔ ڈاکٹر راتھر
اوس ووٚنی بے حد مطمئن ۔ دوہ گنڈرنس ستی اوس اَمِس تہٕ
اَہنزِ زنانہِ خاطرٕ یہ دواچوٗن اکھ معموٗل بنیومُت۔
ڈاکٹرِ راتھر اوس ووٚنی پورٕ بوتل ہتھ آمُت۔ اتھ
لیبل ژُلتھ اوس تمِ پننہِ زنانہِ ووٚنمُت " دوا گٔژھن وول چھُ
مے دوس۔ تمِ دوٚ ہنم ژٕ چھکھ پرٛتھ دوہہٕ ترٛےترٛے ڈوز
نِوان یتھہٕ گٔژی چھُے دوا دژوگ پھوان ۔ ژٕ نہِ بڈٕ بوتل ۔
اَمہِ منٛزٕ آس ترٛے ڈوز واجنہِ بوتلہِ منٛز پرٛتھ دوہ ترٛے
ڈوز پھران ۔یتھہٕ کنہِ یِیہِ دوا سستہٕ۔" یہ بوٗزِتھ گیہِ
نسیمہٕ خوش زِ نفا آو۔ ڈاکٹر راتھرتہِ اوس خوش زِ کینٛہہ
پوٗنسہٕ بچیہِ تِکیازِ دوہے ترٛے پیگ مُلی اَننہٕ ستی آسی تس
زیادہ پوٗنسہٕ دِنی پھوان تہٕ یتھہٕ گٔژی اَس بوتل اُٹھن روپین
میلان۔
کالجہِ پتھٕ یِیلہِ اکہِ دوہ ڈاکٹر راتھر گرٕ واپس
دوت تمِ وُچھ زنان ڈاف ترٛاوِتھ ۔ ڈاکٹر راتھر ووٚتھُس

"نسیمے بتہٕ لاگ، سخ بوچھِ لٔج"۔ نسیمہٕ وٕژھس بدلے آیہ بتہٕ کیٛاہ بتہٕ کیٛوتھ ناژے" "نہٕ ......وُنہِ کتہٕ۔

نسیمن ووٚنس زیٛھر اوتھِ نہ ......ژے کھیٛوتھ ......

مے ہے شِشیٛوٚ رمَے۔

ڈاکٹر راتھر گو حاٛران تہٕ پرٚژھنس۔ کرِ دِتُتھ۔ بہٕ چھُس ووٚنی کالجہِ پیٛٹھ یوان"۔ نسیمن کوٚڈ کارڈ تہٕ زامن گٔرنی۔ "اَپُز ......ژِ نے اوسکھ کالج گوٚمتُے"۔ ڈاکٹر راتھرس گٔیہِ راے زِ نسیمہٕ چھےٚ مذاق کران۔ تمٔ کٔر اَسنہٕ ہنا۔ "ووٚتھ تھوٚد، بتہٕ شیر۔ سخ بوچھِ لٔج"۔

نسیمن دیُت بیٛہِ تہِ زیٛوٚٹھ لرِ پھیُر۔ "نہٕ کٔرِتھ وٕژھس ژِ چھکھ اٚکتھے ونان۔ مےٚ کھیوو نا ژے ستی بتہٕ" ......

کر؟ ......ونان کیا ژِ ...... تھوٚد ووٚتھ ...... مذاق مہٕ کر۔" یہ وٕنتھ گٔر ڈاکٹر راتھرن زنانہِ نرِ تھچھ خدایس پیٛٹھ چھِ مےٚ یٔڈ منز گگر دوران"۔

نسیمن تڑوو اَسن کھنگالہٕ۔ ''گگر...... الے......
تیلہِ کھسکھ یِمے گگر...... کھوان کیازِ چھُکھ نہٕ؟''

ڈاکٹر رأتھرس گو تأجُب یہ کیا ونان'' کیا گوٚے
ژٕے''

نسیمہٕ گیہ سنٛجید ہِش تہٕ ڈٕکس اتھِ دِتھ وٕژھ پننس
خاندارس۔میٚہ...... میٚہ...... کلس...... کلس اوٚسم دود۔تہٕ
...... تہٕ...... چانہِ دوا منٛزٕ...... زٕ...... زٕ ڈو...... ڈوز......
ڈوز چیٚیم۔ گگرو...... گگرو ٹُل توس یمن اَن گگر دوا......
کھمن...... یِیہِ کیاہ...... بتہٕ...... بتہٕ...... دِمے''

ڈاکٹر رأتھرن ووٚن صرف پننہِ زنانہِ ژٕ شونگ،
مےٚ چھُ کھیوٚمُت۔ نسیمن اوٚس بڑ۔ وُچھ بہٕ ما اُسسَے اپز
ونان۔''

ڈاکٹر رأتھرتوٚر بےٚ چین گرٕھتھ بیٛس کُٹھِس
منٛز۔ اَتہِ ٹُلن اخبار زمیندارُک اکھ تازٕ شمارٕ اتھس کیتھ تہٕ
یتھ خبرِ پیٹھ پییس نظر۔ ''ڈاکٹر رأتھر پر رحمت خداوندی

کے پھول'' اَتھ تلہٕ کنہِ اوس لۍکھتھ پُلسن کوٚر سُہ دونکھہٕ دِنہٕ کِس سلسلس منٛز گرفتار۔

غلام رسول عرف ڈاکٹر رأتھرن کوٚر یہ خبر پُرٕتھ محسوس زِ تس پیٛٹھ چھِ رحمتِ خداوندی ہٕنٛدی پوشہ پیوان۔



# ساڈۍ ترۍ آنہٕ

مےٚ کیازِ کوٚرٕ قتل تہٕ أکِس انسانہٕ ہٕنٛدِ خوٗنہٕ کیازِ رٕنگِم اتھہٕ۔ یہ چھےٚ اکھ زیٛٹھ داستان۔ یوٚ تام نہٕ بہٕ امیُک حُسن وقبوٗح توہہِ باوٕ، توہہِ ترنہٕ فکرِ۔ مگر وُنی کیٛن چھِو تُہہ جُرم وسزاہ کِس تہٕ انسان تہٕ جیلکِس موضوعس پیٹھ کتھ کران تہٕ چوٗنکہِ بہٕ چھُس پانہٕ جیلہٕ روٗدمُت، توٕ کنٛہ ہیکنہٕ میانۍ راے غلط أستھ۔ بہٕ چھُس منٹو صابس ستی پورٕ اتفاق کران زِ جیلہٕ ستی چھُنہٕ مُجرم سدان تہٕ یہ پزر چھُ تیٛزِ لٹہِ ورتاونہٕ آمُت زِ یہ وَنُن چھُ کُنہِ محفلہِ منٛز لِتھہٕ.

نو وُمت تہٕ لڑٕھ گوٚمت مزاق باسان۔ تہٕ تأجب چھُ زِ

یہِ حقیقت زأنتھ مأنتھ تہٕ پرٕز نأوِتھ چھِ ساسہٕ بٔدی جیل

خانہٕ موجوٗد۔ ہتھکرِ تہٕ رُسوا زد بڑیڈ...... مےٚ چھُ قانونک

یہ زیور ءکرٕ لٹہِ لوگمُت۔

یہِ وٕنتھ ترأو رضوین مےٚ کُن نظراہ تہٕ کُملأوِنی

وُٹھ۔ تسٕند بن حبشی ہوٚبن وِتھٕن وُٹھن أنٛج عجیب

پھِسراے۔ تسنٛز نچہِ أچھ یِمہٕ دوٚری قأتلہٕ سنٛزٕ أچھ

باسان آسہٕ، زوتیہِ ہشہِ۔ أسی گے حأران ییٚلہِ تٔمی

سانٛین کتھن منٛز پننی کتھ رلأو۔ اَسہِ نزدیکے کُرسی پیٹھ

بہتھ اوس سُہ کریم کأفی چوٚان۔ ییٚلہِ تٔمی کتھ کُرِتھ پنُن

تعارُف کوٚر۔ اَسہِ پیٚیہِ تم سأری قصہٕ یاد یم تسٕندِس قتل

کرنہٕ کِس وأری دأتس ستی وابستہٕ أسی۔ وادٕ معاف گواہ

بٔنِتھ کتھِ کِنی اوس تٔمی پنُن پان تہٕ پننی دوس پھٔہِ نشہِ

بچأوِی متی۔

سُہ اوس اَمی دوہہٕ ترٛاونہٕ آمُت۔ مُہذب پأٹھی

ووٚتھ مےٚ گُن۔ معأفی دِزِ بو منٹو صأب...... تہُنزن کتھن
ہتی چھُ مےٚ بڑٕ واٹھ"۔ أدٕب تہٕ چھُس نہٕ مگر یہٕ کینٛژھا
تہُنزِن کتھَن ہُنٛد لوٗبہٕ لُباب چھُ، تتھ پٹھ ہیکہٕ بہٕ کھنڈی
پھُٹِ زبأنی منٛز کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ضروٗر روٗنتھ"۔ اَمہِ پتہٕ ووٚتھ،
مےٚ چھِ صدیق رضوی ونان۔ لنڈا بازرٕ یُس قتٕل گوٚو۔
بہٕ تہِ اوسُس تتھ منٛز پھٔسِتھ"۔

مےٚ اوس سرسری پأٹھی اتھ قتلس متعلق پوٚرمُت مگر
ییٚلہِ صدیق رضوین پنُن تعاوُن کوٚر، سارے اخباری
خبرٕ آیہِ مےٚ أچھن تل۔

سانہِ کتھِ ہُنٛد موضوٗع اوس یہِ زِ جیل ہیٚکیاہ مُجرم
سُنٛد اصلاح کٔرِتھ۔ اَمہِ کتھِ ہتی اوس مےٚ باسان زنتہٕ
چھُس بہٕ پھیوٚرمُت بتہٕ کھٔوان۔ رضوین ییٚلہِ ووٚن زِ یہِ
کتھ چھےٚ تیژِ لٹہِ پھِرنہٕ آمٕژ زِ باسان چھُ یہِ چھُ لڑھِ
گوٚمُت مذاق ہیوٚ۔ مےٚ گوٚو اَمہِ ہتی تسلی تہٕ باسیوم زِ
رضوی زَن چھُ میانہِ کتھِ ہنٛخیالٕچ وکالت کران۔

کریم کافی ہُنٛد پیالہٕ ختم کٔرِتھ لوٚگ رضوی پننیوٚ خمار برٛژو نچو أچھو مےٚ کُن وُچھنہِ تہٕ سنجیدگی سان وۄتھ۔ منٹو صأب انسان کیازِ چھُ جُرم کران۔ جُرم تہٕ سزا کیاہ چھُ۔ مےٚ چھُ اتھ پٮ۪ٹھ واریاہ سوٚنچمُت۔ میأنی کِنی چھےٚ پرٛتھ جُرمَس پتہٕ کیٛنہِ کانٛہہ دٔلیل آسان۔ زندگی ہُنٛد اکھ اہم قصہٕ، بوٚڈ وَرل تہٕ ہوٚل۔ بہٕ چھُس نہٕ ماہرِ نفسیات۔ اما پٔزٕ ہن چھُم خبر انسان چھُنہٕ جُرم کران۔ حالات چھِ کرناوان۔

نصیر وۄتھُس ’’تُہۍ چھِوٕ پوٚز ونان‘‘۔

رضوین اَنہٕ نأو بیٚیہِ کأفی تہٕ وۄتھ نصیرس کُن ’’کیاہ وَنہٕ جناب، مگر یہ کینٛژھاہ مےٚ عرض کوٚرتمیٚک چھُ مےٚ مشأہد۔ نتہٕ ہے بوزوٕ یہِ موضوع چھُ بڈٕ پرٛیون، میأنی کِنی چھُ وکٹر ہیو گوَ ن یُس فرانسک مشہوٗر ناول نگاراوس...... کیٛنہٕ کتیُک اوس تہِ آسہِ توٚہہِ زیادٕ خبَر، چھُن مُجرم تہٕ سزاہس پٮ۪ٹھ واریاہ لیوٚکھمُت۔ مےٚ چھِ تسندی

لیٚکھِمٕژ کینٛہہ جُملہٕ یاد'' وٲتھ مےٚ کُن '' منٹو صأب شاید
چھُ تہنٛدِ ترجمہٕ ۔ کیاہ اوس؟......سو ہیرمہٕ تھأوِ،
تھوٚدٕ تٔلِو یوسہٕ انسانس جُرمس تہٕ مصیبتس کُن نیہٕ ۔ ہستی
چھُس سونچان یہ کوسہٕ ہیر چھےٚ تہٕ اتھ کٔژ پأوی چھِ ۔

کینٛہہ تہِ وٕنی تو، یہ ہیر چھِ ، ضرور چھِ ، اتھ چھِ
پأوی تہِ ۔ یوٚ تام میانہِ سوچنٛگ تُولُق چھُ اتھ چھِ بے شمار
پأوی یمن ہُنٛد شمار کرُن تہٕ یم گنزراوٕنی چھِ بڈٕ کأم ۔
منٹو صأب حکومتہٕ چھِ راے شمأری کرناوان ۔ گنزرنہٕ تہٕ
شمار کرنچہِ کامہِ کران ۔ رنگہٕ رنگہٕ شمار کران ۔ اَمہِ ہیرِ ہٕنز
شمار کرنٕچ کأم کیازِ نہٕ کران ۔ یہ چھُنا تِہُنٛد فرض ۔ مےٚ کوٚر
قتل ۔ اما اَمہِ ہیرِ ہٕندی کٔژ پأوی کھٔسِتھ کوٚرُم ۔ حکومتن
بنوٚوُس بہٕ وادٕ معاف گواہ، اِو باپتھ بنوٚہس تِکیازِ قتلُک
ثبوت اوِس نہٕ تِمن کینٛہہ ۔ مگر سوال چھُ یُس گوناہ میانہِ
ڈٕسی سپُد تمِچ معافی کس منگہٕ بہٕ ۔ تِمن حالاتن یا یِمو بہٕ قتل
کرنس پیٹھ مجبوٗر کوٚرُس ۔ ووٚنی چھنہٕ مےٚ سُہ حال ، تتھ

گُز ریمتِس گوٚ وا اکھ ؤری یعنے ووٚنی چھِ تم مےٚ نِش اکھ ؤری دوٚر بُتھ ژٔ کرِتھ مےٚ کُن وُچھان......، ووٚنی منگا بہٕ اتھ وُریبکِس دورس کِنہِ حالاتن ہِنٛدِس بُتھ ژٔ کرِتھ وُچھنَس معأفی''۔

أسی روٚ دی رضوی ہنٛزٕ کتھِ دِل دِتھ بوزان۔ سُہ اوس نہٕ پوٚ رمُت لیوٚکھمُت باسان مگر کتھِ تلہٕ اوس فِکرِ تران زِ سُہ چھُ پوٚرمُت لیوٚکھمُت تہٕ کتھِ ہُنٛد تُلہٕ ترٛاو چھُ زانان۔ مےٚ تہِ آسہِ ہے تَس یورٕ کینٛہہ ووٚنمُت اما پوٚز بہٕ اوسُس یژھان زِ سُہ گوٚ ژھ کتھ کران روزُن، بہٕ بوزٕ ہا،۔ توے ٹُل نہ مےٚ وُڈھہٕ پیٹھہٕ وُڈھ۔

تَس کِرٛژھ آس بیٛہٕ کأفی وأ ژمژ تہٕ سو ملأ وِتھ أسی تمی زٕ ترٛے دام چیمٕتی تہٕ ووٚ تھ۔ خدا زانہِ بہٕ کیٛاہ بکواس چُھس کران مگر میأنِس ذہنَس منٛز چھُ پزٕ تھ وِزِ أ کِس شخصہٕ سُنٛد خیال آسان۔ تَس شخصہٕ سُند، تَس ڈوَن ڈوٚ نبہٕ سُنٛد یُس اَسہِ ستی جیل اوس۔ تَس اوس ساڑٕ ترٛے آنہٕ

ژۆر رِنٛس پٮ۪ٹھ اکہِ ؤری یٛک سزا دِنہٕ آمٕت۔

نصیرن پرٛژھُس حاَران گژھتھ "صرف ساڑٕ ترٛے آنہٕ ژۆر رِنَٛس پٮ۪ٹھ"؟

رضوین ترٛوو ترٛن ووش تہٕ دۆپنس۔" اوٕ صرف ساڑٕ ترٛے آنہٕ ژۆر رِنَٛس پٮ۪ٹھ...... یِم تہِ زَن پتہٕ تس نصیبہِ أسی نہٕ...... تِکیازِ سُہ آو پتہٕ رٹنہٕ تہٕ یہِ رقم رۆز خزانس منٛز محفوظ تہٕ پھگوڈوَن ڈۆنب بٮ۪ہِغاَر محفوظ۔ بنان چھُ سُہ یہِ پگاہ بیٚیہِ رٹنہٕ، بنان چھُ یُڈ کرِتس پگاہ بیٚیہِ مجبور، بنان چھُ یٚیتہِ سُہ گرٛۆمُت پازان اوس تتہِ ہیٚکہِ نہٕ سُہ تنخواہ نِتھ، بنان چھُ یٚیتہِ سُہ تنخواہ نوان اوس، تِمن آسنہٕ پٔنٕن تنخواہ میۆلمُت۔ منٹو صاَب بنان چھُ، بنان چھُ، کیٛاہ بنان چھُ یہِ سلسلے چھُ عجیب۔ پۆز بۆزِو یِتھ دُنیہس منٛز ہیٚکہِ پرٛ یِتھ کیٛنٛہہ سپدِتھ...... رضوی ہٕنٛدِ دٕسیِٕ قتل تہِ"۔

یہِ ؤنِتھ گۆو سُہ کینٛژَس کالس دَم پھٹِ ہیوٚ۔ نصیر وۆتھُس "تِہی آسی وِ پھگوڈۆنبہٕ ہنٛز کتھ کران۔

پننٕ موچو گونڑھو پتھ رسالہِ ستی کأنی وۄتھراوان وۄتھ رضوی ژۄ رآسنہٕ کنہ تہ......یانے سہ اوس ناقونون چھن نظرن منز ژۄر۔ مگر سانہن نظرن منز اوس سہ پۄرٕ ایماندار۔ خدایس پتھ اگر مےٚ لتس ہیوٚ (ازتام) ایماندار وُچھمُت چھُ۔ بے شک أسی تمی ساڑ ترٛے آنہٕ ژۄرِ ٕتی نِمتی۔ تٕمے اوس عدالتس صاف وۄنمُت۔ اِ مےٚ کُر ژۄر۔ مے چھُنہٕ پننہِ طرفہٕ کانہہ گواہ پیش کرُن۔ بہٕ اوسُس دون دوہن ہُنٛد فاقہٕ تہٕ مجبوٗرٕن پیوو مےٚ کریم ہرٕنس چندنس اتھہٕ تراوُن۔ مےٚ آسہٕ تمِس پانژھ روپیہٕ نِنہٕ...... دون رتن ہُنٛد تنخواہ...... جناب لتس تہِ اوسنہٕ کانہہ خطا۔ لتس أسی خریدار وسلایہٕ ہندی پوٗنسہٕ کھیمتی...... جناب، مےٚ چھےٚ ییمہِ بروٗنہہ تہِ ژۄر کُرمٕژ۔ اکہِ لٹہٕ آسہٕ مےٚ میم صأبہٕ ہنٛدِ بٹوٗ منز داہ روپیہٕ کُجمٕژ، اتھ پتھ اوس اکھ رتھ سزا لۄگمُت۔ امہِ پتہٕ اوسُم ڈِپٹی صأبنہٕ گرِ روپہٕ سُنٛد تماشہٕ ژۄرِنیوٗمُت......تکیازِ بچس اوسُم نموٗنیا تہٕ ڈاکٹر اوسُم

سبٕٹھاہ فیس منگان ...... جناب بہٕ چھُس نہٕ توہہٕ اپُز
ونان...... بہٕ چھُس نہٕ ژوٗر...... مےٚ اَسی تِتھی حالاتٕ گمتی
یمو کنٕز مےٚ ژوٗر کرٕنی پییہٕ...... تہٕ حالاتھے اَسی تِتھی زِ بہٕ
آس رٹنہٕ...... میانہِ کھوتہٕ چھِ بٔڈی بٔڈی ژوٗر موٗجود مگر
ونیگتام آیہٕ نہٕ تِم رٹنہٕ...... جناب ووٗنی نہ روٗد مےٚ نِکہٕ تہٕ
نہ روٗزِم آشٔنی ...... مگر افسوس چھُم یہِ زِیَڈ چھُم وِنہ۔ یہ
مرِ ہے تہٕ سوُرے جنجٹ گژھِ ہے ختم ،حضور مےٚ کٔرِو تو
معاف۔ مگر حضوٗرن کوٚر نہٕ تَس معاف...... سٔنی ژوٗر
زٲنتھ دیُت نس اکھ ؤری سزا۔

رضوی اوس سبٕٹھاہ بےٚ پرواپاٹھی ونان۔ کُنہِ تکلفہٕ
تہٕ کُجِد گٔری ورٲے کُنہِ لفظَس اَس نہٕ بناوٕتھ۔ باسان
اوس تَس چھِ لفظ پانے زیوٚ پیٹھ یِوان تہٕ وُٹھو کنٕی نیران۔
بہٕ اوُسس ژھوپہٕ کٔرِتھ سگریٹس پیٹھ سگریٹ چوان تہٕ
اَمی سنٕز کتھٕ بوزان۔ نصیر ووٚتھ رضوی یَس کُن۔ ژٕ
اوُسکھ پھگوسنٕزِ ایماندٲری ہُند ونان''۔

''اوٚ'' رضوین کٔڈ چِندٕ منٛز بیٚڑی تہٕ زألِتھ وۄتھ

مےٚ چھُنہٕ خبر قانون چھِن نظرن منٛز کیٛاہ چھِ ایمانداری مگر

یتھ پیٹھ چھُم یقین زِ مےٚ کوٚر ایمانداری سان قتل......

تہٕ پھگو ڈوٚنبن تہٕ نیٖہ ساڈ ترٛےٚ آنہٕ ایمانداری سان

ژۄرِ۔ مےٚ چھُنہٕ فکرِ تران زِلگھ کیٛازِ چھِ ایمانداری جان

کتھنےٚ یوت ستیٚ رلاوان...... پوٚز ہے بوزَکھ بہٕ چھُس

سونچان زِ جان تہٕ خراب کیٛاہ چھُ--- یہ کیاہ گوٚو---

اکھ چیز آسہ چانہِ خاطرٕ ٹھیک تہٕ میانہِ خاطرٕ خراب۔

أکِس سوسائٹی منٛز چھُ اکھ چیز جان یوان مانہٕ تہٕ بیٚیس

منٛز خراب۔ اَسہِ مسلمانن منٛز چھِ کرٛہٕ وال تھوٚنی یا

زٕٹھراوٕنی گوناہ مانہٕ یوان مگر سِکھ چھِ امہِ نِش مچھِ۔

اگر یم وال بٔڈ راوٕنی پزی گوناہ چھُ تیلہِ کیٛازِ چھُنہٕ خدا

ہُمن سزادِوان ۔اگر کانٛہہ خدا چھُ تیلہِ چھُس میون عرض

زِ انسانن ہندی بنأوی متی قونون پھٹراوِ ......یِہندی

بنأوی متی جیل والہِ چھلہِ...... تہٕ آسمانس پیٹھ بناوِ

پننِ جیل ، پننِ عدالتہٕ منز دِیہِ یمن پانے سزا ۔کینٛہہ نے تہٕ خدا چھکھ"۔

رضوینٕ اٚمی تقریرن کوٚرُس بہٕ سیٹھاہ متاثر ۔اٚمی سنز خامکاٲری اٚس اٚمی سٕنزن کتھن ہندِ اثرُک وجہ ۔کتھ کران اوس باسان زِ اَسہِ ستی نہٕ، سُہ چھُ اٚندری دلہٕ منزی پانس ستی کتھ کران۔

بیٹری گیہِ تس ژھبٕ، شاید آیہِ تتھ تمہٕ کی ہٹ بُتھِ۔ سُہ روٗد بیہِ بیٹری زالان تہٕ بیلہِ نہٕ دٕز ، تتھ کوٚڈُن کش تہٕ مے گُن ووٚتھ۔منٹو صاب پھگو روزِ میٚہ سارِ واٗنسہِ یاد...... تو ہے وَنہٕ تہٕ تُہی دِپو یہ گیہِ جذبات ،مگر خدایہ سٕنز درے ، تژھ کتھ چھَنہٕ کینٛہہ...... جذباٗتی گرڈھنگ چھنہٕ کتھے۔ سُہ اوس نہٕ میون دوس ، تمی اوس پانہٕ کرِ پھرِ ثابت کوٚرمُت زِ اَسہِ چھَنہٕ کانٛہہ یارٕ ز"۔

رضوین کڈ چندِ منز بیا کھ بیٹری مگر سو اٚس پھٹمٕژ۔ اَوٕ کنی کوٚرُس مے سگریٹ پیش،یہِ رٹان کوٚر تمی

"شکریہ"...... منٹو صأب معأفی دِیزِ مێہ کۆر واریاہ
بکواس، حالانکہ کرُن پزِ ہے نہٕ مےٚ کینٛہہ ۔ اَو ىَنزِ زِ
ماشاءاللہ تُہی......"

تسنٛز کتھ ژٹان وۆتھس بہٕ "......ہا...... بہٕ چھُس
نہٕ وُنکین منٹو بہٕ چھُس صرف سعادت حسن......تُہی تھأوِو
پٔنن کلامہٕ جأری بہٕ چھُس دِلہٕ سان بوزان"۔

رضوین کُملأوی وُٹھ تہٕ تسنٛزن نچن أچھن ووپدیو
نۆ رہیوٗ...... یہِ چھےٚ تُہنز سٔبٹھاہ مہربأنی تہٕ بجر...... اَمہِ پتہٕ
وۆتھ نصیرس کُن، "بہٕ کیاہ اوسس عرض کران"۔

بہٕ وۆتھسس......"تُہی أسِو پھگوسنٛز ایماندأری
متعلق کینٛہہ وَنن یژھان" 'اچھا' یہِ ؤنتھ زول تٔمی میون
دیُتمُت سگریٹ "منٹو صأب' قونو نچھن نظرن منٛز اوس سُہ
سٔنی ژۆر...... بیٹری اَنہٕ باپتھ أسی تٔمی اکہِ لٹہِ أٹھ آنہٕ ژۆرِ
نِمتی تہٕ مُشکلن ییلہِ تٔمی بچارن ژلنہٕ باپتھ دوسہِ ىَنزِ ووڈھ
ترأوتہٕ تَس پھُٹ گوڈ۔ اکھ وٕری لۆگُس ٹھیک گژھنس

مگر یێلہٕ مےٚ ہوٚی ملازم جیلہٕ باًج جرجین وُ ہ بیٚڑی مےٚ
اٴمِس اتھِ سوٗ زتہٕ بچارن پُلسِس ژھایہٕ ہوٚل گرٕنی مےٚ
ساٴری حوالہٕ جیلس منٛز اٴس واد معاف گوٚہن پیٚتھ ڈٕ رنظر
تھونہٕ یوان مگر جرجین اوس پھگو پنُن دوس تہٕ ہمراز
بنوٗومُت ،اوس سُہ واتُل مگر تسٕنز فطرت اٴس مشک ژھٹہٕ
ناوان ۔ گوڈٕ گوڈٕ یێلہِ سُہ جرجی سٕنز دِژمٕژ بیڑ یہ مےٚ ہیتھ
یوان اوس، مےٚ دوٚپ اٴمی حرامزادن' ژوٗ رن آسن
خبرٕ کرٕژاہ منٛز کجمٕژ ۔ مگر پتہٕ لوٚگ مےٚ پَے زِ سُہ چھُ محض
ایماندار، بیڑی خاطرِ اٴٹھ آنہٕ ژوٗ رِنوان پھٹرٕ اٴون گوڈٕ چ
اٴڈِج مگر جیلس منٛز ییتہِ نہٕ تس تموکھ چیٚنچ کانٛہہ سبیل اٴس،
اوس جرجی سٕنز دِژمٕژ بیڑی سیٹھے ایمانداٴری سان مےٚ
حوالہٕ کران...... زنتہٕ یہ بوٚ ڈ امانت اوس...... پتہٕ اوس
مےٚ دند وٕ ٹتھ ونان، مےٚ دی تو اکھ بیڑی...... تہٕ بہ تہِ
اوُسس تمِس صرف اکھ بیٚڑی دِوان...... وُچھن گژھِ
انسان تہِ کوٗتاہ کمینہٕ چھُ۔

رضوین گلہٕ نووتمہِ انمانہ کلہٕ زنتہٕ تس پٔننِ دِ ے
گٔمژ أس۔ " یتھِ پأٹھی مے عرض کوٚر مے پٹھ أس
سبٹھاہ نظرتہٕ پابندیہِ ___ واہٕ معاف گوٚہن پٹھ چھُ یی
آسان۔میانہِ مقابلہٕ اوس جرجی بڈٕ آزاد۔ رشوٕ دِی دِی
اوس تس سبٹھاہ آرام۔ پلو أسِس میلان، صابن آیہِ تن
، بیٹری أسس میلان سارِو کھوتہٕ تہٕ رِشوت دِنہٕ باپتھ
آسس روپیہِ تہِ واتان۔ پھگوڈوٚنبس أسی سزا موکلنس
گٔرژتام دوہ باقٕے، یَیلہِ تِمی ووٚنی أخری لٹہِ جرجیس نِش
مے ڈُہہ بیٹری اَنہٕ، مے کوٚرتس سبٹھاہ شکریہ، سُہ اوسنہٕ
جیلہٕ منزٕ نیرنس خوش۔ مے کوٚرتس مبارک تہٕ سُہ ووٚتھُم۔
" بابوجی تہٕ یِمہٕ بییہٕ یور۔ بو چھِ ہِتس چھِ ژوٚر کرٕنی
پیوٚان...... بلکل تِتھے گٔنز یتھِ کنہٕ أکِس بوچھِ ہِتس بتہٕ
کھیوٚن چھُ پیوٚان...... بابوجی ژٕ چھکھ سبٹھاہ رُت، ءکرٕژ
بیٹری اوسُکھ مے دِوان...... خدا بوٚ زِنی چأنی سأری دوس
تہِ گرٕھنی رہا...... جرجی صأب چھُے ژٔے بڈٕ یرٕشہان تہٕ

لول بران‘‘۔

یہ ﭙِ بۆ زِتھ زَنتہٕ نصیرن وۆن أندری...... ’’أمِس بچٲرِس اوس صرف ساڑ ترٛےٚ آنہٕ ژۆرِنَس پیٹھ سزا لۆگمٕت‘‘۔

رضوین وۆن گرم کافی دام چھوان بڈٕ ٹھنڈٕ اندازس منٛز ’’اوٕ ......صرف ساڑ ترٛےٚ آنہٕ ژۆرِنہٕ کِس جُرمس منٛز تہٕ تم تہٕ دأخلہِ خزانہ......‘‘ خدا زانہٕ تسٕنز بوچھِ ہُنٛد نار ہَمیا‘‘۔ رضوین وول کافی دام بون کُن تہٕ وۆتھ مےٚ کُن حضرت...... ’’منٹو صأب ، وونی اوس تس یلہٕ گرٛھنس تام اکھ دوہ رۆدمُت تہٕ مےٚ پیوو دہن روپین ہُنٛد سخ حاجت ...... سأرے تفصیل کیٛا ونوٕ ...... کُنہِ باپتھ أسی مےٚ یِم پوٚنسہٕ أکِس سنٛتٕرِس رشوٕ ژنگی دِنی ، سبٹھاہ مشکلن کۆرمےٚ پنسلِ تہٕ کاکز رژھ حأصل تہٕ پھگوس اتہِ سۆز مےٚ جرجیس لیکھتھ زِ کُنہِ پأٹھی سوز مےٚ داہ روپیہٕ، پھگواوس اَن پرٛ۔ شامس سمکھیو وسُہ مےٚ تہٕ جرجی سُنٛد

پھُٹج کرِتھ کاکز پلنو ونم۔ اتھ منٛز اوس داہ روپیٖن ووزُل
پاۓ کستانی نوٹ۔ کاکزس پیٹھ اوس لیکھتھ ٹاٹھہِ رضوی
صاأبہٕ، داہ روپیہ چھُسے بہٕ ژٕ سوزان مگر اَکس سٕنز
ژوٗرس اتھِ، خدا بوٗ زِنی یہِ واتی ژےٚ تِکیازِ تیٚمس چھُ پگاہ
صبحس جیلہٕ منٛز رہا گژھتھ نیرُن"۔ مےٚ پرٕ یہِ چِٹھی تہٕ پھگو
ڈوٗنبس نظراہ ترٲوِتھ کوٗرُم اسناہ، تیٚمس اوس ساڑٕ ترٕ ے
آنہٕ ژوٗرِ نس پیٹھ اکھ ؤری سزالوٗ گمُت تہٕ سوٗنچُم اگراَمی
داہ روپیہِ نمٕژِ آسہٕ ہن تہٕ ساڑ ترٕ ے آنہٕ ؤری یَس حسابہٕ
کوتاہ سزا آسہِ ہے اَمِس لوٗگمُت ......"

یہِ ؤنِتھ چیوٗ و رضوین کافی پیالُک آخری دام تہٕ
رخصتھ منگہٕ نَے ووٗتھ تہٕ دژ او کافی ہوسہٕ منٛزٕ۔



# دٕہہ

یِیلہِ سُہ سکوٗل گرٛھان اوس، تٔمۍ وُچھ وَتہِ اکھ پٕژٕ یٚیِمس کلَس پیٹھ بٔڈٕ ژٕھرِیتھ منٛز زٕژھاوِلۍ مأدِتھ آسۍ۔ یَمن آس بستہٕ وأرِتھ تہٕ مازس اوس اوسُکھ دٕہہ ہیوٚ وبہہ ووتھان ۔ پرٛتھ انکس آس مازس ترٕژھے وُپھراے یِہ یوسہٕ مسعودس کُنہِ ساتہٕ أچھ پھورنہٕ گرٛھان آس۔ یِہ وُچھِتھ آس أمۍ ہٕشدِ بٕن بتھۍ لبن وُشنیر ژھٹہٕ پھیران۔

سو آدِ نو آسہٕ بجیمٕژ مگر کرٛ ہُن اوٚ بُر بون آسنہٕ کَنۍ آس سُل باسان۔ ترٕ آس نہٕ ترٕونۍ مگر وَتہِ پکوٕنۍ آسۍ سماوار ہیِہٕ ہشدی پأٹھۍ آسہٕ کَنۍ گوٚن سفید بہہ ترٛ اوان ۔

پڑتھ چیز اوس گوبیوٚمُت باسان زنتہٕ اوس اوٚبرٕ کِس بارَس تَل دبیومُت ۔ موسمس اُس عأن تہٕ غأن سوے وَدَل گمُژ یوسہٕ ربڑ و بوٗٹھ لاگنہٕ ستی کھورن گرٕھان چھےٚ ۔ اَمہِ باوجود تہِ اوس بازرس منز لُکن ہُنٛد یُن گرٕھُن جأری دُکانن منٛز تہِ اُس سو دبود گمُژ ۔ آوازٕ آسہٕ سبٹھاہ لوٚت تہٕ زنتہٕ پھسرارٕے اُس سپدان ۔ لوٚت لوٚت تہٕ وارٕ وارٕ آسہٕ کتھہٕ سپدان ۔ لُکھ اُسی وارٕ وارٕ قدم تُلان زِ یُتھ نہٕ بڈٕ آوازنیرِ ۔

مسعود اوس کرٕھس تَل کتابہٕ بستہٕ ہٮ۪تھ مدرس گرٕھان ۔ از اوس یتہِ زن لوتی ۔ ییٚلہِ اُمی بستہٕ وألتھ تازٕ ذبح کرٕی متی ژھاولبن سفید سفید دٕ ہہ ودتھان وُچھ تس اوس راحت پھیوٚرمُت ۔ اُمی دٕہن اوس اُمی ستٛدٕ بن ترٛنبن گلن وُشنیر داوَن ہُنٛد زال زَن ووٚنمُت ۔ اُمی وُشنبرن اوس اُمِس منٛزٕ ہیوٗ کھولمُت تہٕ سُہ اوس سونچنہِ لوٚگمُت زِ ترٕنی یخ اتھن پٮ۪ٹھ ٹھاپُلی کھٮ۪نہٕ پتہٕ اگر یہِ دٕ ہہ

میلان آسہِ ہے تہٕ کوٚتاہ جان گییو و۔

نب تہٕ فضا اوس نہٕ نوٚن ۔ گاش اوس مگر وُنلہِ دار۔وُنلہِ ہُند زاُ ویُل تہٕ اوس پرٛتھ جایہِ وٕہرتھ ییٚمہِ ستی فضامَل دار ہیوٚ باسان اوس۔ مگر یہِ رنگ تہٕ اوس اُچھن تراوتھ دِوان تِکیازِ نظرِ گرٛھ ؤنہِ پرٛتھ چیزک تیز حُسن اوس سوتیومُت ہیوٚ۔

مسعود ییٚلہِ مدرس ووت ۔ سُہ گو ؤنہٕ یہِ بوٗزِتھ بلکل خوش زِ سکریٹری ہٕندِ مرنہٕ سببہٕ چھیٚہ از مدرسس چھُٹی کرنہٕ آمٕژ ۔ ساٗری شُری آسی خوش یہِ ییٚمہِ تلہٕ باسان اوس زِ تِم آسی پننہِ کتابہٕ بستہٕ اَکِس جایہِ تھاوِتھ اورٕ یور گندنس منٛز مَس ۔ کینٛہہ آسی چھُٹی ہُند بوٗزی تھےٚ گرٕ گُن دژاٮِتی ،کینٛہہ آسی وُنہِ یوان ،نوٹس بورڈس تل آسی واریاہ جمع ۔ بار بار آسی اَکے عبارت پران۔

مسعودن ییٚلہِ بوٗز زِ سکریٹری صاٮ۪ب چھُ موٗدمُت تَس پھیوٚرنہٕ کینٛہہ ۔تسُند دِل اوس جذباتو نِشہِ ژھوٚر۔

البتہٕ پیۆس یاد زِ پَرُس یمنے دوٚہن ییٚلہِ تس بڈ بب مویو
جناز ہٕنس منز گیووبڈٕ مُشکل تِکیاز رۆد اوس پۄوان ۔ سُہ
تہِ اوس جنازس ستیٚ گوٚمت ، مقبرس پٮ۪ٹھ گیَس پشجہِ رَبہِ
پٮ۪ٹھ رِکنی تہٕ کھنہِ مَرٕ قبرِ منز گرٕھنہٕ نِشہِ بچوو زورے ۔ یمہٕ
کتھہٕ آسہٕ تس ٹھیک پاٹھی یاد، ئرِ بلایہِ ، رَبہِ برِتھ پلو،
ووزلی تہٕ نیلی اتھہٕ یمن چیٖرو ستیٚ سفید داغ آسی پۄوان ۔
نَس شِشر گانٹھ ہِش تہٕ پتہٕ اَتھہٕ بُتھ چھلُن تہٕ پلو
بدلاوُنک کھر ۔ تس اوس یہِ سورُے بأنہٕ بأنہٕ یاد ۔ یتھے تمی
سکریٹری صابنہِ مرنٕچ خبر بوٗزِ تس پیٚیہِ پتہٕ مہِ سارے کتھہٕ
یاد ۔ سوٗچُن یتھے سکریٹری صأبن جناز ووتھہِ روٗدٕ راتھ
لاگہِ تہٕ مقبرس پٮ۪ٹھ ووتھہِ تیٚرٕ رَب زِ خبر کتہٕن لُکن گرٕھن
رِکنہِ ، لگبھ تہٕ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕٹ کرَن ۔

یہِ خبر بوٗزِتھ گوو مسعودس سیوٚ دُے پٮ۪نٹس کلاسس
گُن ۔ اَتہِ کھوٗلُن پٮ۪نٹس ڈبسکس کُلف ژتڑیٚے کتابہٕ
ییٚمہٕ أمِس پگاہ تہِ آسہٕ اَنہِ برٕن اتھ منز تہٕ باقی بستہٕ

مٕنٛز تٕلِتھ دژاو گرٕکُن۔

وَتہِ وُچھ أمؠ تمہِ تاز ماأری ہٕتؠ زٕ ژھاوِلؠ بیٚیہِ، یمو منٛزٕ اوس پٔچن اکھ تٕرٛ وٕ دِترٛ وومُت، دۆیم اوس سٕنٛتس پپٕٹھ پیومُت۔ ییٚلہِ مسعود دُکانہٕ کٕنؠ دژاوتس گیہِ خأہش زِ یتھ مازس دِ ہہ اوس ووتھان تتھ کرِ ہے تھپ۔ پتو لأج أمؠ بروٗنہہ پٔکِتھ ژھاوِلؠ ہٕندِس مازس اۆنٛجٕ یتھ وُنہِ تھرِتھرٕ أُس۔ ماز اوس گرم۔ مسعودنہِ ترٕ اۆنٛجہِ کۆریہِ ترٛٹرخوش۔ پُج اوس دُکانس اندر کنہِ پپٕٹھ شرٛ اکہِ تیز راونس ہٕتؠ آوُر۔ مسعودن وُچھ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ مازس اتھہٕ لأگِتھ تٕہٕ دژاو۔

گرٕ وأتِتھ ییٚلہِ أمؠ ماجہِ سکریٹری ہٕندِ مرٕنٛچ شیٚچھ وٕنؠ تتہِ بۆزُن زِ أمؠ سُنٛد مول چھُ یہنٛدی ہہ جنازس گۆمُت۔ وونؠ چھِ گرٕ صرف زٕ بأژ۔ موج تٕہٕ بٔڈ بیٚنہِ۔ موج أسؠ دانہٕ کُٹھس منٛزٕ سٕین رنان تٕہٕ بٔڈ بیٚنہِ کلثوم أسؠ گانگر تٕپِتھ درباأری راگہِ ہٕنٛدؠ سرگم یاد کران۔

اَمہِ کوچکؠ دۆیم شُری أسؠ گورنمنٹ سکولس

منز پران یمن پٹھ اسلامیہ سکوٗلہٕ کِس سکرٹیری سِنٛدِ مرنٛچ
کانٛہہ فرق پیٚیہِ نہٕ، اَوٕ کِنہِ زون مسعودن پٔنٛن پان بیکار۔
مدرسچ تہِ اٰسس نہٕ کانٛہہ کاٰم۔ شیٖمہِ جماٰژ منٛز یہِ کینٛژھا
پرناوان چھِ تہِ اوس تٔمی گرِ ماٰلِس نِش پوٚرمُت ۔ گنٛدنُک
کانٛہہ چیز تہِ اوٗسس نہٕ پانس نِش ۔ اکھ زچہِ درٛامُت
تہٕ مالہٕ تاس اوس طاقچس پیٹھ مگر مسعودس اٰس نہٕ اَچ
رغبت ۔ لوڈو تہٕ اَمہِ قسمکۍ بیٚیہِ گنٛدن تماشہِ یمن اٰمۍ سِنٛز
بیٚنہِ پٔننہِ وٲسن ستۍ دوہے گنٛدان اٰس، اٰسۍ نہٕ اٰمِس
فکرِ تران ۔ فِکر اٰسس نہٕ اَمہِ کِنہِ ترٛان زِ تٔمۍ اٰس نہٕ یم
ہیٚچھنچ کوٗششی زانٛہہ کٔرمٕژ ۔ قدرتی اوسنہٕ تس تِتھٕن گنٛدنن
ستۍ کانٛہہ تہِ لگاو۔

کتابہٕ بستہٕ پننہِ جایہِ تھاٰوِتھ کوٗٹھ کڈِتھ گوو سُہ دانہٕ
گُٹھ پننہِ ماجہِ نِش بہنہِ تہٕ روٗد درباری راگہِ ہُنٛد سرگم
بوزان یتھ منز کرِژ لٹہِ سارے گاما اوس یوان۔ اٰمۍ سِنٛز
موج اٰس پالک ژاران ۔ ژارنہٕ تہٕ چھلنہٕ پتہٕ تُلۍ تٔمۍ

سبز سبز ۄتھرن ہٕنڈی بٔڈی تہٕ ترأوِنی لیچھِ ۔ کینژ کأنٹی ییلہِ
پالکہِ تٔلِتھ لۄگ اَتھ ہیۄتُن سفید سفید دِہہ ووتھُن ۔ یہِ
دِہہ وُچھِتھ پیٚو مسعودس ژھاولِ سُنٛد ماز یاد تہٕ ماجہِ
وۄتھ ۔ ’’موجی از وِچھ میٚہ پٔنٛچ وانس پٔنٛژھ زِ ژھاوِلی یمن
مُسلہٕ وأرِتھ اوس، تِمن اوس دِہہ نیران تِتھے کٔنٛز ییتھہٕ کٔنٛز
صبحأے صبحأے میٚہ آسہٕ منٛز نیرانٕ چھُ ۔
’’اچھا ......‘‘ یہِ ۄنِتھ ٲلج اَمی سٕنٛز موج دانس
منٛز زِنی ہچن تیٚو نگُل تچھنہِ ۔
’’اَہنی! بینیہِ لاج میٚہ تس اوٚ نگج سٕہ اوس وُشُن‘‘ ۔
’’اچھا ......‘‘ یہِ ۄنِتھ تُل اَمی سٕنٛز ماجہِ سٕہ بانہٕ ییتھ
منٛز پالک چھچمٕژ آسن تہٕ دژ ایہِ دانہٕ گُٹھِ منٛز نبر ۔
’’بینیہِ اوس یہِ مازٕ کرٕژن جاین تھترا اے کران‘‘ ۔
’’اچھا ......‘‘ مسعود نہِ بجہِ بینہِ ترٛوو درباری سرگم
یاد کرُن ہوگُن تہٕ بأیس گُن پھیر‘‘ ۔
’’کِتھہٕ کٔنٛز آٲسس تھترا اے‘‘

"یِتھہٕ پٲٹھۍ ...... یِتھہٕ پٲٹھۍ"۔ مسعودن کٔر اَوْ نگجن تھتھراے تہٕ ہاوٕنَس۔

"پتہٕ کیٛاہ گوٚو"۔

یہِ سوال زَن کوٚڈ کلثومن سرگمہٕ بِرتھ کلہٕ منٛزٕ ژِتھہٕ گٔنٛز زِ مسعود گوو رٕہتھ ہیوٚ۔ "پتہٕ کیٛاہ گوٚژھ گرٛژھُن۔ ژِتھے گٔنٛز وٚوٚنہٕ مے ژٕ زِ ٹٕچ ہِندِس وانس پٮ۪ٹھ آس مازس تھتھراے، میٚہ وُچھ اوٚ نگج لاَ گِتھ وشُن اوس"۔

"گرم اوس...... میٚہ ونتہٕ مسعود میأنٛز اکھ کأم کرکھنا"۔

"وَن"۔

"وولہٕ پکھ میٚہ ستۍ"

"نہ...... گوڈٕ وَن کأم کیٛاہ چھِ"

"میٚہ ہا چھُ کمرس سخ دود...... بہٕ تراوٕ پلنگس پٮ۪ٹھ پان۔ ژٕ کرتہٕ میٚہ لتہٕ موٚنڈ...... ژٕ چھُکھنا میٚہ بوے۔ خدایس پَتھ چھُ میٚہ سخ دود"۔ یہِ وٕنِتھ ہیٚتِی مسعودنہِ بیٚنہِ

پنٕنس کمرس ڈٕگی لاینی۔

”ژٕ یہ کیاہ چھُے گرِ گرِ کمرس گژھان۔ ییلہِ وٕ تیلہِ چھُے دود آسان بیٚنہِ چھکھ مَے اتھہِ ژٕلی دیاوان۔ پننٕہ وٕبسن کیاژِ چھکھ نہٕ وَنان“۔ مسعود وٚتھ تھوٚڈ تہٕ موٗنُن۔

”پکھ، مگر یہِ تھووٕمَے وٕنتھ دٕہو منٹو علاوٕ دِمَے نہٕ رژھہِ تہِ“۔

”شاباش، شاباش“۔ اُمی ہیٚز بیٚنہِ وٕژھ تھوٚد، سرگم کاپی تھاوِن طاقچس پیٹھ تہٕ دژ ایہِ کٕٹھس کُن یِیتہِ یہِ تہٕ مسعود دوٗشوٗے شونگان آسی۔

آنگنس منٛز وٲتِتھ کوٚر اَمہِ دٲدی لد کمرسیوٚد تہٕ اسمان کُن ترٲوِن نظر۔ نیٚوٕل اوٚبُر اوس بون تام ”مسعود از پیٚنہِ ضرور روٗدٕ“۔ یہِ وَنان وُچھ تمہِ مسعودس کُن مگر تمٕی اوس اندرٕ پننہِ چارپایہِ پیٹھ ڈاف ترٛووٕمُت۔

ییلہ کلثوم پنٕنس پلنگس پیٹھ دُبہٕ شوٚنٛج تہٕ مسعود وٚتھ تہٕ گرِ کُن نظر ترٲوِتھ وٚننس۔ ”باجی...... کاہ بجنس

چھِ داہ منٹ باقےٚ۔ بہٕ ترٛاوے برابر کھہِ بجہِ لتہٕ موٚنڈ کرٕنی''۔

''اَدٕ ساتہٕ ٹھیک، مگر ووٚنی مہٕ کر خدایہٕ ہٕنٛدِ پاسہٕ زیادٕ نخرٕ۔ میانِس پلنگس پٮ۪ٹھ یتھ دباو میہِ جل کمر۔ نتہٕ تھاوزِ یاد گُن کڈے مُلہٕ''۔ کلثومن کوٚر مسعودس روب۔ مسعودن اوٚن پننہِ بجہِ بیٚنہِ ہُنٛد حکم بجاتہٕ لبہِ ستی ووٚدنہِ روٚزِتھ ہیرٕن لتہٕ موٚنڈ کرٕنی۔ مسعودنہِ بارٕ ستی ووٚتھ کلثومُن کھوٚل تہٕ پشُل کمر رٛزھہے نا بون۔ یِیلہِ اٚمی کھورٕ ستی دباون ہیوٚت بلکُل تتھے پاٹھی یتھہٕ پاٹھی مزوٚرٕ رٚب چھُ مانڈان تہٕ کلثومَن ہیوٚت مزٕ تلنہٕ باپتھ وارٕ وارٕ ہاے ہاے کرُن۔

کلثومَس اٚسی مندل وٚتھی۔ یِیلہِ مسعودس کھور اور گُن پیوٚ وتس باسیوو سہٕ چھُ تس ژھاوِلس لتہٕ موٚنڈ کران یُس تمُی پچ وانس پٮ۪ٹھ پننہٕ اوٚنگجٕ لاگِتھ وُچھمُت اوس۔ اٚمی حبسن وُزٕناوی پیٹِس کھنڈس اٚمی ہٕنٛدس دِلس

ودماغس منز بدلے خیال یمن نہٕ ہوٚٹ اوس نہ لوٚٹ، سُہ ہیوٚکنہٕ امیُک معنہِ کڈتھے، کڈِ ہے تہِ کیاہ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ خیال اتھ لایق اوسُے۔

اکہِ دوٚیہ لٹہِ گووتَس حبس زِ تِسنٛد بن کھورن تل مازس گیہِ حرکت پاد، تِژھے حرکت یوسہٕ تمُی ژھاوٕلی سنٛدس مازس وُچھمٕژ اَس۔ اَمی ہیٚژیوو بٕگاَری ہِش کَمر دباوُن مگر ووٚنی ہیوٚتنس اتھ منز مزٕ کھسُن۔ اَمی سنٛدِس بارس تَل اَس کلثوم لوٚت لوٚت اَہی اَہی کران۔ ژٕلہٕ ستی نیرن واجینیٚ آواز اَس مسعودنین کھورَن ہنٛز حرکژ ستی یوان تہٕ بییہِ اَس یہِ کتھ تام مزس تہٕ لذتس ہُر بر کران۔

ٹائم پیٚسس بجیہِ کاہ مگر مسعود روٗد پننہِ بیٚنہِ کلثومس لتہٕ موٚنڈ کران۔ ییٚلہِ کمر آس تسلی سان دباونہٕ تہٕ کلثوم روٗز ووٚنی سیٚدِ لرِ ترٛاَوِتھ تہٕ وٕژہس۔ "شاباش مسعود شاباش"۔ ووٚنی کرتم تِتھے کنہٕ زنگن تہِ پی۔ بلکل تِتھے کٔنی...... شاباش ...... میون بوے شاباش"۔

مسعودن ییٚلہِ لبہٕ تھپ گرِتھ کلثومنِ لنگن پٔٹھ پٔنن
سوٗرے بار ترٛ ووتسٕندِ بٔن کھورن تل گاڑٕ ہیٚژن ژھرٛ ٹہٕ
ژھرٛٹ کرنہِ۔ تس ژوٗل واریاہ اَسن نیٖرتھ تہٕ دوٚ گنٕ گیہِ۔
مسعود بچیوٚ وپھوٗان زورے مگر اٗمی سندٕ بٔن کھورَن
تل گیہِ گاڈن ہنٛز ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛٹ روٗ زِتھ ہش۔ تَس گیہِ
دِلس زبردس خاہش زِلبہِ گن پان ترٲوِتھ کرِ ہے سُہ بیٚنہِ
لنگن بیٚنہِ لتہٕ موٚنڈ۔ مگر ووٚتھ بیٚنہِ گن" ژٕ ے کیاز ِہیوٚ تُتھ
اَسن ، شونگ سیوٚد، بہٕ کرے بیٚنہِ زنگن لتہٕ موٚنڈ"۔
کلثوم شوٚنجی سیوٚد۔ لنگن ہنٛز گاڈ اورٕ یور گرٛشھنہِ کنِ
یُس ٕکتہٕ ٕکتہٕ تس گوٗمت اوس تمیُک اثر اوس وُنہِ اٗمی
سندِس پانس منٛز باقٕے" نابایامیٚہ ہاچھُ ٕکتہٕ ٕکتہٕ گرٛشھان
ژٕ چھُکھ جِنہٕ سٕندی پاٗ ڑھی متان"۔
مسعودس باسیوٚ زِسُہ چھُ غلط طریقہٕ لتھ دِوان۔" نہ
ییٚمہِ لٹہِ تراوے نہ سوٗرے بار ژٕ ے پٔٹھ ...... ژٕ روز ِٹھیک۔
ووٚنی کرے تتھہِ پاٗ ڑھی لتہٕ موٚنڈ زِ ژٕ ے گرٛشھی نہٕ کانٛہہ

تکلیف''۔

لبہٕ تھپھ کٔرِتھ توٚل مسعودن پٕنُن پان تہٕ وارٕ وارٕ ٹھہراوِن کلثومنۍ لنگن پٮ۪ٹھ کھور زِ تسُند اوٚڈ بار زن گوو غاًبے۔ وارٕ وارٕ ہوشہِ سان ہێتۍ تمۍ کھور واپٕس زِ لنگن ہٕنزٕ لٔجمژ گاڑٕ ہیرٕژَن کھورن تَل ڈٕلتھ اورٕ یور پھسلنہِ۔ مسعودن اوس اکہِ دوہہٕ سکوٗلہٕ اکھ بأزی گرچیرٕ گنجمژ رزِ پٮ۪ٹھ پکان وُچھمُت۔ أمۍ سوچ زِ بأزگرٕ سٕند ہٕن کھورن تَل گٔنجمژ رزِ تہِ آسہَن تِتھے کنہٕ ژلان۔

اَمہِ بروٚنہہ تہِ اوس أمۍ پننہِ بێنہِ کلثومنۍ زنگن لتہٕ موٚنڈ کٔرمژ مگر یُس مزٕ یێمہِ لٹہِ آس سُہ اوسُس نہٕ اَمہِ بروٚنہہ زانٛہہ آمُت۔ ژھاوٕلی سٕند وُشنہِ وُشنہِ مازُک خیال اوسُس پھِری پھِری یِوان۔ اکہِ دوٚہہِ لٹہِ آس خیال زِ اگر کلثوم ذبح کرنہٕ یِیہِ تہٕ مُسلہٕ والنہٕ پتہٕ نیرٕ یا أمۍ سٕندِ مازٕ منٛزٕ تہِ دٕہہ؟ مگر یژھ بےٚ ہودٕ کتھہٕ سوٚچنس پٮ۪ٹھ اوس سُہ پٕنُن پان مجرم زانان تہٕ کلہٕ ڈٕلتھ اوس دماغ تِتھہٕ پأٹھۍ

صاف کران یِتھۂ پأڑھی اَسفنج ہِستی سلیٹ صاف اوس
کران۔
''بس کر بس'' کلثوم تھِچ۔ ''بَس بَس......''

مسعودس آیہ گِندۂ بأشی۔ پلنگۂ پٮ۪ٹھ بوٚن وَسان
کوٚرأمی کلثومس کرٛھس ہِکتہٕ ہِکتہٕ۔ اَسان اَسان پھٮ۪ٹ
ہیکتھے اُسس نہٕ زِ مسعودنی اتھہٕ رٹہٕ ہے مگر یرادٕ
سوٚ، یٮ۪لہٕ لِتھ تُجنی تہٕ مسعود آو تھوٚدٕ تِلتھ نمبر لاینہٕ، کھورباںہٕ
لأگتھ دژاوسہ کتھِ منٛز نمبر۔

یٮ۪لہٕ سہ نمبر آنگنس منٛز دژاو تُمی وُچھ نِکی نِکی روٗدٕ
پھیٛری چھِ پیوان، اوٚبرٕ چھُ وَلنہٕ آمُت۔ نِکی نِکی روٗدٕ قطر
چھ شورٕ ورأے آنگنہٕ چنٛن سیرٕ بن منٛزلوٚت لوٚت جذب
گژھان۔ مسعودُن پان اوس خوش کرٛوٗن وُشنیر محسوٗس
کران۔ یٮ۪لہٕ ترٛنی ہوا گژاے اُمس بُتھِس ہِستی لٔج تہٕ زٕ
ژرٛیہ نِکی نِکی روٗدٕ قطرٕ نستہٕ پٮ۪ٹھ پیٛیس تَس پھٮ۪ٹ ہیرٕ بوٚن
پانس تپہٕ ترٛ۔ بروٗنہہ کنہٕ اُسی گرٛچہٕ دوسہٕ پٮ۪ٹھ اکھ کوٚترٕ تہٕ

کوٚتریٚنۍ ستۍ پکھٕ مُژ رِتھ بہتھ۔ باسان اوس زَن چھِ
دیگہِ ہٕنڈۍ پأٹھۍ گرم۔ گُلہِ داوود تہٕ کیٖنہہ خام پوٚشن
ہٕنڈۍ سر سبز پٔترۍ أس ووزلہِن گملن منٛز زَن سران
کران۔ فضا اوس نِیٚندر رِہوٚت، سو نِیٚندٕر ریتھ منٛزٕ بیدأری
زیادٕ أس تہٕ انسانس آسن نرم نرم خاب تتھٕ کٕنۍ أندۍ
أندۍ وٕلِتھ زنتہٕ وُشنۍ پَلو۔

مسعود اوس تمہِ کتھٕ سونچان یمِن ہُنٛد مطلبٕ تس خبر
أس نہٕ۔ یمہٕ کتھٕ ہیٚکہِ ہے سُہ اتھٕ لأگِتھ وُچِھتھ مگر
مطلبا اوٗسس نہٕ فِکرِ ترٛان مگر توتہِ اوٗسس کہتام سونچتھ
منٛزٕ ہیوٚ یِوان۔

روٗدس منٛز کینٛژَس کالس وودنہِ روٗزِتھ یِیٚلہِ أمِس
اتھن تِیٚخ لوٚگ تہٕ اکھ أکِس منٛز دباونٕ ستۍ یمن سفیدی
پھیر، تٔمۍ کٔرموچھہِ بند تہٕ أسکہِ بَہہ ستۍ ہیٚتنۍ وُشناوٕنۍ۔
اتھن ہیٚرٛنس امہِ ستۍ گرمی گرٕٛھنۍ مگر تِم گٔیہِ أدرٕۍ پہن۔
نارس پیٛٹھ وُشناونٕ ستۍ گوو سُہ دانٕہ کٹھِس منٛز۔ بتہٕ اوس

تیار ۔ وُنہِ اوس أمی گوڈ نکُے میوٚ نڈ تُلمُت ۔ أمی سُنْد مول
آو مقبرٕ پٮ۪ٹھہٕ واپس ۔ مائلِ پوتھرو گرنہٕ کانٛہہ کتھ ۔ مسعودٕنۍ
موج ۄژھ تہٕ ژایہِ بیٚیس کِٹھس تہٕ ژٕ یرتام روٗز پننِس
رٕنس ءستی کتھہٕ کران ۔

بتہٕ کھتھ گوو مسعود بیٹھکہِ منٛزتہٕ دآر مُژرآوتھ ترٛووُن
فرشس پٮ۪ٹھ ڈاف ۔ روٗدٕ ءستی آس زیادٕ ترٕ ۄژھمژ تِکیازِ
ووٚنۍ آس ژھٹھ تہِ مگر یہِ ژھٹھ آسنہٕ کھرٕونۍ ۔ تلاوکہِ
آیکی پأٹھی آس یہِ پٮ۪ٹھ ژٕرنۍ تہٕ اندرٕ وُشنۍ ۔ مسعودن ییٚلہِ
فرشس پٮ۪ٹھ ڈاف ترٛ وولس گوو شوق زِ سہ اژِ ہے اتھ ءترِ
اندر ییٚتہِ أمی ءسنٛدِس جسمس منٛزدار وُشنیر میلتھ ہیٚکہِ ہے ۔
یمہٕ شیٖر گرم کتھہٕ روٗد سہ ژٕ یرتام سونچان ۔ ییٚمہِ کنۍ أمی
ءسنٛدِس انگس انگس کھتام لگُن ہیوٚو باسیوو ۔ اکہِ دوٕ یہِ لٹہٕ
کوٚڈ أمی کاڈ ییٚمہِ ءستی منٛز آس ۔ أمِس اوسنہٕ فکرِ تران زِ
أمی ءسنٛدِس جسمس منٛز کتھ جایہِ چھُ کھتام تہٕ کیٛاہ سنیومُت ۔
کینٛہہ اوسُس نہٕ اتھ یوان ۔ أمی رُکاوٹن آس أمِس منٛز

دگ تہٕ بیقرأری ہُنٛد حال پاُدٕ کوٚرمُت ۔ سُہ اوس
یژھان سأری سے پانس کاڈ کڈِتھ زٕ ٹھہِ راوُن ۔

واریہس کالس قالینس پیٹھ لرِ پھرَن دِنہٕ پتہٕ
ووٚتھ سُہ تہٕ دژاو دانہٕ کُٹھہِ مُنزٕ آنگنس منٛز ۔ دانہٕ کُٹھس
منٛز اوس نہٕ کہنے ۔ آنگنس أندی أندی یم کُٹھی أسی تِم أسی
سأری بند ۔ روٗد اوس بند گوٚمُت ۔ مسعودن کڈ ہا کی تہٕ
بال ۔ آنگنس منٛز لوٚگ گندنہٕ ۔ اکہِ لٹہِ ییٚلہِ أمی بالہِ زورٕ
ٹاس کوٚڈ تہٕ بال لٔج آنگنہٕ دٔچھنہِ کِنہٕ کُٹھہِ کِس دروازس ۔
اورٕ آیہِ مسعودنس مألی سٕنٛز آواز "کُس چھوٕ" ۔

"بہٕ ہا چھُس مسعودٕ" ۔

أندرٕ آیہِ آواز "کیاہ چھکھ کران" ۔

"بہٕ چھُس گنداں" ۔

"اِدٕ ساگِند ...... اَمہِ پتہٕ رژھہِ کھٔنٛڈ دِژس مألی
کریکھ ۔" "موج چأنی چھےٚیہ میٚہ کلس موٗٹھ دوان ...... زیادٕ
شورمہَ کر" ۔

یہِ بۄزِتھ ترٲو مسعودن بال أتی تہٕ ہا کی اتھس منز

ٹُلِتھ دژاو برونٹھس کٕھس کُن ۔ اتھ اوس اکھ درواز بند

تہٕ بیا کھاڑ وۄتھ...... مسعودس آیہِ کھری لہِ ہونگہٕ ، لوتہٕ

لوتہٕ گووسُہ اڑٕ وٕتھی ہے پٹس کُن تہٕ ٹاس کٕرِتھ مژرِنی

دوشوے پٹ ۔ اتہِ دژایہِ زٕ کربکہٕ۔ کلثوم تہٕ تسنز وبس

بملا یمہٕ نالہٕ موٚت کٕرِتھ شۆنگِتھ آسہٕ ، کھوژ تہٕ لیف ہیرٕژ کھ

کلہٕ پیٹھی ۔

بملا یہِ أسی بلاوٕز کی بٹن یلے تہٕ کلثوم أس أمی

سٕندِس ننگے سینس مُدے گٕنڈِتھ وُچھان۔

مسعودس توٚرنہٕ کینٛہہ فِکرِ ۔أمی سٕندِس دماغس

پٮ۪ٹھ آودِ ہہ ولنہٕ۔ اَتی پٮ۪ٹھ دژاوسُہ پوٚت کھوری بیٹھکہِ

کُن ۔ أمِس آو پانس اندر سبٹھاہ طاقت لبنہٕ، تیمی کینژس

کالس أمی سٕندِ سوچنک سوٗرے طاقت کمزور کوٚر۔

بیٹھکہٕ منز دارِ نِش بہتھ ییلہِ مسعودن ہا کی دوشوٕ یو

اتھورٕ ٹتھ کٕھس پٮ۪ٹھ رٕٹ ، سوچن زِرژھہِ کھنڈ دباونہٕ ستی

گڑھہِ ہا کی ہۄٚج تہٕ زیادٕ دباونہٕ ستی پھُٹہِ فٹھ کرِتھ ہینڈل۔
أمی کُر کوٚٹھس پیٚٹھ دبأوِتھ ہا کی رژھ کھنڈ ہۄٚج مگر زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ طاقت لگاونہٕ ستیٚ تہِ پھُٹ نہٕ سو۔ سُہ روٗد
ہا کی ستیٚ دَبہٕ دَب کران ییٚلہِ تھکِتھ ژھینٛتھ پیوٚ وتہٕ شرارتہٕ
سان دِژن ہا کی ہور دأرِتھ۔



# مُشک

ۄہرأ ژ ہندی ہِے دوہ أسی۔ دارِ نیبر کنہٕ أسی بڑ مجہِ
کُلِکۍ پنہٕ ۄٕتھر تِتھے کٔنۍ سران کران ۔ساگوان لُکرِ ہنڈِس
کمانہٕ وأرِس پلنگس پٮ۪ٹھ ، یُس دارِ نِش یورکُن پھٔن
ڈالنہٕ اوس آمُت ، أس اکھ وۄنٹھ پۆٹھ بٔرِ ی رندھیرس عتی
لأرِتھ گٔمٕژ۔

دارِ نیبر کنہٕ أسی بڑ مجہِ کُلِکۍ پنہٕ ۄٕتھر گاشری اَنہٕ گٔژس
منٛز جمکن ہندی پأٹھی اَلان تہٕ آبہٕ سٔری گرٛشہان تہٕ یہٕ
وۄنٹھ پۆٹھ بٔری أس مُسلِکۍ پأٹھی رندھیرس لأرِتھ گٔمٕژ۔
شامس ہیۆ وۄیلہِ سُہ اکہِ انگریزی اخبارچہِ خبرِ تہٕ سأری

اشتہار پرٕتھ ڈبہِ پیٚٹھ ہنا دِل بہلاۓیی باپتھ ووٚدنی اوس۔ تمۍ کرٕ ژاس کرِتھ أکس وتچھِ پوٗچھ کورِیوسہٕ شاید أتی نن کہِ ہیے رزِکار خانس منٛز کأم أس کران تہٕ روٗدِ نشہٕ بچنہٕ باپتھ تمبرِ کلُس تل ووٚنی أس، پانس کُن پھِرنٕچ کوٗشش تہٕ أخر ہوونس اتھہٕ ستی ہیوٚر کھسنہٕ باپتھ۔

سُہ اوس واریہَو دوٚہَو پیٚٹھ گُنٛبرٕ محسوٗس کران۔ جنگہٕ موکھہٕ آسہٕ بمبیہِ ہنٛز سارے کرسچن کورِیمہٕ سورگہِ مولہٕ میلان آسہٕ ووٚنی زنانن ہنٛدِس اگزلری فورسس منٛز برتی گمٕژ۔ یمو منٛزٕ أسی کینٛژَو فورٹ علاقس منٛز ڈانسنگ سکول ترٛأوٕمتی۔ یُتھ صرف فوجی گُرٕن گژھنٕک اجازتھ اوس۔

رندھیر اوس سخٹھاہ دِل ملوٗل گوٚمُت۔ أمی ہنٛزِ دِل ملوٗلی ہُنٛد اکھ وجہ اوس زِ کرسچن کورِ آسہٕ واریاہ نایاب گمٕژ۔ دوٚیم وجہ اوس یہِ زِ سُہ اوس فوجی گُرٕن ہند کھوتہٕ زیادٕ مہذب، تعلیم یافتہٕ، صحت مند تہٕ خوبصوٗرتھ۔ محض اَمہِ باپتھ زِ سُہ اوس نہٕ پرٛیوٚن یِیمہِ کٔنی فورٹکس تمام گانہٕ

وانن ہندی دروازٕ تس خاطرٕ بند اۍسی۔

جنگہٕ بروٗنہہ اوس رندھیرن ناگپاڑہ تہٕ تاج ہوٹلس أندی پٔکی روزن واجٕنٮ۪ن کینژن کرسچن کورٮ۪ن ستی جسمأنی ملاپ کٔرِتھ ترٛ وومُت۔ تِھٮ۪ن ملاپن ہٕندی طریقہٕ کارتہٕ آداب اۍسی تس تِمن کرسچن چوٗرٮ۪ن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ تگان یِمن ستی کورِ فیشنہٕ باپتھ رومان کران تہٕ أتھی منٛز کینٛہہ کأنسہِ نکس ستی خاندر کران آسہٕ۔

رندھیرن کرِ یوو دلہٕ منٛزی ہیزلہ ستی حال حالے مُشرکری ہُنٛد بدلہٕ ہٮ۪نہٕ کِنی أمِس وٕنٛچھِ پوچھِ کورِ ہیوٚر کھسنٛگ اِشارٕ۔ ہیزل اۍس أمِس بونہٕ فلیٹس منٛز روزان تہٕ پرٛتھ دوہہٕ اۍس وردی لأگِتھ، کٹ کٔرِتھ مستس پیٹھ ہٮ۪جہِ میٛنگہِ خأکی رنگہٕ ٹوٗپی دِتھ نیران تہٕ تتھہِ کِنی اۍس پکان زنتہٕ فٹ پاتھس پیٹھ تمام پکن وألی أمِس کھورن تل ٹاٹھکی پأٹھی ووتھراونہٕ یِہ ہٮ۪ن۔

رندھیراوس سوٗنچان زِ آخر کیازِ چھُن تس یِمن

کرسچن کور ہن گنٛ ہوومُت ۔ اتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ تمہِ چھےٚ جسمُک پرٛتھ کانٛہہ انگ ننہِ وانہٕ ہاوان تہٕ پیش کش تھاوان۔ گنہِ لیٚبی تھوپہ روٗستے چھیٚہ پننہِ ماہواری ہندہن دوہن یا اَمچہِ بےٚ ترتیبی ہنٛز ذِکر کران ، پننہِ پرانہِ عشقہٕ داستانہٕ بوزناوان۔ ییٚلہِ ترٛۓچ دُھن بوزان چھیٚہ ، زنگہٕ چھیٚہ واینہِ ہوٚان...... یہ گووٹھیک مگر کانٛسہِ زنانہِ ہیکہٕن بیٚہِ تہِ خوٚبیہ آستھ۔

رندھیرن ییٚلہِ پوچھِ کورِ ہیوٚ رگن ہوو تس اوسہٕ قطعن تہِ یقین زِ سہ ساوِ تَس پانس نِش۔ مگر رژھہِ کھنٛڈ ییٚلہِ تَس تسنٛدی اٲدرۍ پلوٗ وُچھتھ خیال آو زِ ینہٕ تس بچارِ نمونیا گژھہِ ۔ رندھیرن ووٚن تس ”یم پلوٗ ژھن کڈِتھ ترگی“۔

تس توٚرامیک مطلب فِکرِ تِکیاز سو ہیٚژن شرمدار ہِش بَنِنۍ۔ مگر ییٚلہِ رندھیرن تس ٹِنۍ سفید دوٗتی دِژ۔ ہنا سوٗنچتھ کھوٗل تمہِ پنُن ییزاریتھ مَل اوٚ دُر گژھنہٕ ستی نوٚن اوس دژ امُت ۔ یہِ اوٚک طرف تھوٗتھ ترٛاوِن سفید دوٗتی

پننِس لنگن پیٹھ تہٕ پیٹھی دانہٕ دارسینہٕ بند مُژراونہِ ۔ یتھ
زٕ اندرلأوتھ تمہِ گنڈ اوس تژ وومُت ۔ یہِ گنڈ اوس تٕسنٛدِ لاوٕ
سینہٕ کِس دوٚبس منٛز جذب ہیوٚ گوٚمُت ۔

واریہس کالس روٗز سو پننوٚ گلی متوٚ نموٕ ستی سینہٕ
بندٕکی گنڈ مُژراوان ، یم روٗدٕ وانہِ ستی سبٹھاہ ڈٕری گمتی آسی ۔
تھٕکِتھ ژھینِتھ پٕژھ تمہِ مرہٹی زبأنی منٛز رندھیرس کہتام ۔
ییمیُک مطلب اوس "یہٕ کیاہ کرٕ مُژراونے چھنہٕ یوان" ۔

رندھیر بیوٚٹھ اٚمِس نِش تہٕ لوٚگُس گنڈ مُژروانہِ ،
مُژراونہٕ آس نہٕ کینہہ تہٕ تھٕکِتھ روٚٹ اٚمی سینہٕ بندُک اند
اکہِ اتھہٕ تہٕ بیاکھ بیٚیہِ اتھہٕ تہٕ یا شاہ گرِتھ لوٚمُنس دوشوٕے
اتھو ۔ گنڈ آو ہورنیرتھ تہٕ رندھیرن اتھہٕ روٗد اکھ ہور کُن
بیاکھ یور کُن تہٕ زٕ الہٕ الہٕ کرٕ ونہِ بیہٕ دژ ایہِ ننہِ ۔ رندھیر
روٗد رژھہِ کھنجہِ سونچان زِ تسنٛد بو اتھو دِژ نرم میٚژ کأری گر
کرالہٕ سنٛدی پأٹھی دون پیالن ہنٛز شکل ۔

اٚمی سنٛدِس صحت مند سینس اٚس پپہٕ نچ ، سو ژھہٕ

دِنٕچ وٕزتہٕ سوے تازگی تہٕ توٗت شہجاریُس کرالہٕ ہِندبو اتھومنٛز نیٚری متھن تازٕ آمنٕی بانن آسان چھِ۔ سیاہ مائیل رنگُک جوان سینہٕ یُس بے داغ اوس، زنتہٕ اکھ بدلےٕ نوٗرا پرٛ بزلان اوس۔ سیاہ مائیل رِنکہٕ رنکس بونہٕ کنہِ اوس اکھ غبارٕ ہٕژ گاشہٕ تہِ ہیوٗ تیمِّ یہِ عجیبے نوٗرزَن پأدٕ اوس کوٚرمُت یُس پرٛ بزلی پرٛ بزلی تہٕ پرٛ بزٕلان اوسنہٕ۔ تسُنٛد سینس پیٹھ بَبن ہُنٛد تھزر اوس یٕہے تالابکس گندٕ آبس منٛز دزٕونی ژأنگی زنتہٕ پیٚران باسان۔

یمے وہرأژ ہِندی دوہ أسی، بڑمجہِ کُلِکی پنہٕ وٕتھرأسی تھرِتھرمنٛز۔ أمِس وتچھِ پوٗچھِ کورِہِندی دوشوٗے پلوأسی آبہٕ ستی لتھناونہٕ آمتی۔ یِم فرشس پیٹھ أسی ژھوٹہٕ ڈیری ہیوی پیٚمتی تہٕ پانہٕ أس رندھیرس لأرِتھ گمُت۔ أمی ہِندِ ننگہٕ تہٕ مالہِ بدنچہِ گرمی اوس رندھیر ہِندِس جسمس منٛز سُہ حال پأدٕ کوٚرمُت یُس سخت سردی منٛز ناوِد ہِندِس گندٕ مگر گرم حمامس منٛز سران کران محسوس گژھان چھُ۔

رٲتی راتس روٗز سو رندھیرس ستۍ تتھۍ پٲٹھۍ نالہٕ متہٕ شوٗنگتھ زنتہٕ اکھ اَکس منٛز شور پتھ گمتۍ آسی۔ مشکلن آسن تموا کھ زٕ کتھۍ کرِمٕژ تکیاز تمن یہ وُنن بوزُن اوس تہٕ اوس شہو، وُٹھوتہٕ اتھوستۍ انداان۔ رندھیرٕنی اتھہٕ آسی بے پھرک پٲٹھۍ رٲتی راتس تسندِ سینٛگ منٛزٕ ٹلان۔ لوٕکٹۍ لوٕکٹۍ ببہٕ ٹینٛڈی تہٕ بڈۍ بڈۍ مسام یم یمن کرٕہُن داٮ۪رٕ بنتھ اَندی اَندی آسی، آسی یمن اتھہٕ لاگنہٕ ستۍ تھوٚد گرٕھان وٕتھتھ تہٕ پوٚچھہِ کور ہنٛدِس سارۍ سے جسمس منٛز آس تہٕ ژھ گرمی ٹلان زِ رندھیر اوس اَمِس لاٚرِتھ گرٕھان۔

اَمہِ قسمٕچ کیفیت آس رندھیرس ہتہٕ بدِ لٹہٕ گمٕژ۔ اَمہِ مزٕچ آس تس خبر۔ کرٕہن نرم تہٕ دوٚر سینہٕ واجنٕن کورٕہن ستۍ آسہٕ تمۍ راتٕژ گذارمٕژ۔ سُہ اوس تمن کورٕہن ہتۍ تہٕ روٚدمُت یمہٕ محض بیوقوف آسہٕ تہٕ اَمِس ستۍ نالہٕ موٚت گرِتھ آسہٕ اَمِس گرچہٕ تمہٕ سارے کتھہٕ باوان یمہٕ نہٕ غاٮ۪رس وننہٕ ین۔ تمۍ اوس تہٕ ژھن کورٕہن ستۍ تہٕ جسمٲنی

رشتہٕ قائیم کوٚرمُت یِم نہٕ تس کانٛہہ تکلیف دِہن تہٕ
سأرِے محنت کرِہن پانے مگر یہِ وینٛٹھ پوٚٹھ کوٚر یوسہٕ تمبرِ
گُلِس تَل أدرێٚژ ووٚدنہِ آس تہٕ یوسہٕ أمی اشارٕ ستی ہیوٚر
کھائجی آس سبٕٹھاہ مختلف۔

رأتی راتس آو رندھیرس أمی سنٛدِس بدنس عجیب
غریب مُشک یہِ مُشک یُس خوشبو تہٕ بدبوٚ تہِ اوس ، روٚد
سہ رأتی راتس چھوان۔ أمی سنٛدٕن کرٕژھن ، أمی سنٛدِس
سینس ، أمی سنٛدِس مستس تہٕ أمی سنٛزِ یڈ اوس یہِ مُشک
یِوان یُس خوشبو تہِ تہٕ بدبوٚ تہِ اوس ، اوس رندھیرنس
شہس شہس منٛز موجود۔ رأتی راتس روٚد سہ سونچان زِ یہِ
کوٚر پیٚژھ نزدیک روٚزِتھ تہِ روزِ ہے نہٕ پیٚژ نزدیک
اگر نہٕ أمی سنٛدِ ننگے بدنہٕ پیٹھ یہِ مُشک یوان آسہِ ہے......

یہِ مُشک اوس أمی سنٛدِس دلہٕ ودماغہٕ کِس پرٕتھ تہس
منٛز پیران۔ أمی سنٛدٕن پرانٕن تہٕ نوٕن خیالن منٛز اوس
بسیوٚمُت۔

أمہِ مُشکن أس یہِ کۄرتہٕ رندھیر اکہِ رأژ خأطرٕ گُلہٕ کٔرتھ رلہٕ ملہٕ کٔریٚمتہٕ ۔ تمہِ أسی اکھ أکِس اندر دأخل گمٕتہٕ ۔ اکھ أکی ہٕنٛدین سنیٛرن منز أسی پھٕٹۍمتہٕ، یۄت وأتِتھ تمہِ أکِس خاص انسأنی لذتس منز تبدیل زَن گمٕتہٕ أسی ۔ یتھ منز یُس نہٕ پوشہِ وُن أسِتھ پوشہِ وُن باسان اوس، یُس وُڈوکرنہٕ باوجود رٕہتھ گۄمُت اوس...... یِم دوشوَے أسی تتھی پنٛچھی بٔنیمتہٕ یِم سبٛٹھاہ پرواز کرنہٕ پتہٕ رٕہتھ گمٕتہٕ أسی ۔

یہِ مُشک یُس أمِس پوچھہِ کورِ ہنٛدِ پرٕتھ مسامہٕ منز نیران اوس، یہِ اوس رندھیرس جان پأٹھی فکرِ تران ۔ یتھہٕ کٔنی ووں گوو سُہ اوسنہٕ امیُک تجزیہِ کٔرِتھ ہیٛکان ۔ یتھہٕ کٔنی گُنہِ ساتہٕ میٛرِ پیٛٹھ آب چھکنہٕ ہٕتی کترِ بانٛگ مُشک یوان چھُ...... مگر نہ ...... سُہ مُشک اوس بدلہٕ کہتام اتھ منز اوسنہٕ خوشبوتہٕ عٕطر ہُنٛد مصنوعی عُنصر کینٛہہ موجود...... سُہ اوس بلکل اصلی...... زنانہِ تہٕ مردٕ ہٕنٛد بو رِشتوتہٕ تولوٗ قاتو

ہنٛدی پاٹھی ازلی۔

رنٛدھیرس اٲس عارقہِ مُشکس ستی نفرت۔ سُہ اوس سران کرنہٕ پتہٕ کرٛھن خوشبودار پوڈر چھکان یا اوس تیٚتھ دوا چھکان ییمہِ ستی عارقہٕ مُشک دبان اوس۔ مگر حاٚرتُک مقام چھُ یہِ زِ ییمہِ لٹہِ کرتھ پوچھہِ کورِ ہنٛدِ بن والہٕ بُرتھ کرٛھن کرٛلٹہِ مونہِ تہٕ مَن ڈوٗلُس نہٕ بلکہِ آس بدلے مزٕ۔ اٲمی ہنٛدِ بن کرٛھن ہنٛدی نرم نرم وال اٲسی عارقہٕ ستی اٲدرٕمتی تہٕ یموٗ منٛزٕ تہِ اوس سُے مُشک نیران یُس خبر آسنہٕ باوجود زن فکری اوسنہٕ تران۔ رنٛدھیرس اوس باسان زِ سُہ چھُ یہِ مُشک زانان، پہچانان، امیُک مطلب تہِ سمجان مگر بییہِ کانٛسہِ ہیکنہٕ فکرِ تاٲرتھ۔

یمے وہراٲژ ہنٛدی دوہ اٲسی ...... اَمی دارِ کنٛز ییٚلہِ تمہٕ وُچھ تہٕ برمجہِ کُلی کٔنن پنہٕ وٕتھرن اٲس تھرِ تھرٕ۔ ہوہَس منٛز اٲسی دوٗرن دوٗن تہٕ شرنہِ آواز رلہٕ ملہٕ۔ اَنہِ گٹہٕ اٲس مگر اتھ گٹہِ منٛز اوس گاش ہیوٚ تہٕ گھٹِتھ۔ زنتہٕ روٗدٕ پھیٚر بن

ءستی تارکن ہُند گاش تہِ بون وسانِ اوس...... وہرأژ ہندی یمے دوہ آسی ......یٚیلہِ رندھیرنس کٔٹھس منز ساگوان لکرِ ہُنٛد اکھ پلنگ آسان اوس۔ مگر ووٚنی اوس اتھ ءستی بیا کھ تہِ لگِتھ تہِ کُٹھِ کِس کونجس منٛز اوس اکھ ڈریسنگ ٹیبل تہِ موجود۔ دوہ آسی یتھے کٔنٛز وہرأژ ہندی۔ موسم تہِ اوس بلکُل یتھے۔ روٗدِ پھیرٕ بن ءستی اوس تارکن ہُنٛد سوٚت سوٚت گاش تہِ وسان مگر فضہس منٛز زَن اُس مائنٛزِ ہنٛز عطر تہِ بُستھ۔

دوٚیم پلنگ اوس ژھوٚرُ ے۔ یتھ پلنگس پٮ۪ٹھ رندھیر دُبہٕ ڈاف ترأوِتھ نبر کُن بزٕ مجہِ کلی کٔبن پنہٕ وٕتھرن پٮ۪ٹھ روٗدِ قطرن ہُنٛد رقص وُچھان اوس، أس اکھ سفید حسین کوٗرنبتھہِ ننہِ جسمہٕ ءستی ناکام پأٹھی پنٕن سٕتر ژھایہِ تھوان نٔیندر پیمٕژ ...... أمی سُنٛد ووزُل ریشمی ییزار اوس دوٚیمس پلنگس پٮ۪ٹھ پیومُت۔ أمی ءسنٛزِ ووزجہِ ڈورِ ہنٛدِ گوٚنداوس پلنگہٕ بون اویزان۔ اتھ پلنگس پٮ۪ٹھ آسی أمی

ہِنٛدۍ بیٚیہِ تہٕ پلوتھٲوِتھ ۔ ٲمۍ ہِنٛز سونہٕ رنگہٕ پوشہٕ واجینٛز
کُرتن ، سینہٕ بند، کچھِہ تہٕ ڈوپٹہٕ...... سارِنے اوس ووزُل
رنگ ۔ تیز ووزلی ، یِم ساری پلو ٲسی ماٗنزِ ہُنٛد مُشک
ژھٹان ۔

کورِ ہندس کرٛہنِس مستس منٛز ٲسی مُقیشہِ پیٛنٛتی گردِ
ہندۍ پاٗٹھی ہنہٕ آمٕتی ۔ بُتھِس اوُسُس رنگ ، روغن تہٕ
مقیش زِ ژور ٲلِتھ اکھ عجیب رنگ پاٗدِ کوٚرمُت ۔ بےٚ زُو
زنتہٕ سفید سینس پیٛٹھ اوٗس سینہٕ بندن ہندۍ. کچھِ رنگن
رژھِہ رژھِہ داغ ہوی ترٲوِمتی ۔

بَبہٕ آسَس دود ہشہِ یَتھ منٛز نِنجر تہٕ آسان چھُ ۔
کرٛشہٕ وال ٲسی کاسِتھ یِیمہِ کنی کرٛشن سورمہٕ رنگ
پھیوٗرمُت اوس ۔ رندھیراوس ٲمِس کورِ کُن وُچھی وُچھی
سونچان ۔ کیاہ باسان چھُنا زنتہٕ وِنی کلہِ مُژ راٲوِتھ میٛہ
یہِ اکہِ پچو صندوقہٕ منٛز کڈمٕژ چھےٚ ، کتابن تہٕ چینی بانن
ہندۍ پاٗٹھی ۔ تِکیازِ یتھہِ پاٗٹھی کتابن پیٛٹھ دابہٕ نشانہٕ پیمتی

آسان چھ تہٕ چینی بانن پٮ۪ٹھ تُلہٕ تڑاوِ ہتی کھٕہ چھ لگان یتھے کنۍ اُسی کورِ ہٕنٛدِس بدنس پٮ۪ٹھ تہِ کُنہ کُنہِ جایہِ یتھی نشانہٕ۔

ییٚلہِ رندھیرن اَمی ہٕنٛدِ چیر گنڈمژ سینہٕ بندچہِ ڈورِ مُژرِ، شانن تہٕ بروٗنہہ کنہِ سینہٕ کِس نرم مازس آسہٕ گیٚنہِ پیمژ تہٕ کمرِس پٮ۪ٹھ اَسس ڈوٗر زورٕ گنڈٕنکی نشان......

گوٚب تہٕ کونٛجل نیکلس ہتی اوس اَمِس سینہٕ تہِ زِلنہٕ آمُت زنتہٕ نَمو ہتی زورٕ زورٕ کشنہٕ اوس آمُت۔ وہرٕ اٹ ہنٛدی یَمے دوہ اُسی۔ برمجہِ کُلی کٕہن اَولہٕن تہٕ زاَولہٕن پنہٕ وٕتھرن پٮ۪ٹھ پینہٕ ہتی روٗدِ چ اُس سوے آواز نیران یوسہٕ رندھیر راتی راتس بوزان روٗد۔ موسم اوس لوٗبہٕ وُلن، سوٚت سوٚت ٹرن ہوا اوس تہٕ اتھ منٛز اوس ماَنزِ ہُنٛد خوش کرٕون مُشک رٕلتھ۔

سفید خوبصورت کورِ ہٕنٛدِس اوم دود ہوِس سفید سینس پٮ۪ٹھ اوسس رندھیر پٮ۪نن اتھہٕ سوٚت سوٚت ہوٕہکی پاٹھی پھِران۔ اَمی ہٕنٛز واوٚنگجو وُچھ اتھ سفید جسمس منٛز کرٕ

لٹہِ وُشنیر تہٕ ترٛر وولِستھ آمُت ۔ نوزُک جسمس منٛز وُچھ اٚمی گرٛژ لٹہِ ژھرٛٹہٕ ژھرٹ ۔ ییٚلہِ اٚمی پٔنٛن سینہٕ اٚمی ہِنٛدِس سینس ستیٖ لوگ ، رندھیرن بوٗز پننوٕ مساموٕ ستیٖ کورِ ہنٛزن أندرِمین تارن ہنٛز موسیقی...... مگر تہِ کتہ یہِ تمٕی پوچھہِ کورِ ہندِ پانکہِ مُشکہِ منٛز پرٛیومُت اوس ، سو کریکھ تہٕ آواز کتہِ...... سو آواز یوسہٕ دوٕدِ شُری ہِنٛدِ ودنہٕ کھوتہٕ زیادٕ فکرِ ترِ ہے...... سُہ نادیُس بول چالہِ ہِنٛدِ حدٕ نبر نیٖرتھ بےٚ آواز گوٚمُت اوس۔

رندھیر اوس سیکھہٕ دارِ کِنی نبر کُن وُچھان ۔ تَس نکھے اٚسی برمجہِ کُلکی پنہٕ وٕتھرالان مگر سُہ اوس پننہٕ وٕتھرو منٛز دوٗر تام وُچھنٛج کوٗشش کران...... ییٚتہِ تس میٚرٛ رنگہِ اوٚبرٕ منٛزی اکھ عجیب وُنلہِ دار گاش لبنہٕ اوس یوان ۔ یتھٕ پاٹھی تمِس تس پوچھہِ برِ ہندِ سینہٕ منٛز لبنہٕ آمرٛ اٚس ، ترٛ ھ پرٛو یوسہٕ سِر ہِش وٕلِتھ مگر ظاٗہر اٚس۔

رندھیرس اٚس لرِ سفید خوبصورت کوٗر یُسنٛد پان

دۄد تہٕ گیوٗ رلاوِتھ آٹکی پاٹھی مُلائم اوس...... اَمی سِنٛدِ لَر ترٲوِتھ پانہٕ منٛز اوس مائنزِ دار عطرِ ہُنٛد مُشک ژھٹہٕ ماران۔ یُس زَن وۄنی ژھوکیومُت اوس ۔ رندھیرس اوس وۄنی یہِ مُشک مۄدمُت باسان تہٕ سیٛٹھاہ اوٗسس ناگوار باسان ۔ اتھ منٛز اوس اَمِس ژۄکرٕ ے باسان ، اکھ عجیٖب ژۄکبر یتھ پھکہٕ ڈاکرس منٛز باسان چھُ۔ رنگہٕ رۄس...... چھینٛد ریومُت۔

رندھیرن ترٲو پانس لَرِ شوٗجمٕژ کورِ کُن نظراہ تہٕ باسیوس یتھ کٔنی پھٔٹی مِتس دۄدس منٛز سفید تہٕ بےٚ زۄ پھٔلی چھِ رۄزِتھ گٔمتی آسان تِتھے پاٹھی چھِ سارٕ ے نسوٲنیت اَمی سِنٛدس جسمس منٛز رۄزِتھ گٔمٕژ ، سفید پھلین ہندی پاٹھی ...... دراصل اوس رندھیرنس دِلس تہٕ دماغس منٛز سہٕ مُشک بِستھ گۄمُت یُس کُنہِ تہٕ کۄششہِ ورآے ژھٹنہٕ یوان اوس، یُس مائنزِ تہٕ عطرِ کھوتہٕ لۆت تہٕ پوشہِ وُن اوس ، یتھ نہٕ نستہِ ستی کھاژنٕچ ضرورت آس ، یُس پانٔی

پانے نستہٕ کنۍ اٲژتھ پننس مقامس واتان اوس۔

بیٚیہٕ کر رندھیرن اَخرس کوٗشش اَمی ہنٛدِس دوٚدٕ پانس پتٕھ اتھٕ پھیرتھ مگر اَمِس گوو نہٕ ہر صدا...... اَمی ہنٛزٕ نوٗ مہرٕ ٹنٛز یوسہٕ فرسٹ کلاس مجسٹریٹہٕ ہنٛز کوٗرٲس تہٕ بی۔اے کوٚرمُت اوسُن، یوسہٕ پننہِ کالجہ ہتہٕ بدٕہن لڑکن ہندِ دِلچ دُبرائے اَس، ہیچ نہٕ رندھیرس گرماٲوِتھ......سُہ روٗد مائنزِ ہندِ پھر کاوٕرِ عطر منٛز سُہ مُشک ژھاران یِیلہِ وہراٲژ ہندٕہن تیتھی نٕے دوٕہن یلہٕ دارِ نیٚبر کنہِ برمجہِ گُلکی پننہٕ وٲتھر روٗدٕ سران کران اَسی، یُس تمِس پوچھہِ برِ ہندِ مائکہٕ پانہٕ منٛزٕ یوان اوس۔



# ہندریار

---

## HINDRYAAR

(Kashmiri Translation of Selected Short Stories of S'adat Hassan Mantoo)

کأشرِس تخلیقی نثرس چھِ وۄنی وارِیاہ رنگ تہٕ اسلوٗب۔ مگر اکھ رنگ یُس اَتھ منز عنقا اوس سُہ گوٚو اِنسأنی جذباتن تہٕ احساساتَن ہُندِ بے واتہٕ اِظہار۔ یہِ چھےٚ نہایت شادمأنی ہِنز کتھ زِ عظیم افسانہٕ نگار سعادت حسن منٹو سٕندین لافأنی افسانن ہُند کأشر ترجمہٕ سپُد تہٕ پیش کأشر نثرچ یہِ کمی تہٕ پوٗر۔ توقع چھِ یِم افسانہٕ پٔرِتھ سپدن کأشرس منز فِکشن لیکھن والی متأثِر تہٕ تم پانہٕ تاوٕن اَتھ۔

"ہندریار" ناوِچہِ افسانہٕ سومبرنہِ منز شأمِل افسانہٕ مثلاً "ٹھنڈا گوشت"، "ٹوبا ٹیک سِنگھ"، "گولی" بیتر چھِ کأشرِ پرَن والین برونٹھے وینہِ۔ مگر یِمن ہُند کأشر ترجمہٕ پٔرِتھ کرَن تِم اِنسأنی زندگی ہِندین تلخ تہٕ شیرین پہلوٕن ہند زیادٕ سروٚن تہٕ پوشروٚن عرفان حأصل۔ یِمو افسانو ستی سپدن زیادٕ زیادٕ پرن وألِ تہٕ کأشر فکشن پرنس کُن راغب۔

ڈاکٹر محفوظ جان چھےٚ پانہٕ تہٕ محقق تہٕ شاعر آسنس ستی زانہٕ ماننہٕ آمت کأشر افسانہٕ نگار۔ یِمو خوبصورت نثرس منز حقیقتَن تہٕ دانہٕ تہٕ باغیانہٕ اظہار دِتھ کأشرس افسانس زمتر اوٗن لایق اضافہٕ کوٚرمُت چھُ تہٕ کأشر فکشنکی نقاد چھِکھ ازکس افسانس متعلق تواناہٕ سوچنس پیٹھ مجبور کرِمتۍ۔

شفیع شوق